تمی آسہ ژوہمژ لولہِ ہتھن کار پتھن ستی
یا آسہ شوٗنگمت میانہِ دِلہِ کنہن نار تتھن ستی
ننہِ کیاز ووشلیومت چھُ بالن ژھایہ صحک واو
مژراوی برٛی تے وار ویسی، سونتھ ہے سالہِ آو

یہِ نظم ییلہِ مےٚ پوٚرتھ ووتھ گژھ ''ییٚہِ پرٛو، ییٚہِ پرٛو۔'' یہِ اوسُس دستار پچا دِتھ کوٹھ زُ ناہ ناگی ژہتھ، ہوٚکھمُت، صحتہِ کنِ تیُوت کمزور زِ ووٚنُس اُسم شیٹھ پونڈ وٚتھی ہتی، مگر کیاہ نام اوسُم دِلس ڈبڈرٹلان، ییمہِ نِے دوہَن اُس شیخ صابَن ''کوئٹ کشمیر'' تحریک شوٚروٗ کرمژ۔ مےٚ اوس جیرِ آمُت، دپیوم کانہہ وتہِ ہاوٚکھا گوٚ ژھم سمکھن تیتھ زِیہِ ہاوِہَس پٔنِنِ دأدی۔ 1931ہَس منز ییلہِ ذِمہِ دار نِظام حکومتہِ باپتھ جدوجہد سپز شوٚروٗ، تتھ جدوجہدس لوٚگ میانہِ نِے اُردو شارن پیٹھ کن......

''مزدور کا خواب''، ''مزدور کی موت'' تہِ ''میرا کشمیر'' ییم ترٛےنظم پرٛ سے یہِ مےٚ تمہِ نِے جلسن منز تہِ پُلسن تیوٚنس رٹیتھ۔ مےٚ گرٛے یکھ خانہِ تلاشی۔ سورٕے اُردوٗ کلامہِ تیوٚ وپلیسن ضبط کرٛتھ۔ تمہِ پتے گوس بہِ بیمار تہِ تمہِ پتہِ دژاس 1946ہِ منز ییٚہِ یہِ مارکس منز پھُٹمُت شر پرٛ ہیتھ۔ اَمہِ پتہِ چھنہِ مےٚ خبر زِ کیاہ سپُد۔ اَکھ زبردس اِنقلاب ووتھ۔ یہِ اوسُس تحت الشعورِ کی پأٹھی اَمنگ اَکھ اَنگ بنیومُت۔ شیخ صاب آو ترٛ اونہِ۔ مُلکس گیہِ تانہِ باگےٚ۔ یہِ اوسُس جیمہِ، ووٚیم داندِ گاڑِ کیتھ نیرٛ نبرٛ مگر ووٚتُس کشیرٛ۔ اَتہِ اوس ژوپأری اَنہِ گوٚٹ۔ مہراج صاب اوس ژوٚلت۔ لوٚکھ اُسی وتہِ پیٹھ نار زالتھ ہیتھ بچہِ بوٚندوٗق ہتھ پہر دِوان۔ یہِ ووتُس راتھ کیٔت لال چوک تہِ کوٚرہَم لوٚگو گیرٛ۔ شام لال صرافس تہِ جیالال کیلمس پییہِ نظر۔ تمو پرٛ زنووس۔ زِنی جوراہ دِتی ہم ستی تہِ ووتھس گرٛ۔ ستہِ اُسی بدلے کمتام روزان۔ یہِ ژاس ہمسایَن ہُند گرٛ۔ ژون دوہَن ہُند بسری بتہِ کھیوٚم۔ صُبحن ووتھس چھسن زنانہِ تہِ کوٚر ژھاران زِ

تم کتہٕ چھہٕ۔ واتان واتان ووتُس امراکدل۔ پَتہٕ مَتہٕ پِزٔ ژھُکی توکُس وُگہٕ ووڈ گو ظأہر۔

ژٕ چھُکھ کٔشیر ہُنٛد جوان
تٔلِن ژٕ نے چھے آلُک نِشان
ژٕ گنٛڈ کمر تہٕ تُل کمنٛد
ستارٕ سون کر بُلنٛد
کٔشیر ہنٛز ژٕ شان بَن
ژٕ میر کاروان بَن
کٔشیر پاسبان بَن
ژٕ نار چھُکھ اَلاو چھُکھ
ژٕ یاونُک جَلاو چھُکھ
اگر ژٕ سوٗنتہٕ واو چھُکھ
ژٕ نیر اوٚبرٕ تَلٕ کھٔژتھ
ژٕ نیر کوہ تہٕ وَن ژٕٹتھ
شہید نے ژٕ شان بَن
ژٕ میر کاروان بَن
کٔشیر پاسبان بَن

بہٕ اوسُس یہ نظم ہیتھ وۄتھمُت مُجاہد منزِل۔ تمن دوہن اُسی لوٗکٕٹ جوان تتہٕ سٹیج رٕٹتھ۔ مےٚ زَچہٕ متِس کُس پزٕ ژھہ ہے۔ اُتھُس کیتھ اُس نظمس موٗرَن موٗرَن لکنہٕ یتی میٛٹ گُمرٕ۔ اَتہٕ پچھوٗنس نہٕ بہٕ کانٛسہٕ اُچھو تہٕ کھورٕ و چھسکھ ہاوان زِ بہٕ ہَسا چھُس سُے۔ پوٗز اَتھ جتہٕ جوشس منزٕ کُس پزٕ ناوِہم۔ اٚخر کوٚر مےٚ جگرٕ تہٕ ووتُس سٹیجس نِش۔ اَتہٕ چھُ کُستام سَردار کیاہتام پران۔ مےٚ ووٗنُکھ "مےٚ تہٕ دِیِو زٕ منٹ۔ ضِلہٕ صَدرٕ اوس غلام محی الدین قرٕ۔ تمۍ وُچھ میوٗن شوٚنٛڈ تہٕ دوٗ پُن نہٕ۔ بہٕ اوسُس بچوٗر ہیوٗ۔ اٚخر پییہٕ بخشی صأبس مےٚ پیٹھ نظر۔ ووٗنُس اَمِن ساٚز منٹ دِیوٗس۔ شیخ صأب آو

اَمی وَقتہٕ۔ مےٚ وۄن بخشی صأبَن وولہٕ پَر۔ یِنہٕ لیلا ویلا پَرکھ۔ مےٚ پوٚر ریوہے بأتھ۔ سارِنے گو دَم، عَقلہٕ بقل گیٚکھ۔ زِ ے مِنٹ لگی بأتھ پَرنس۔ یَگاہ چھُس بہٕ نیٚندرِ ووتھان زِ سوم ناتھ زِتشی پیو وأتتھ۔ دۄپُن اَز چھُ جلسہٕ خبہٕ کٔڈلہٕ۔ توٚہۍ ییو تور مگر بأتھ ہیتھ۔ مےٚ دۄپمس یہِ بأتھ چھُنہٕ تتہٕ پَتہٕ پَرُن۔ تتی پَرِ بہٕ بدل بأتھ

بہٕ بابہِ پَننہِ کیاہ وَنے

ژےٚ گژاو گرنہٕ وارِیاہ

ژےٚ گلہٕ تہٕ چھی گرزٕ سبٹھاہ

مگر مےٚ یوٚ ڈچھُ تأ جبا

ژےٚ دیوٕ نہٕ کینٛہہ تہٕ گوٚ ے پَسند  ژھینی ژےٚ پژ اأنی قأد بند

غولأمی ہِندی فِریب۔ فَند

اَتُس تہٕ ژےٚ بأری چھا

پَتہٕ ژےٚ سوے بِگأری چھا

بَرتھ ژےٚ اَشکہٕ ٹأری چھا

چھُنا تُمس تہٕ ماے چأنی

آزاد تییٚمۍ کوٚرُ ے وَطَن  آباد تییٚمۍ کوٚرُ ے چمن

چھُنا تُمس تہٕ ماے چأنی

سُہ پھیوٚر پانہٕ جیلہٕ نے

ژےٚ یتھ حقوٗق میلہٕ نے

علیٰ ہذالقیاس تمہٕ دوہہٕ پیٹھ گوٚس بہٕ کٔشیرِ مشہوٗر تہٕ مےٚ لوٚگ نہٕ پَتہٕ کُنہٕ وَقتہٕ شأیری تھوٚپ۔ یوسہٕ مےٚ پَننہٕ خُبہٕ، مُحبتہٕ تہٕ مایہٕ ستۍ بڑوٚنٛھ کُنہٕ وُچھ۔ زَن مےٚ سمجھ پئیٚز مأج، یوسہٕ کینٛہہ ؤری بڑوٚنٛھ سورگواس اُس گأمُت۔ بہٕ آس نہٕ اَتھی کُنہٕ۔ باسیوٚم

گُستام آلو چھُ مےٚ پأنس گُن لمان۔ سُے آلو یُس میأنؠ مأج تمہِ وِزِ گنگرأوِتھ اُس وَنان۔

مَنہٕ کٔے مےٚ گِلہٕ ٹوٗر ژوٗرِ ژوٗل
مَتہٕ سوٗنتہٕ وَتھ کونہٕ۔ پھوٗل
گُمہٕ شاپہٕ روٗدُم ژھایہٕ۔ ہوٗل
گوٚو زانہٕ کٔمۍ ہیٚژ مایہٕ ووٗل
کیاہتام چھُ گومُت بُلبُن

(سوٚنٛدر ردٕبد)

یہِ گنگراوُن چھُ مےٚ اَزتہٕ یاد۔ یہِ گنگراوُن روزِ مےٚ دوہَے یاد۔

دینا ناتھ نأدِم

☆☆☆

# نعرۂ شباب

وۄتھن چھِم
وۄتھن چھِم جنگُک ساز سامانہٕ لاگِتھ
کرُن گتھ گرس پتھ مےٚ پرٕوانہٕ لاگِتھ
تہٕ دیوانہٕ لاگِتھ
پنُن خوٗن دِتھ چھِم وطن شولہٕ ناوُن
مےٚ چھِم تازٕ یاوُن
مےٚ چھِم تازٕ یاوُن، مےٚ چھِم تازٕ یاوُن

لڑُن چھِم
لڑُن چھِم محاذن اندر رٕسر حدن پیٹھ
کھیَن خندقن منٛز، وتَن وتہٕ پدٕ بن پیٹھ
پکَن پیٹھ وتَن پیٹھ
بہٕ قومی سپاہ چھُس، وطن چھِم بچاوُن
مےٚ چھِم تازٕ یاوُن
مےٚ چھِم تازٕ یاوُن، مےٚ چھِم تازٕ یاوُن

تُلُن چھم

تُلُن چھم ، طُفان دُشمَنَن لَشکَرن منٛز
گرٛزُن چھم مےٚ گگرایہِ زَن محشَرن منٛز
وَتَن بازرَن منٛز
ووٚزِ لی نعرٕہ دِتھ چھم جہاں اُلراوان
مےٚ چھم تازٕ یاوُن
مےٚ چھم تازٕ یاوُن ، مےٚ چھم تازٕ یاوُن

پکُن چھم

پکُن چھم مےٚ جمہوٗرکین مَشوَرن پٮ۪ٹھ
نظر چھم مےٚ کشیٖرکین رَہبَرن پٮ۪ٹھ
تہٕ بیٚیہِ کأشرن پٮ۪ٹھ
مےٚ دُنیا چھُ مِلہٕ ژارٕ رَنٛگی گُن بناوُن
مےٚ چھم تازٕ یاوُن
مےٚ چھم تازٕ یاوُن ، مےٚ چھم تازٕ یاوُن

پھِرُن چھم

پھِرُن چھم مےٚ نوٚ وروٚخ جماعتَن سماجَن
اصوٗلَن ، خیالَن رُسومَن ، رِوا جَن

بڈٕ بن سامراجن
چھُ دوگنیار کأستھ ہشر آزماوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن، مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

گرُن چھُم
گرُن چھُم مےٚ پیدا نوٚوُے اَکھ جہاناہ
نوٚوُے آدمانوٚ وزٕمین آسمانا
نوٚوُے نوٚو زَمانا
نوٚوُے سوٗنت ہَر داہ نوٚوُے ہارشٕ اوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن، مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

اَتھ چھُم
اَتھ چھُم بُنیُل مارگن محفِلَن منٛز
مےٚ چمکُن چھُ الیأنیٚ ہیتھ وُزمَلَن منٛز
نَبس پیٹھ دِلَن منٛز
چھُ آسُن نہٕ آسُن ہٹاوُن مِٹاوُن
مےٚ چھُم تازٕ یاوُن

مےٚ چھُم تاز یاوُن، مےٚ چھُم تاز یاوُن

لیکھُن چھُم
لیکھُن چھُم مےٚ تقدیر نوٚو مُفلِسن ہُنْد
یتیمَن، گلبن، عاَرتبن بےٚ بَسن ہُنْد
موٗنڈ ن بیکَسن ہُنْد
شوٚنگِتھ قِسمتاہ چھُم یِہُنْد وُزناوُن
مےٚ چھُم تاز یاوُن
مےٚ چھُم تاز یاوُن، مےٚ چھُم تاز یاوُن

بھرُن چھُم
بھرُن چھُم مےٚ نوٚو جوش پرٛانین ترانَن
گرُن کیاہ مےٚ فرسوٗدٕ رنگین فسانَن
تہٕ پرٛانین نِشانَن
مےٚ چھُم لولہٕ مَس عالَمَس بأ گراوُن
مےٚ چھُم تاز یاوُن
مےٚ چھُم تاز یاوُن، مےٚ چھُم تاز یاوُن

(۱۹۴۷)



# نعرهٔ اِنقلاب

(۱)

ژٕ چھُکھ کشیرِ ہُنٛد جوان    تُلُن ژٕ نے چھےٚ آلگ نشان
وُ چھان ژٕ نے کُن چھُ دژُس جہان
ژٕ گنٛڈ کمر تہٕ تُل کمنٛد    ستارٕ سون کر بُلنٛد
کٲشیرِ ہُنٛد ژٕ شان بَن
ژٕ میرِ کاروان بَن
کٲشیرِ پاسبان بَن

(۲)

ژٕ نار چھُکھ اَلاو چھُکھ    ژٕ یاونٛگ جلاو چھُکھ
اگر ژٕ سونٛتہٕ واو چھُکھ
مَہ روز اڈ برٕ تَل کھُٹِتھ    ژٕ نیر کوٚہ تہٕ وَن ژٕٹِتھ
طُفان تُل طُفان بَن
ژٕ میرِ کاروان بَن
کٲشیرِ پاسبان بَن

(۳)

گرٛزٕ ک تہٕ آبشار زن          پرٛزکھ تہٕ لالہٕ زار زن
کھٔنِتھ شَفَق تہٕ نار تار زن
چھےٚ چانٛی گرٛز تہٕ بیٛنہٕ قدَم          ژےٚ تازٕ یاونٛک قَسَم
تلٕک پنٛٹھچ زبان بَن
ژٕ میرِ کاروان بَن
کٔشیرِ پاسبان بَن

(۴)

ژےٚ کیاہ گرٛن چھُ حاصلس          مہ پرٛاروونٛی ژٕ قافلس
ژٕ نیر برٛونٛٹھ منٛزلس
دِوونٛی اِرادٕنٕے جلوَ          چھُ وتھ تہٕ صاف ترٛ اودَو
ژٕ سون زُو تہٕ جان بَن
ژٕ میرِ کاروان بَن
کٔشیرِ پاسبان بَن

(۵)

مَہ روز ووٚنۍ غَمُک اسیر        ژٕ ےٚ کیٚاہ گَری تُفنگ و تیر

ژٕ ےٚ رأچھ چھےٚ پَنٕنۍ کُشیر

ژٕ گَنٛڈ سِلحہ تہٕ زین جَنٛگ        ژٕ پَنٕنہِ خوٗنہٕ جامہٕ رَنٛگ

مُرِتھ ژٕ جاودان بَن

امیٖر کاروان بَن

کُشیٖر پاسبان بَن

(٦)

وَدُن رِوُن یہِ شبنَمُک        اَسُن پھولُن چھُ گُلشنُک

وَطَن یہِ زِنٛدٕ تھاوُنُک

چھُ اَکھ اصوٗل کارگر        ژٕ سَر پَنُن نِثار کَر

شہید نوجوان بَن

امیٖر کاروان بَن

کُشیٖر پاسبان بَن

(۱۹۴۷ء)



# گژاو

ژٕ بھایہٕ پنٕنہٕ کیٛاہ وَنےٚ

ژٕ گژاوِ گرنہٕ وارِیاہ
وٕنۍ ژٕ گلہٕ تہٕ چھی سبٹھاہ

مگر مےٚ بوٚڈ چھُ تاٛجباہ

ژٕ دیوٚنہٕ چھےٚ یہٕ کینٛہہ پَسنٛد
ژھینۍ ژٕ پژٕ اٰنۍ قاٛدو بَنٛد

غولاٛمی ہنٛدی فریب وفَنٛد
نُمتھ یہٕ سَر تہٕ گوٚ بُلنٛد

ژٕ دیوٚنہٕ اَوے کینٛہہ پَسنٛد

کھوٚتُے گگَن تہٕ چاوژٕ
کھوٚتُے نبَس تہٕ ناوژٕ

ہُژ یوے مول تہٕ بھاوژٕ

ژٕ دیوٚنہٕ چھےٚ یہٕ کینٛہہ پَسنٛد؟

نَہ دِیُن خراج و باج چھےٚ
نَہ پژون سامراج چھےٚ

پٔنُن ژٕ لوٚکہٕ راج چھےٚ!

گتھاہ وَنےٚ یہٕ صاف صاف
خطا مگر مےٚ تھوٚی زِ معاف

اگر یہٕ زیٛادِ ویوٚٹھ وَنےٚ
موٚ دُر وَنےٚ نَہ ٹیوٚٹھ وَنےٚ

ژٕ چھےٚ نَہ شَرم چھےٚ نہٕ ننٛگ
ژٕ چھےٚ نہٕ جوش یا اُمنٛگ

نظر تہٕ ژھوٚٹ دِل تہٕ تنٛگ

نۍتےٚ ژٕ وَنتہٕ بےٚ دَرنٛگ

اَتُس تیتےٚ ژٕ نۓ باُرِ چھا؟ پتہٕ ژٕنۓ سوۓ بیگاُرِ چھا؟
بُرتھ ژٕنۓ اَشکہٕ ٹاُرِ چھا؟
ژٕنۓ دِوٕ نہٕ پیٚھے ییٚہ کینٛہہ پَسنٛد
وُچھَن ژٕنۓ کُن چھُ درٕس جَہاں زٕ گتھ چھُ چاٗنۍ دِژٕ ۓ گَران
ژٕ تو تہٕ واۓ وٕ ۓ گَران
ۓ نۆن چھامہٕ چاۓ چھا تہٕ کاٗنسہٕ تہٕ میٲنۍ ماۓ چھا
چھُنا تِمَس تہٕ ماۓ چاٗنۍ ؟
آزاد ییٚمی کوٚرُ ۓ وَطَن آباد ییٚمی کوٚرُ ۓ چَمَن
چھُنا تِمَس تہٕ ماۓ چاٗنۍ
دِینٛتہٕ ژٕنۓ سوکھ تہٕ شاُدی ییٚمی تِمی ژٕنۓ دوکھ تہٕ داُدی ییٚمی
چھُنا تِمَس تہٕ ماۓ چاٗنۍ
سُہ پھیٚوٕر پانہٕ جیلہٕ نِۓ ژٕنۓ یتھ حقوق میلہٕ نَۓ
چھُنا تِمَس تہٕ ماۓ چاٗنۍ
کُلِس مُنٛدِس اَنُن ژٕنۓ زِیو اِرادٕ نِۓ دیٛتُن جِلو
ژٕ تو تہٕ واۓ وٕ ۓ گَران
ۓ نۆن چھامہٕ چاۓ چھا تہٕ کاٗنسہٕ میٲنۍ ماۓ چھا
نَساُ تِمَن پیٚھے ماۓ چاٗنۍ
ژٕ لٕۍ ییٚمو تھٕر بَن ژٕنۓ پوش یِمَن چھُ لوٗٹ ماررَوش

نسأ تمن چھےٚ ماے چأنۍ
یَمو گُلن وُڈاۍ وخاک — یہُند عَمل چھُ شرمناک
نسأ تمن چھےٚ ماے چأنۍ
یمو ژٕنے گرِ تہٕ بارز اۍلی — یمو ژٕنےٚ شُری تہٕ بأژ گاۍلی
نسأ تمن چھےٚ ماے چأنۍ
یَمن ژٕنے مارٕنک جنوٗن — یَمن ژٕمن چھُ چون خوٗن
نسأ تمن چھےٚ ماے چأنۍ
یَمو کشیر زاۍج چأنۍ

تہٕ زانہٕ ہے بلاے چأنۍ
ژٕنے کیاہ یَمن کتھن سَنن — ژٕنے چھےٚ پنُن بنُن وَنن
ژٕنےٚ چھےٚ نہٕ نوٗن ہکھ وَدُن — قصوٗر تَس تہٕ ہکھ لَدُن
آزادیچ کوٗرُ ے وَطَن — آبادیچ کوٗرُ ے چمَن
پتیٚ نسأ ژٕ بوز سأ
دَماہ ٹھہر تہٕ روز سأ
خَبَر دَیس یہٕ کیاہ گوٗمُت — تمِس یہٕ کونہٕ ظوٗن پیوٗمُت
یہٕ کوہ مری تہٕ بانہال — پہاڑ، مرگ، وَن تہٕ بال
تھوٗ ے نہٕ أندری أندری مےٚ زَن — مےٚ آسہےٚ نہٕ یتھ وَطَن
پھوٗلی نہٕ زَن مےٚ دارِ پوش

## کٲشرِ زَن کھَسی نہٕ بوش

پیٹہِ ہےنہٕ سوٗنتھ وارِ نے — نِشاط شالہٕ مارِ نے
وُزِ ہے نہٕ پوٗنی ناگہٕ نے — وُچھن نہٕ گوش باغہٕ نے
بووے کھَھن سبھ تہٕ ڈاکھ — گرٛھن زمینہٕ کھَوتہٕ چاک
امیُک تہِ کیٛاہ مےٚ اوس غَم
مےٚ توتہِ آش روزِ ہسم!
مےٚ نوٗن چاے واتہِ ہے — تہٕ ہَتھ بَلاے واتہِ ہے

(۱۹۴۷ء)



---

یہِ نظم پُرٕ نأدِم صأبن 1947ٕ منز جیٛہ کٕلِ چوکس منز۔

# کٲشرِ ہُنٛد دعویٰ

مِلہٕ ژارِ ءستی دُنیا مےٚ چھُم یکسان بَناوُن
مےٚ چھُ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہٕ اِنسان بَناوُن

ہیوٚنٛد میلہِ سِکَس ءستی، ہیٚنٛدِس ءستی مُسلمان
وۄن کُمٕ یمَن بیوٚن بیوٚن چھ، کُنی ماجہِ ہِنٛدی سنتان
کٲسِتھ مےٚ حَسدٕکی کُنٛڈی چھُ گلستان بَناوُن
مےٚ چھُ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہٕ اِنسان بَناوُن

شمشان بنیومُت چھُ ہندوستان پاکِستان
تَنہٕ خوٗنہٕ برِتھ جامہٕ وٲلِتھ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان
مَس لولہٕ گےٚ چھُم بازرَس اَرزان بَناوُن
مےٚ چھُ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہٕ اِنسان بَناوُن

مۆزوٗر ہٮ۪نٛدِس حأصلَس زَردار گَریا ژوٗر؟
تُلہِ کٲژِ گُگلَن گیٛوٗر گٲرِتھ مانٛچھ تُلر ویٗر
جمہوٗر لَگَن ہُنٛد چھُ عأ لی شان بَناوُن
مےٚ چھُ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہِ اِنسان بَناوُن

کوٚت تام زَرَس بوٗش، سَرَس تاج أمیٖرَن
کوٚت تام آسَن وول رَتَس زاگہِ غریٖبَن
تقدیٖر آدم سُنٛد مےٚ سبٹھاہ جان بَناوُن
مےٚ چھُ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہِ اِنسان بَناوُن

یَتھ جایہِ گُنٛژ آسہِ دِلَن شوق، گُنی تڑاے
گُن جوٗش، گُنٛژ ہوٗش، گُنی ماے، گُنی راے
تَتھ جایہِ چھُم نوِ لولہٕ گُے أستان بَناوُن!
مےٚ چھُ ہیوٚنٛد تہٕ مُسلمان بیٚیہِ اِنسان بَناوُن

(۱۹۴۷ء)



# سۄ وِز

سۄ وِز ییِلہِ میۆن غأرتھ سپنہٕ دأرِتھ نیرِ طوٗفانس
پھُٹن دَنٛد ہَرِ داوَس زرد رَنٛگ گَژھ کالہٕ اَسمانس
گَژھن گگرایہِ دَم پھُٹ ژٕر کھَسہِ زردار شیطانس
ژرٕٹن شاہ لوسہِ نَبہٕ گرٕزنی کوٚل گوٗہتھ ییٚہِ دوٗر وأرانس
سۄ وِز ییِلہِ میۆن غأرتھ سپنہٕ دأرِتھ نیرِ طوٗفانس

سۄ وِز ییِلہِ میأنۍ ہِمَتھ ژونٛگ لأگِتھ پھیرِ اَسمانس
بِسَر لَگہِ وُزمَلن دِن ہأج باوَن چاک دامانَن
لَگن سوتہٕ شرٛانہِ بے کَس نبتھ تَنن مُفلِس کوہستانن
وُٹِتھ گنٛڈِ نار اوٚبرَس تارگن وُزِ رِیہہ شمع دانن
سۄ وِز ییِلہِ میۆن غأرتھ سپنہٕ دأرِتھ نیرِ طوٗفانس

سۄ وِز ییِلہِ میأنۍ رَحمتھ داو لأگِتھ اَژِ گلستانس
وۄتھن تھۄد بَرِ گُمتی گُل تھۄد وُتھِتھ گُلزار وُزناوُن
ییٚمبرزَلہِ لولہِ پھوکھ لأتِتھ گُلابن نار وُزناوُن
سُہ یُس گَرِ دوٚن گُنٛڈ سیتار تُمچی تارِ وُزناوُن
سۄ وِز ییِلہِ میۆن غأرتھ سپنہٕ دأرِتھ نیرِ طوٗفانس

سو وِز ییلہِ میأنۍ سیرت چھوٚنہِ لا گتھ نیرِ دامانس
خیالن مُشکہِ امبرین تمنا وَچھ ژٕٹتھ نیرن
بہارِکی جامہِ ؤلی ؤلی رٔے گمتی ارمان پوٚت پھیرن
بڈتھ حسرت لوٚکٕٹ گوٚڈی گوٚڈی کھسن دِو دَوِستن ہیرن
سو وِز ییلہِ میوٚن غارتھ سینہِ دأرِتھ نیرِ طوٗفانس

سو وِز ییلہِ میأنۍ حکمتھ شیرِ پھٕٹمت بخت اِنسانس
گجر ژلہِ بے زبانن زیوٚ ہجر گژھِ دوٗر تدبیرن
غلامن پین ؤستھ زوالنہِ گژھِ زَن سوٗر زنجیرن
موٗزوٗرن بوٗش کھسہِ محنت گژھن ہُرِ نوٗر تقدیرن
سو وِز ییلہِ میوٚن غارتھ سینہِ دأرِتھ نیرِ طوٗفانس

گٔژ گوٚژھِ دوٗن جہانن لولہِ مَس گژھِ عالمس جأری
جمہوٗرک تاج دِتھ گرِ راج لاچأری تہِ نادأری
وَسن یون زوٗن تارکہ برِی یہِ پتھرِس پیٹھ سمن سأری
سمتھ دِن میٹھی شیرس نادِمس آزاد اِنسانس
سو وِز ییلہِ میوٚن غارتھ سینہِ دأرِتھ نیرِ طوٗفانس

(۱۹۴۷ء)

☆

# یَراد

وُشن وُشن ووزُل ووزُل ووزُل ووزُل وُشن وُشن!
وُشن وُشن ووزُل ووزُل چھُ خون میون!
جوان چھس طُفان ہیُو طُفان ہیُو جنون میون

مے شوق چھُم کشیرِ پیٹھ فِدا گژھن تہٕ جان دِین
بہٕ واو چھس مے کیاہ کرِم یہٕ آولن یہٕ آولن
مَلکھ بُتھ پرٛنیا ڈلن اندر ہُنن کھُٹِتھ ہُنن
بُنن چھُ یوٗپ دُشمنن چھُ دِین لُہن چھُ دِین لُہن
تَوے تَوے وُشن وُشن ووزُل ووزُل

بہٕ شاد چھس کرُن وَطن آزاد چھُم آزاد چھُم
گُلشن کَڈِتھ کرُن چمن آباد چھُم آباد چھُم
وَدُن رِوُن پتھ تہٕ وارِ یاد چھُم مے یاد چھُم
نوٚوُے مے جوش چھُم نوٚوُے یَرادِ چھُم مُراد چھُم
تَوے تَوے وُشن وُشن ووزُل ووزُل

دَزُن دُزِتھ گرٛزُن مےٚ کوٚر اِشارِ نارِ وُزمَلو
تَلُک پیٹھٕک مےٚ بوو سیر بے قرار زَلَزلَو
رَگَن مےٚ خوٗن بوٚر نوٚوُے شہید مزارکیو گُلَو
شَہَن وُپھُن مےٚ ہوو زیو مےٚ أزٕ بہارِ بُلبُلو
توَے توَے وُشُن ووزُل ووزُل

یئٚمبرزَلن تہٕ سوٚمبلَن أچھَن چھُ نوٚو خُمار ہیٚو
غریب گرٛپستِس گران أمیر زارِ پار ہیٚو
بُڈِتھ وومیدٕنے چھُ لوکچار نَو بہار ہیٚو
دِلَس اندر مےٚ پرٛون وَلولا چھُ بیقرار ہیٚو
توَے توَے وُشُن ووزُل ووزُل

دَزَن چھِ میأنٕی وَنِ تیٚم قرار کیٚاہ قرار کیٚاہ؟
رِوَن چھِ میأنٕی گُل تیٚم مےٚ وار کیٚاہ مےٚ وار کیٚاہ؟
بیٚہ کونسلَن تہٕ فاصلَن تہٕ پرٛارِ کیٚاہ بیٚہ پرٛارِ کیٚاہ؟
تُلُن مےٚ نار چھُم گرَبم مےٚ نار کیٚاہ مےٚ نار کیٚاہ؟
توَے توَے وُشُن ووزُل ووزُل

یَراوِ چھم بہٕ ہاوِ یاوُنک بہار عالمس
بہٕ سوٚنتہٕ واوِ پأٹھی کرِ چگر نِثار گُلشنَس
رَنگن بہٕ پَننہِ خوٗنہٕ کھارِ مول بہٕ وارِ شبنَمس
بِنتھ بُنیُل تہٕ نار کرِ بہٕ لارِ لار دُشمنَس
توَے توَے وُشن وُوزُل وُوزُل

(۱۹۴۷ء)

☆

# مےٚ وُچھ اُدۍ صُبحن

مےٚ وُچھ اُدۍ صُبحن
اَکِس سَبزٕ زارس
اَنٛدٕ رژٕ ھایہٕ ہوٚل
مایہٕ موٚت اَکھ جوانا
حسین باغوانا
سبٕٹھاہ نیٚک
تہٕ اُویٖل تہٕ زاُویٖل
قلم ہیٚو
چھیوٚمُت تہٕ ہوٚکھمُت
ژٕمیوٚمُت تہٕ تھوٚکھمُت
مگر
بولہٕ وُن سازٕ گوٚر
تازٕ دَم ہیٚو
پرَان اوس ترانا
حسین باغوانا
پرَان اوس

گران اوس

سُہ اَڈٕ پھولِمن ٹۆ رِنے رِکۍ زَبان
گاسہٕ تیٚچَن بێیہٕ مۆ رِنے رِکۍ زَبان
گران اوس
گُلَن رِکۍ زَبان
بُلبُلَن رِکۍ زَبان
لَبجَن رِکۍ زَبان بامَنَن رِکۍ زَبان
گُلمن رِکۍ تہٕ بێیہٕ اَڈٕ کلمن رِکۍ زَبان
تہٕ مومہٕ چَوٕنمن بَتہٕ پھلمن رِکۍ زَبان
زَبان ساز اَمہٕ بولہٕ وِنہٕ ساز گُری
اُمی حسین باغوانَن
ژووٕلیاُری باغَس رٕسیُل نَغمہٕ ووٗہُرن
مۆ دُر میٖوٕ ٹھ اُ دیُل مولُل نَغمہٕ ووٗہُرن
تہٕ اَتھ نَغمہٕ سے مَنٛز پُٹن ساز یۆ ڈوِتھ
ہیٚوٕتُن زِندگی ہُنٛد حسین ساز وایُن
حسین ساز وایان، وایان وایان
کُرِن زِندگی ہِنٛدی نٕوی نقش پاٗدا
قدآور جوان

أرِتہٕ دِرنوی
قد آور جوان
بولہٕ وِنٕ خوش یوٗنٕ
مگر رُت تہٕ ہیوٚت باغوان
رُت حسین باغوان
زٕٹ ژٕھنتھ
أچھن ژھبتہٕ گوٚمُت زِندگی ہُنٛد اثر
مئیٹ نہٕ بأژن شُربن رکِھ
حسین باغوان
مگر ضایہٕ گومُت
تہٕ بێیہٕ ہایہٕ گومُت
یو ہے چھا لیکھان ٹوٚٹھ نقدیرِ قومُک
یو ہے چھا تھران رٕتی تہٕ ہێتی سازگری
یو ہے چھا گران زِندٕگی حُسن پأدا
یو ہے چھا گلٕن میانہٕ نٕے بولہٕ ناوان
یو ہے چھا بہار رس ڈبکس زٕری چھاوان
یو ہے بنیو واماشٹر؟

(۱۹۴۷ء)

# پرٕژھُن چھُم

وَنِن پۆرِ کِنُے گاش لۆگ باشہٕ گرِنے
سیاہ بخُتہٕ نِے موختہٕ دامانہٕ جرِنے
اَما آو پنٛجرن پیٹھ ما بَر مژَرنے
نبس پیٹھ کھۄسُن چھُم سِتارَن پرٕژھُن چھُم
پتھے بانہٕ کیٚمن نو بہارن پرٕژھُن چھُم

گُلَن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پرٕژھُن چھُم
ژُنتھ سینہٕ بالَن، پکَن ژھالہٕ مارَن
پلن باج ہتھ داج دیِٛن کوہسارَن
چھُ کُس شوق آبَس اَندر گژایہٕ مارَن؟
ؠ اَنہٕری شۆنے آبشارَن پرٕژھُن چھُم
پتھے بانہٕ کیٚمن نو بہارن پرٕژھُن چھُم

گُلَن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پرٛژھُن چھُم
گَسُنٛد خۄنِ اَرماں چھُ بالا دَربن مَنٛز
گَسُنٛد گُمہٕ چھِ لرزاں پاں ژادربن مَنٛز
گَسُنٛد رَتھ چھُ زوتان وُنہِ ہی تھربن مَنٛز
نِشاطَن پرٛژھُن، شالہٕ مارَن پرٛژھُن چھُم
پیٹھےٚ بانہٕ کمن نو بہارن پرٛژھُن چھُم

گُلن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پرٛژھُن چھُم
چھِ کٔمی خۄن دِتھ، چھۄنہِ دامانہٕ جُری متی
پٔژن ماز دِتھ ساز و سامانہٕ گُری متی
ژٕٹھ نَم تہٕ ژَم کٔمی چھِ دُردانہٕ گُری متی
وَچھو تلہٕ کبنےٚ موختہٕ ہارَن پرٛژھُن چھُم
پیٹھےٚ بانہٕ کمن نو بہارن پرٛژھُن چھُم

گُلَن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پٔرٛژھُن چھُم
خَیالَن پیٚٹھے ٹھانہٕ کوٚت تام روزَن
بےٚ حبس قہر و طوٗفان کوٚت تام روزَن
شوٗنگِتھ میٲنۍ اَرمان کوٚت تام روزَن
تہٕ مغروٗر سَرمایہٕ دارَن پٔرٛژھُن چھُم
پیٚٹھَے بانہٕ کٔمِن نو بہارن پٔرٛژھُن چھُم

گُلَن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پٔرٛژھُن چھُم
جمہوٗرُک ہِشَر آسہِ یَس شولہٕ ناوُن
عوامُک بَجَر آسہِ تھزِ شایہٕ تھاوُن
پَزِیا شوق تَس اَڈوتےَ نیٚنٛدرِ ساوُن
موٚزوٗرَن پٔرٛژھُن، کاشکارَن پٔرٛژھُن چھُم
پیٚٹھَے بانہٕ کٔمِن نو بہارن پٔرٛژھُن چھُم

گُلَن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پۄژھُن چھُم
زَرَس بوش، زَردارنٕے، راج روزِیا؟
ژھربن لورِ گُٹہٕ تَن سَرس تاج روزِیا؟
اَکِس ژۄر تہٕ ہُر بِیا کھ موحتاج روزِیا؟
وَچھَس پیٹھ کھُسِتھ تاجدارَن پۄژھُن چھُم
پتھےٚ بانہٕ کمن نو بہارن پۄژھُن چھُم

گُلَن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پۄژھُن چھُم
چھَہ اکِہ شایہٕ دَولَت تہٕ حشمت تہٕ راحت
تہٕ بیٚیہٕ شایہٕ تٕس تَن ژھربر، فاقہٕ، غربَت
چھہٕ کمہِ شایہٕ تم ہتھ قلمدان غیرت؟
اُدیبَن تہٕ فنکارَن یارَن پۄژھُن چھُم
پتھےٚ بانہٕ کمن نو بہارن پۄژھُن چھُم
گُلَن، بُلبُلن، لالہٕ زارَن پۄژھُن چھُم

(۱۹۴۹ء)



# سونتھ تہٕ ہَرُد

وٕدھی باغچ کُکُلی کوٗکوٗ کٔری کٔری جَل تہٕ قُمری مَنہٕ ناونےٚ
وُچھی سونتہٕ کہِ واوُک ہوٗ ہوٗ آمُت باغہٕ بیرٕ وُزناونےٚ
گاہ لوٚگ گٔٹہِ ہتی مُتی گرِنے
شَبنم لوٚگ باغَس پھوٚتی بَرنے
مےٚ چھُ باسان شاید اوٗ بَرس تَل وُزمَلہٕ لٔج مَس مُرٕ راونےٚ
پأڑ مَستَس عطر تہٕ پھٔلہٕ مٔلِتھ
روٗپہٕ ہٕشرِ تَنہِ سونہٕ سُنٛد جامہٕ ؤلِتھ
گمہِ تیٚہِ سان نوٗریٚہِ آمُت چھےٚ نوٚو جور گلن تھسکہٕ ناوِنےٚ
کوٚہہٕ پیٚٹھی پاں ژادَر ہیکچہِ کٔرِتھ
روٗنہِ دامانَس چھوٗنہِ موٗختہٕ جٔرِتھ
پوٚت زوٗنہِ وُتھِتھ ڈُلہٕ پکنےٚ پیٚٹھ آہرٕ موٚت یاوُن چھاونےٚ
ییٚشرٕ زَلہٕ نےٚ سَر نوٚ مرأوِتھ
واوَن ژھُن شَبنم چھٔکرأوِتھ

مالِنۍ شیٚچھ بۄزِتھ مہرٕ ینٛز زَن واَرِ و گرِ ٲئج اۄش ترٛاونے
نۆو بوش چھُ کھۄتمُت پوشہِ تھربن
باوِڑ گُلہٕ ہنے تےَ بنگرِ نرٕبن
دوہنۍ ہُنٛد دوٚدِ شُر پنہٕ پوشُر کھونہٕ کھونہٕ پھر وِتھ ٲئج ہاونے
اَنگ دیٚت کونگ جامَن آرِ وَلن
رَنگ پھیُر گلہِ ٹۄریو ہنٛدی جہِ ڈٔلن
موصوٗم لالَن سیٚنٛدِ نالَن پیٹھ آمرٕ مَسوَل اَسہٕ ناونے
اَمنُک پأغاماہ ہیتھ فِطرت
آمرٕ گُل واو تہٕ شبنم ہیتھ
اَفسوٗس فقط اِنسانے یوت آونا وپنُن مَنٛدِ چھاونے
مزدوٗرَس نوٗرَس ژوٗر گٔرِتھ
زَردار پنُن دامانہٕ بٔرِتھ
سَرِ بأزٕ ری پھیران ناز گٔرِتھ آدِمی مازَس مولہٕ ناونے
رَتہٕ قَطرن ساٚنن بَتہٕ ٲکۍ ٲکۍ
غلہٕ دارو دَیہٕ گَتھ مأرِتھ ژٕھنۍ

پتھہ دژ اٖمتی بتھٕ نٕے غازِ مٔلتھ اَستانَن دَشہِ ہٕژ راونۍ

ہٲکمن کبتھ ہیۍ ہیۍ موہرٕ تہٕ زَر

وُنہِ پھیران فَرٕہنگو بأزیگر

سونہٕ سٕنز ہَتھکرِ ہتھ دَلہِ نٕے تل آٖمتی اَسہِ ییٚہٕ ژھلراونۍ

وولہِ زٕپر دِمَو اَز طوٗفانَس

مظلوٗمَس بے گَس اِنسانَس

الہِ قو دَرتھ چھلہِ چھلہِ گرٛتھِ عالَم ییٚلہِ وُزملہٕ ہِن شٟچھ باونۍ

نوٚو سونٛت جمہوٗرُک دِتھ تاجاہ

دژ امُت دِنہِ چمنَس نوٚو داجاہ

أندریُم دَزٕ دَزٕ ہتھ اَزنأدِم آمُت پزٕرس وُزناونۍ

(کوٗنگ پوش جلد ا، شمارہ ماہ ستمبر ۱۹۴۹ء)



# بہٕ گیوٚنہٕ اَز

بہٕ گیوٚنہٕ اَز
گُلن تہٕ بُلبُلن تہٕ سوٚمبلَن تہٕ مَسوَلن
ہُنٛدٕ ۓ خُمارٕ ہوٚت
تہٕ مارٕ موٚت
موٚ دُر موٚ دُر تہٕ ہِنٛد رِ ہوٚت
سُہ نَغمہٕ کانٛہہ
بہٕ گیوٚنہٕ اَز سُہ نَغمہٕ کانٛہہ
تہٕ کیٛازِ اَز...... تہٕ کیٛازِ اَز
غُبار گرد جنٛگچی کھٕٹن چھےٚ رَنٛگ مَسوَلن
تہٕ دِہی بُشنگہٕ جنٛگہٕ کی ژَٹن چھِ چوٚنٛٹھ بُلبُلن
تہٕ سوٚنٛبلَن اَپارِ یپور گرٕہان چھونٛ چھُ ہانٛکلن
تہٕ وُزمَلن ہِتھ اُچھَن چھُ زال زَن
کھٕٹِتھ چھِ کوہ تہٕ بال زَن
تہٕ کالہٕ اوٚ بُرسنٛگرن وٕلِتھ چھُ نال زَن
بہٕ گیوٚنہٕ اَز
تہٕ کیٛازِ اَز چھِ جنٛگ باز جالساز ہوٚل گنٛڈِتھ

## کشیرِ میانہِ زاگ ہتھ

یہِ گوچھِ اَز
یہِ گوچھِ اَز، نشاط، شالہِ مار، آبشار، لالہِ زار گۆے
نَرم نَرم
پشُل پشُل
تہِ سَبز سَبز شبنمک سُہ نغمہِ کانٛہہ
یہِ گوچھِ اَز سُہ نغمہِ کانٛہہ
تہِ کیاژِ اَز تہِ کیاژِ اَز

بےٚ وایہِ جایہِ جایہِ تاپہِ کرٛایہِ زَن چھےٚ زاگ ہتھ
کرٛان چھُ آیہِ کرٛایہِ یتھ ژلَن یہِ میون باغ ہتھ
تۆے چھُ شاہ اَنٛدرٕ رٕ گوٚمُت گُلَن
چھِ لالہِ داغ ہتھ
جوٚین چھُ گنگرایہِ پتھ تہِ پہرِ زَن
سو تے یہِ گُکُلہِ واہ
تہِ بیٚوٚٹھ ہارِ وَنچہِ اَبرِ زَن
یہِ گوچھِ اَز
تہِ کیاژِ اَز چھِ جنگباز جالساز ہۆل گنٛڈِتھ

کٲشِرِ میانہِ زاگ ہێتھ

بہٕ گۆونہٕ اَز

بہٕ گۆونہٕ اَز نوٚ بہارٕ بالہٕ یارٕ کے اٚمارٕ گٔے

رَنگاب رَنگ ووزُل تہٕ ہور

نیٖوٗل ووزُل توٗت تہٕ شوخ

نَغمہٕ کانٛہہ

بہٕ گۆونہٕ اَز سُہ نَغمہٕ کانٛہہ

تہٕ کیاِ زِ اَز...... تہٕ کیاِ زِ اَز

بہارس چھےٚ لار ہَرِ داوِ کے زہارٕ پٔچی

وَنَن اَنٛدَر راَوارِ تازٕ شوویا چھےٚ نارٕ پٔچی

سَکھَرِ چھےٚ آدَمس تہٕ آدمی ہِنٛدے شِکارٕ پٔچی

یٔنٛبرزَلَن تۄَے ٹٔپس چھےٚ بَنہٕ گٔمٕژ

ہَوا ژھٔنِتھ پیٚوٗمُت

تہٕ ہی چھےٚ تھرِ بچارِ ژھٔبنہٕ گٔمٕژ

بہٕ گۆونہٕ اَز

تہٕ کیاِ زِ اَز

تہٕ کیاِ زِ اَز چھِ جنگباز جالساز ہۆل گٔنٛڈِتھ

کٲشِرِ میانہِ زاگ ہێتھ

بہٕ گیوٚنہٕ اَز
بہٕ گیوٚنہٕ اَز کھَہَن کھَلَن تہٕ ڈورِنےٚ
اَنٛد رٕسہٕ داںٛدٕ وأنٛگی ہأنٛگی سُنٛد
نٮ۪بٕدَن ہُنٛدٕ سہٕ گُمہٕ بٲرِتھ
تہِ نَغمہٕ کانٛہہ
بہٕ گیوٚنہٕ اَز سہٕ نَغمہٕ کانٛہہ
تہِ کیٛازِ اَز تہِ کیٛازِ اَز
کھَہَن چھُ لاوِنہٕہلہٕ آو، داوِدأوی زُونیٛوٚ مُت
کھَلَن چھُ ہالوَن ہٕنٛدے پِنگ تہِ پأرٕ زَن پیٛوٚ مُت
ڈبکَن پیٛٹھے چھُ خوفہٕ ستیٚ گُمہٕ تہِ زَن شُشِھتھ گوٚ مُت
پلن چھُ آوٕلُن ژوپأری گتھَ گران
تہٕ گاسہٕ تانٛزٕ کرٛیٹھو کرٛ پیٛٹھ
موٗل زَن چھُ رَتھ ہَران
بہٕ گیوٚنہٕ اَز
تہِ کیٛازِ اَز چھُ جنٛگ باز جالساز ہوٗل گٔنٛڈِتھ
کٔشیرِ میٛانہٕ زاگ ہتھ
بہٕ گیوٚنہٕ اَز، بہٕ گیوٚنہٕ اَز
توٚ تام یوٚ تام نہٕ

کوہ تہٕ بال

کھاہ تہٕ ڈٗور

گُل تہٕ پوش

زَگ تہٕ پڑٗون

قُمُر کُکِل

تہٕ بول بوش

ہَرُ د تہٕ سونٛتھ

وَن تہٕ باغ، جوے تہٕ آب، ہٕی گُلاب

شالہٕ مار، لالہٕ زار، آبشار، نوبہار

زوجہِ بال، بُرزِ بال، تنگہٕ بال

شیشہِ ناگ

واوجَن

وارِ کارِ خوفہٕ رۄس تہٕ پہَرِ رۄس تہٕ اَہرِ رۄس

بہٕ ییٚ وُچھَن

تہٕ ژھٔمبَرِ میلہٕ وُن

سُلی

سُلی۔ سُلی

یَرادِ میۍاُنٛی ییٚ اَسَن، لَسن، بَسن

تہٕ رَتھِ کھَسن مُرادمیٲنۍ

تہٕ ٹُوٹھ میٛون، نُنٛدٕ بون، باغ سون

یوٚہَے پَنُن پَنُن وَطن

یہِ بێیہِ وُچھن

آباد، آزاد تہٕ خوش یُٛن، بہَار ہیٚو

تہٕ لوَ ولو کچار ہیٚو

بہٕ گیوٚتیٚلی۔ بہٕ گیوٚتیٚلی

نۓتَے توٚ تام گیوٚنہٕ گیوٚنہٕ زانٛہہ

سُہ نێٛندرِ موٚت، خُمارٕ ہوٚت

بہٕ سوز کانٛہہ

توٚے بہٕ پیٛر، اَز بہٕ نیٛر، وَتھ بہٕ شیٛر

بُٹھی تہٕ بیٛر سمی گرَکھ

بہٕ نیٛر تیز نوٚو قلم تہٕ شرٛاکھ ہیٚتھ

تہٕ دُشمَن تہٕ رَہزَن

بہٕ نیٛر پھیٛر ٹھاکھ ہیٚتھ

ڈوٚگُر قلم تہٕ دروت ہیٚتھ

بہٕ پھیٛر جایہِ جایہِ، شایہِ شایہِ، پَنٛنہِ آیہِ

پرٛتھ بلایہِ دژوت ہیٚتھ

ڈوگُر قلم تہٕ دژ وت ہتھ
یَراہِ ووت پروت ہتھ
رُمو رُمو بہٕ گُمہٕ کڈِتھ چھلن بہٕ ٹوٹھ باغ سون
بہٕ نُنڈِ بون
بالہٕ یار......لوکچار
چون میٛون
تہٕ کھُہہ تہٕ کھَیہٕ، کھوڈُتہٕ لیہٕ بہٕ نورِ ستی پوٗرِ وکھ
بہٕ گیوٗنہٕ اَز
بہٕ نیرِ اَز
ڈوگُر قلم تہٕ شژ اکھ ہتھ
یَراہِ اَکھ بےٚ باکھ ہتھ

(۱۹۵۰ء)

☆

# مےٚ چھم کأم باقی

مےٚ چھم کأم چھم کأم چھم کأم باقی
مےٚ چھم وارِیاہ کأم
باقی
سبٕتھاہ کأم، رٕژ کأم، روٗزِتھ گٕژھ کأم
واقعی
مےٚ چھم کأم باقی

مےٚ چھم اوٚلن زأوِ جارَن سٕنٛز
لولہٕ نارَن سٕنٛز
نوٚ شوقہٕ کٔلمن لالہٕ زارَن سٕنٛز
نوٚ بہارَن سٕنٛز
موٚ زوٗرَن سٕنٛز، کامگارَن سٕنٛز
بالہٕ یارَن سٕنٛز
تہٕ تہنٛد بٔن دِلاورِ اشارَن سٕنٛز

بیٚیہٕ خُمارَن سَنٛن

مےٚ چھم بُتھی پھِرِن حوصلَن ژھوہ برُن

تہٕ لَرِ لوہ گرُن

تھزَن ہمتَن ستی لَرِ لوہ گرُن

تہٕ نوٚو گوڈ برُن

اِرادَن نوٚبن چھم مےٚ نوٚو گوڈ برَن

توٚے از وَنُن

نوٚن وَنُن

گرٕ پستِس چھم وَنُن، کاشکارَس وَنُن

نانگارَس وَنُن

جالِ نِثارَس وَنُن

تَس تیمِس

میاٗنِ پاٗٹھِن چھَ وُنہِ کاٗم باقی

سبٕڑھاہ کاٗم، پٕرٕژ کاٗم، روٗ زِتھ گُمرٕژ کاٗم

واقعی

چھےٚ تَس کاٗم باقی

تِمٕس یَس وُچھِتھ داند اَلبانہٕ بڑ وٚنہہ بڑ وٚنہہ أڈی پٕری تڑ اوَن
تِمٕس یَس چھُ یاوُن کولَن ناگہٕ رادَن ہُنٛدُ ے پاد ناوَن
تِمٕس یَس چھُ پڑاگاش صُبحَن ڈبکَس نۆو کلا بوت چھاوَن
تِمٕس یَس چھُ نۆ وسونٛت گٕن تَل یِوَن یاونٛک سپر باوَن
تِمٕس یَس کوہَن ژھایہٕ گگرایہٕ ءگس ءگس گرِتھ وَلوَن پھاپھلاوَن

سُہ یُس تاپہٕ کڑ ایَن اَند رزُوڈُتھ دوہ تہٕ دٕہن راوِ راوَن
تِمٕس یَس چھِ ڈارَن اَند رڈٕنٛگی جہِ پیٹھ لولہٕ مَڑ رأژ راوَن
تِمٕس یَس ہَرُ دکوم برِتھ دامنَس سون جُرِتھ نَچھِ ناوَن

سُہ یُس

فالہٕ کے نوکہٕ ستی پڑتھ وٕہرِ ماجہِ بُترأ ژنۆ ولون لیکھن
تِمٕس یَس

چھِ بُتر اتھ پڑارَن وُڈٕ رپیٹھ

مُرِس کیتھ رِزق ہیتھ

ٕکنکھ ہیتھ، مِکأے، وُشکہٕ، مونٛگ، مُٹھ تہٕ ماہ ہیتھ

مُسُر ہیتھ رُماہ ہیتھ

بُدٕج، رأنٛی، گیوزیر، برز پادشاہ ہیتھ

مےٚ چھم ازوٕنُن

کاشکارَس وَنُن

نانگارَس وَنُن

بےٚ قرارَس وَنُن

تِمِسٕ یَس چھےٚ ژٕٹ نالۍ

تَس یَس چھےٚ یَڈٕ خالۍ

تَس یَس کرِٕہن ژَٔم

تِہٕ گَسہِٕ آءتی نَم

اَتھَن خاز پیٚمٕژ

زَنگَن ژَٔم شروکیٚمٕژ

وُٹھَن ہاے پیٚمٕژ

شُربن وَہ سوتیٚمٕژ

سُہ یُس فالہِٕ کےنوکہِٕ ستی پرٛتھ وٕہَر

ماجہِٕ بُترٛاٚ ژٕنۆ ولون لیکھن

پُٹھ لون پَنہِٕ نُے

چھُ تَس لول لیکھن

ژُتھ خون پَنہِٕ نُے

چھُ تَس لون لیکھن

تِمِس یَس مُہتھ گُل نِوان ہَر دِ کالے

ژِہان رَتھ، مُہان فٔلی کڈان زٔٹ چھِ نالے

مےٚ چھُم ازٕ وُنُن تَس

ژٕٹھ بڑیڈِ جاۓ گرد رَن

وڈ دَرَن

سۆ درَن ہِشِر

پٔنٕنی مأج بُتران سانٚین ژِ واپَس

جگر دۆر

تہٕ ژُواوٕر

کٔرِتھ ووتھ

گُمر گنڈ

ژِ اکیأنی ہتھ ووتھ...... گُمر گَنڈ

یہِ پٔٹ پٔژ اۓنی ہتھ ووتھ...... گُمر گنڈ

پٔنٕنی مأج بُتران پھِروُن ژِ واپَس

ژِ شیرُن تہٕ پأرُن

ڈٔبکَس دِژہ، بتھِس گینی، أچھَن زال کاسُس

وَچھَس بیرِ شیرُس تہٕ زنڈ زال کاسُس

ژٕ رَفتار آرَن ہُنٛدٕ ے ہِوی گرُن چھُے
ژٕ دَب چھَے گرِزٕ آبشارَن کولَن ہتیٚ
ژٕ چھُے چونٛٹھ ذٕری یاوِنے ہُنٛد پھِرُن
پَنٕنہِ برٛأ ژگُن
ژٕ کاسٕز ہوکھَے چھَے
بہِتھ بنٛجرن وُڈرنِے بیٚنہِ گریَون
ژٕپن ژَکھ ژٕ چھِی دِزٕ
گگروأج پۆرِ وِزٕ
ژٕ سٕہلابہِ ہے سینہِ دأرِتھ چھُ روزُن
مگَر ووتھ گمرَ گَنٛڈ
ژٕ بُتھ ژَٹھُ تِمَن
یِم بَدَل بُتھ گرِتھ زاگہِ چھِی لاگنَے چانہِ پڑارَن
تِمَن یِم چھِہ وُنہِ زال واہَرن
تِمَن یِم گرِتھ أٹ
فرہنگٕمن تہٕ جنگ باز جادوٗ گرَن ہتیٚ
چھُ وُنہِ زال واہَرن
ژٕ ماپورنَے اَز

ژ ما چھُکھ کُنۍ اَز
کمُیل چھُکھ ژ چھُکھ ہول ییہ گرؤس چھُکھ
ژ چھُکھ واریاہ واریاہ واریاہ اَز
ژݨ چھے مأج بُتراتھ اَز رأچھدَر
ییہِ تہٕندی رِتی گبرَ
دُنی یہکی بأڑی سأری
کمِلی کامہِ پێٹھ زُوژٹن وأڑی سأری
تَوے ووتھ سکھر گر
ژ پکھ مُنزلس کُن
ژݨ چھے کأم چھے کأم چھے کأم باقی
ژݨ چھے واریاہ کأم
واقعی
ژݨ چھے کأم باقی

(۱۹۵۰ء)



# جنگ باز خبردار!

ژھہر یانے بژوُنہہ مٔہ پکھ فساد فتنہٕ کینژھا ہتھ
ژٕ بم تہٕ گن مشینہٕ ہتھ، موگُر کوٚروُہن یہِ سپنہٕ ہتھ
ہیرو شما، یہِ چھونیہ ییٚتھ کرٔکھ ژٕ لوکچار وُچھ
گرزن چھِ آبشار وُچھ نِشاط شالمار وُچھ
وطن یہِ میٔون چھے بیدار نوبہار وارِ وُچھ
ارادہ اُستوار وُچھ، تِلو تیوٚنگل تہٕ نار وُچھ

ژٕ کیہ چھے چھِ چاۓٚ توپہٕ بَم تہٕ گولہِ کارگر
فساد جنگ تہٕ فِتنہٕ شر، تہٕ سون تہٕ چاند مہر زر
ژٕ ما وُچھِتھ مزدوٗر کامگار کاشتکار وُچھ
حیاتکے خُمارو وُچھ بونیول چھُ بیقرار وُچھ
اَمُن پَسند ہمتن اُچھُن چھُ ژٕاپہٕ جار وُچھ
ارادہ اُستوار وُچھ، تِلو تیوٚنگل تہٕ نار وُچھ

غریب ووتھ بُچوٚر ووتھ ژِ کیاہ کرکھ ژِ کیاہ کرکھ؟
جمہوٗر ووتھ ژِ کیاہ کرکھ؟ مزدوٗر ووتھ ژِ کیاہ کرکھ؟
آزاد اَمِچ چھِ لشکراہ تہٕ بے شُمار وُچھ
کرن چھِ سر نِثار وُچھ، چمَن چھُ نوٚو تیار وُچھ
رگن اندر گربکن یَمن چھُ خوٗن جوش دار وُچھ
ارادہ اُستوار وُچھ، تِلو تیوٗنگل تہٕ نار وُچھ

یَمِنٛک غروٗر چھُے فناہ سَہ چوٗن سامراج گوٚے
خراج گوٚے تہٕ باج گوٚے، زرین تخت و تاج گوٚے
پَتھر پیوٚمُت تہٕ زٔی گمُت مومُت چھُ تاج دار وُچھ
گمِت محل وُجاڑ وُچھ، تہٕ بہرِ سُنٛد بہار وُچھ
گران بخت پایہِ بے بسَن چھُ زارِ پار وُچھ
ارادہ اُستوار وُچھ، تِلو تیوٗنگل تہٕ نار وُچھ

غُلام چاۓٚ جایہِ جایہِ اَستہٕ اَستہٕ خستہٕ گٔے
ذٔلیل خارپست گٔے، شیٹھے شٹھِت بستہٕ گٔے
ووزُل یہِ ہانگ ہو، کران چیانکے چھُ لار وُچھ
چھُ چین از بیدار وُچھ، پھولن چھُ لالہٕ زار وُچھ
دماہ ٹھٔہر، وُچھکھ ووزُل ژٕ وینتام پڑار وُچھ
ارادہ اُستوار وُچھ، تِلو تیوٗنگل تہٕ نار وُچھ

ژٕ بجرٕکُے وُدن رِوُن میٚہ یاونک یہِ بوش چھُم
ژٕ بےحسی میٚہ ہوش چھُم، ژٕنے چھُے جنوٗن میٚہ جوش چھُم
وُچھکھ ژٕ زِندگی دِلُک یہِ میوٗن لالہٕ زار وُچھ
وُشُن ووزُل بہار وُچھ، کٔشیرِ ہُنٛد امارٕ وُچھ
ژٕ کالہٕ کمن لَنڈبن پھسیتھ پکاہ چھُ میوٗن یار وُچھ
ارادہ اُستوار وُچھ، تِلو تیوٗنگل تہٕ نار وُچھ

(کونگ پوش، جون ۱۹۵۰ء)



# یا شاہ ہمدان

یا شاہِ ہمدان

أسؠ تہِ چھا اِنسان

کُمؠ دۄپ اِنسان

ژھیٚپہِ أس پہٲرا

تَتھ تہِ وَسہِ قُرقیا

بُتھِ سخ وتہٕ چھُم

خٲلی چَنٛدٕ چھُم

ژےٚ تہِ کیٛاہ مےٚ تہِ کیٛاہ

یاشاہ ہمدان

أسؠ تہِ چھا اِنسان

(کونگ پوش، نمبر ۱، ۱۹۵۰ء)



# مےٚ چھم آش پگہِچ

(۱)

مےٚ چھم آش پگہِچ
پگاہ شولہِ دُنیا

دوہَس گاش ہَرِ گُل تہٕ گُلزار پزٕ زلَن
زٕمینَس سبزٕ لگہِ تہٕ سبزار پزٕ زلن
وٕچھس منٛز ہُمس لولہٕ پھموار پزٕ زلَن

پگاہ شولہِ دُنیا

گرٛول لاگنےٚ مےٚ گوشن اچھ گرٛزٲلی
وٕسِم دود تہٕ بَبہٕ ٹینٛڈی گرٛشن مےٚ دوزٲلی
تہٕ دَہہِ وٕہرِ دَشہٕ ہار پیہٕ سون سٲلی

پگاہ شولہِ دُنیا

کَنٛن گوشِ مےٚ چاں میاں ژٕلِم وٕ ےتہٕ وایے
وٕچھس تل مےٚ ژٕہہ ژٕہہ کرِم آیہٕ گرٛاہیے
لَبن لوسہٕ گٕٹھی بیہٕ کھسم مؤلہٕ مایے

پگاہ شولہِ دُنیا

''ہُہ''بٔرٕژرنہٕ تَل گَن تھٕوِتھ بوزِلوٚت لوٚت
تہٕ تھٔز کأرتھأوِتھ سہٕ بیٚیہٕ نیرِ پوٚت پوٚت
تہٕ وَنہٕ وُن ہمِس پوٚترٕ مأژس بہٕ سوٚت سوٚت

پگاہ شولہِ دُنیا

یتھٕ سٕدرٕ پَننے وٕدِوچھے مُبارک
بہٕ چھُس پوٚترٕ مأج چھترٕ بٔنی فِکرِ تارک
ہمٕکھ کوچھِ ہوٕنی اَز بہٕ ماکینٛہہ تہِ یارک

پگاہ شولہِ دُنیا

دَیان جنگ چھُ ووٕتھ وُن
پگاہ گوٚژھہ نہٕ سَپدُن
پگاہ شولہِ دُنیا
پگاہ گوٚژھہ نہٕ سَپدُن

(۲)

مےٚ چھم آش پگہچ
پگاہ وأد چھُم تَس

بہٕ دوہ لوٚسنَن ہیٚوٚتھرٕن ژھایہِ پژارس

تہٕ ہی مال زَن لولہٕ تےٚ مایہٕ پژارَس
گرٚژھس ژ ریٚ غم کیاہ چھُ بےٚ وایہٕ پژارَس

پَگاہ واوِ چھُم تَس

سُہ بیٚہٕ مایہٕ موٚت ژھایہٕ ہوٚل گژایہٕ مارَن
بہٕ آسےٚ تَمِس مالہِ کتی پوٗش ژارَن
کربہٕ کتھ بہٕ روٗشس تہٕ چھِولگہِ اِشارَن

پَگاہ واوِ چھُم تَس

سبٕزھاہ ہونکنہِ رٕژ تَن بہٕ تھوٚو کاٗربون کُن
تہٕ بیٚلہِ دٕلی رٕٹِم تیٚلی وٕچھس اَدٕ اٗچھن کُن
رٕٹِم نالہٕ اَدٕ اوٗش دٕرُن ماچھُ مُمکِن

پَگاہ واوِ چھُم تَس

تھٕوتھ کاٗرکو چھِ مَنٛز دِلکی داٗدی باوَس
تہٕ روپہٕ سیٚنکی داغ نذرانہٕ تھاوَس
پرٕژھس بوژےٚ گوٗلا جتھس لولہٕ داوَس

پَگاہ واوِ چھُم تَس

وٕنِم دوہ چھِ نزدیک ژھوہ مارِ یاوٕن
چھُنہٕ پاٗٹھی اَسہِ لول ہاوُن تہٕ باوُن

پٔتم پَتھ چھُ ترٛ اوُن تہٕ نوٚو نیچھِ ناوُن

پگاہ واوِ چھُم تَس

دَپان جنگ چھُ ووتھِ وُن

پگاہ گوٚژھہٕ سَپُدن

پگاہ واوِ چھُم تَس

پگاہ گوٚژھہٕ سَپُدن

(۳)

مےٚ چھم آش پگہچ

شُربن مول واتم

تتھے بوزِ آلَو تیٚتھُے بڑٕ وٕنٛھِ نیرِس!

رَتَن نالہٕ مَتہِ زورِ أندی أندی بو پھیرَس

نٔوِس تازٕ گاسَس پیٚٹھے جاے شیرَس

شُربن مول واتم

تھٔکِتھ آسہِ آمُت گوڈٕنی پادنارَس

تہٕ موٚنٛھ دوٚگ دِوان وٕلی وٕلی نیٚنٛدِ ر پاوَس

تہٕ نٔکھِ چی گھرٕ بڑٕ وٕنٛھہ کٔنی نظرِ تھاوَس

شُہر بن مول واتم

گھرِ منزٕ نوٕی گُل تہٕ گُل زار آسَن
مےٚ چھِٹھِ جانہِ گنہٕ واجہِ طوٗمار آسَن
جیٚپس ختَن ہأج کِتی دیار آسَن

شُہر بن مول واتم

یوٗنہِ عیز کِتی أسی پلَونوٕی بَناوَو
تہٕ گٕچھِ پوٚتی جوراہ تہٕ قربان تھاوَو
جبس ژاٹہٕ باجَن شِہر ہن بأ گراوَو

شُہر بن مول واتم

دَپان جنگ چھُ ووتھٕ وُن
پگاہ گوٚ ژھنہٕ سَپدُن!
شُہر بن مول واتم
پگاہ گوٚ ژھنہٕ سَپدُن

(۱۹۵۱ء)



# سون وَطن

سون وطَن پوش ہیٚو
تاوِ ہوٚت یاوُن بہارُک شالہِ مارُک گوشِن ہیٚو
معصن ہُنٛد جوش ہیٚو
نوِ پوشاکک بوش ہیٚو
سون وطَن لولہِ نیاےَن ہُنٛد شہِجُل سر پوش ہیٚو
پھولہِ وُن پمپوش ہیٚو

اَسہِ وطَن گلزار ہیٚو
زَن بوٚرِتھس رِگنٛدِ رِگنٛدِ چھُ کھوٚتمُت لالہِ نِیے ووزِ جار ہیٚو
توشہِ وُن سبزار ہیٚو
سون وطَن نوجوأنی ہُنٛد وُشن خُمار ہیٚو
بالہِ پانٛک یار ہیٚو

اَسہِ وطَن أچھ گاش ہیٚو
کورِ مأژلس دٔجہِ گنٛڈِتھ زَن پاسہِ سونہِ چی چاش ہیٚو
پوٚرِ گژھِ ووٗنی آش ہیٚو

دوٗدٕ چوٗن پڑا اگاش ہیٚو
گامہٕ مورینہٕ زَن منگِتھ اوٗ نمُت أچھَن ہُنٛد گاش ہیٚو
یاوِچ گنٛڈ باشہٕ ہیٚو

اَسہِ وطَن رُت گام ہیٚو
تھَل رُووِتھ زَن بوٗنہِ شِہُلِس گریستِس آرام ہیٚو
ڈل وہِس پیٹھ شام ہیٚو
آدنٛک بادام ہیٚو
تریلہٕ ہتھ زَن گامہٕ پیٹھ یُژ کال وۄتھمُت مام ہیٚو
ماجہِ ہُنٛد مومہٕ دام ہیٚو

اَسہِ وطَن جاموار ہیٚو
اونٛگجہِ پۆژ ژٕنت سُرٛژنہِ تلہٕ کۆڈ ڈوپہٕ گریوگُلزار ہیٚو
ریشمک شیٖہجار ہیٚو
توسہٕ اژل وار ہیٚو
ڈون ہچہِ پیٹھ تورکہِ چھان کھۆتمُت زَن لوکہٕ چار ہیٚو
آسنٛک اَمار ہیٚو

أسی چھِ اُمیٚگ رأ چھدر
أسی جیٚمکی، پژ وٕنژ ھکی، لداخکی بیٚیہِ چھِ کأشرٕ تی گبر
أسی چھِ وٕطنکی رأ چھدر
سأنی ہمت اَتھ سپر
کُس چھُ جوٗرتھ زِنٛدٕ گیٕ ستی مینہِ تے کُس انہِ جگر
أسی چھِ وٕطنکی رأ چھدر

لَل دیٚدِ ہنٛز آواز ہیتھ
حبہٕ خوٗتوٗنہِ للومُت یُس لُلہِ اَنٛد رسے ساز ہیتھ
زِنٛدٕ گی ہُنٛد راز ہیتھ
أسی چھِ ازٕنو ساز ہیتھ
سوٗنتہٕ واوُک بولہٕ وُن
خوش مودُر انٛد از ہیتھ
أسی چھِ ازٕنو ساز ہیتھ

(کونگ پوش، ۱۹۵۱ء)

☆

# کأشرِ یُت وُزِ وان

پوشَن دیُت صَدا
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ
پوشہِ موٗت اِنسان، روشَن وَلوٗ لا
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

شوقہٕ رِکس سَرَس مُکمل تار دِتھ
وُ پھ تُلِتھ کھوٗت آسمانَس زَلزلا
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

ہیوٗند، مُسلمان، سِکھ تہٕ عیسأے پوشہِ ذأژ
گُلشنَس منٛز شولہٕ وِنی رٕنگین بأژ
چھُس خوٗدی پیٹھ رأضی پانٕے یوٗ ڈ خودا
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

نیٛندرِ وُزنأوِنی کوٗرُن بیدار قوم

اِنقلابکہِ نغمہٕ ستی ہُشیار قوم
دِل گرِتھ دِلدار وۆتھ زَن در دِلا
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

فاقہٕ پھٔری حأرانِ دۄہَس نَم ژَم ژٕٹتھ
أسی وُٹھ پھیشان دۄہے أساوٕ ٹتھ
مٔنزِلَس نِش وأتی اَسہِ پڑ وومنٔزِلاہ
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

زِنٛدٕ گی ژأرِتھ ہشَر گوٚرُن دۄہے
گُن خوٚداماأنتھ گُنبر ژوٗرُن دۄہے
بوز ناوان، سوز زَن اوس بُلبُلا
شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ

(۱۹۵۱-۵۲ء)



# گوئہٕ ماتس موتگ شر گرِ کیاہ؟

شێچھ گیہٕ شامَن گامہٕ شہاُری، پھیر ژوپاُری
باغن تہٕ جنگلن پھیر ژوپاُری، لۍج پۆژہٕ گاُری
لۍج پۆژ گاُری رُت نُنٛدٕ بونٛے، توہہٕ ماوُچھوَن
مہجورا سونٛے، توہہٕ ماوُچھوَن، توہہٕ ماوُچھوَن

بُلبُل لوُگ گلزارس پۆژھنےٚ، یارس پۆژھنےٚ
رُومش لۍج رٔنب آرس پۆژھنےٚ، آرس پۆژھنےٚ
یارس پۆژھنےٚ، مالیُن کرُونٛے، توہہٕ ماوُچھون
توہہٕ ماوُچھون، مہجور سونٛے، توہہٕ ماوُچھوَن

ہی تھرِ گن تلو یاوُن آمُت، شرٛاوُن آمُت
سونتس شێچھ بتھ شرٛاوُن آمُت، شروکنین ژامُت
شرٛ وکنین ژامُت، جَل بولہٕ وُنٛے، توہہٕ ماوُچھون
مہجور سونٛے، توہہٕ ماوُچھوَن، توہہٕ ماوُچھوَن

---

مہجور سُند پیدأیش...... تہٕ وفات 9/اپریل 1952ء۔ کاشرِ زبأنۍ ہُند اکھ بہلہٕ پایہٕ شاعر۔

شبنم دژ امُت پےٚ ہیٚنہٕ لاٲنۍ، سَنگر ماٲنۍ
وُزملہٕ شیٚچھ پڑژھ سَنگر ماٲنۍ، ہےٚ وۄتھ باٲنۍ
ہےٚ وۄتھ باٲنۍ، گُل اَسہٕ وُنےٚ، توہہٕ ما وُچھوَن
توہہ ما وُچھوَن، مجبوٗر سونےٚ، توہہٕ ما وُچھوَن

مَسوَل دژاہڑ چھٔنڈریمڑ ہِش، ہٕنٛورِیمڑ ہِش
لَوٕ ہٕڑ اَشہٕ گرٕ، ہٕنٛورِیمڑ ہِش، لٔج ہیٚیہٕ پرٕسِش
لٔج ہیٚیہٕ پرٕسِش، کھَنڈٕ گرووُنےٚ، توہہٕ ما وُچھوَن
توہہ ما وُچھوَن، مجبوٗر سونےٚ، توہہٕ ما وُچھوَن

یٔنٛبرزلہٕ دیُت بوٚمبَرس آلو، دوکھٕ لَد آلو
گَلہٕ والَس کُن اُچھ پھِرِ پیٛالو، گرٕز تُل لالو
گرٕز تُل لالو، دِل پھولہٕ وُنےٚ، توہہٕ ما وُچھوَن
توہہ ما وُچھوَن، مجبوٗر سونےٚ، توہہٕ ما وُچھوَن

لوَلس وٲنۍ دِتھ ہولاہ ژھارَن، ہولا ژھارَن
حُسنَس عشقاہ پَتہٕ پَتہٕ لارَن، پرٛژھ لوکچارَن
پرٛژھ لوکچارَن، یاوُن میوٗنۍ، توہہِ ما وُچھوَن
توہہ ما وُچھون، مجبوٗر سونۍ، توہہِ ما وُچھوَن

سنطوٗرَس وٲژھ تھٕرہ تھٕر تارَن، ووشٕدٕچِھن تارَن
سارَنگہِ لَرِ پھیُر دیُت لوکچارَن، پرٛژھ سیتارَن
پرٛژھ سیتارَن، رُت وَنہٕ ووُنۍ، توہہِ ما وُچھوَن
توہہ ما وُچھون، مجبوٗر سونۍ، توہہِ ما وُچھوَن

☆

شۍچھ گٔیہِ شامَن گامہٕ شہٲری
باغَن تہٕ جَنگلَن پھیرِ ژوپٲری
گِلہِ وۄن واوَس، واوَن لالَس،
لالَن پیٛالَس، پیٛالہٕ گلہٕ والَس
گَلہٕ والَن پھِر مَے خانَس منٛز

مَے خانَس منٛز وُژھ ہؤل ہالےَ
بانَس تہٕ بانَس ئُچھ ٹھسہٕ رارَے
زَن گو آلو، مہجوٗرکوٚت گو، مہجوٗر کوٚت گو!
پوٚت پھیرِتھ آو آلَو واپَس
پیٚتھٕ چھُے...... کوٚت گو؟

لاٰلَن ژھایے ماران گژایے پیٚتھٕ چھُے، کوٚت گو؟
یاوُن رایے، بے پَروایے پیٚتھٕ چھُے، کوٚت گو؟
آرٕ وَلَن منٛز، سندٕ جہِ ڈَلَن منٛز پیٚتھٕ چھُے، کوٚت گو؟
دودٕ شُری لَلہٕ وان، أشی پھیر مولہٕ وان پیٚتھٕ چھُے، کوٚت گو؟
الہٕ بأنیٖ گاران، کُمی لیٛن ژھاران پیٚتھٕ چھُے، کوٚت گو؟
موٚ زوٗرَن نِش، رنٛجوٗرَن نِش پیٚتھٕ چھُے، کوٚت گو؟

نُو آش مَنہٕ وان، پڑاگاش پنہٕ وان
مہجوٗر زِندٕ چھُے، زِندٕگی مَرِ کیٛاہ؟
گونہٕ مانَس موتُک شَر گَرِ کیٛاہ؟

(۱۹۵۲ء)



# ڈٕل ہاٹزٕ نہِ ہُنٛد گیوٗن

تازٕ تازے مے اَژٕ مے ڈٕلے ہے
ہے ووٕلے ہے ووٕلے ہے ووٕلے ہے
پھُلِیہِ وانٛگَن تہٕ پأرِمہِ اَلے ہے
ہے ووٕلے ہے ووٕلے ہے ووٕلے ہے

مَرٕژ وانٛگَن تہٕ وانٛگَن چھِ ہیوٗن ہیوٗن
مَس مَلر ہِوِی رُوانٛگَن چھِ ہیوٗن ہیوٗن
ناوِ منٛز چھِی گُران ٹھولہِ ٹھولے ہے
ہے ووٕلے ہے ووٕلے ہے ووٕلے ہے

تازٕ مُجہِ بُڈی چھِ ہلہِ ژھایہِ زوتَن
ڈیٛنٛبہِ گوگجاہ ووزِج بیب خوتَن
زَن سنگرمالہِ نِے لُج پھُلے ہے
ہے ووٕلے ہے ووٕلے ہے ووٕلے ہے

ہَے ژٕے پڑھی پیٚنز تُلی ووٚنی سبٕھاہ چھےٚ
دژاگہٕ نٕے ماأری کیٚاہ دِی ژٕےٚ راہ چھےٚ
اَتھٕ رَٹی پَتھ تلَے ہَے ژَلےَ ہَے
ہَے ووٚلَے ہَے ووٚلَے ہَے ووٚلَے ہَے

کیٚاہ وَنےَ پُتٕرمہٕ بڑبسوارِ پیٚایَس
زور اأسم تہٕ لُٹھی زورٕ دژایَس!
دودٕ ہبڈُر ترٛووَے پھٕرِ تلَے ہَے
ہَے ووٚلَے ہَے ووٚلَے ہَے ووٚلَے ہَے

آرٕوَل چھوٚت سُہ چھُم واٹہٕ مُج ہیٚوٗ
چھوٚن تہٕ نوٚن ترِہ ہوٚت شینہٕ ٹُج ہیٚوٗ
اوٚش ہَران آب زَن پیٹھ کھلےَ ہَے
ہَے ووٚلَے ہَے ووٚلَے ہَے ووٚلَے ہَے

نَستہِ پمپچھاہ گرِتھ مأٹی سُنٛد ہیٚو
ریشِپہِ بُتھ زَن لوٗگٹ ماجہِ ہُنٛد ہیٚو
لیٚمبہِ چھُ پمپوش پھوٚٹمُت ڈَلے ہے
ہَے وولَے ہَے وولَے ہَے وولَے ہَے

زَن کَنَن چھُم گرٛشان شُری وَدُن ہیٚو
زَن وَچھس تَل گرٛشان چھُم برٛژھُن ہیٚو
اَز مےٚ دِبدی چھُم سبٕٹھاہ پوٚت گلَے ہے
ہَے وولَے ہَے وولَے ہَے وولَے ہَے

(۱۹۵۲ء)

☆

# گراو

بُراتھ چاۓٚ دَیہِ زر دارَن کیُتھ
بوچھِ بوچھِ خاۓلِس ناوارن کیُتھ
آسہِ یہِ غُربتھ اِنکارن کیُتھ
پَڑہ چاۓمن اقرارَن روزِیا؟

دوٚ دمُت کھاہ ہوٚکھمُت کھَل آسن
بیکار گرن مَنٛز ہَل آسن
بیتاب اگر وُزمَل آسن
پھل وُٹھ وُٹھ اَنٛبارَن روزِیا؟

جمہوٗرِچ سوداگأری چھےٚ
آزأدی منگنَس خوأری چھےٚ
زردارن ہنٛز سردأری چھےٚ
اِفلاس یہِ نادارَن روزِیا؟

تہذیب چھُ خاٲلص خونخوٲری
وتھِ خونچہ پزٕ بتھ طرفس جاٲری
ییٚلہِ ہیٚنہٕ وِنہِ چی آسہِ دیندٲری
پزٕ ھ ویدن تہٕ سیپارَن روزِیا؟

چمنَن منٛز ٹوٗربن ریٚنے گُلچھرٕ
پوشو کنہِ باغَس سوے فوٗجہرٕ
واوٕ ہردنہِ ییٚلہِ آسہِ ہی گچھرٕ
تیٚلہِ یاوٕن گُلزارن روزِیا؟

اِنسان چھُ وحشی دُنیادار
اَکھ اَکِس نٕش خونٕک دعوادار
بوچھِ ییٚلہِ آسہِ کھیتن پیداوار
تیٚلہِ زر ووٗنی زردارَن روزِیا؟

(۱۹۵۲ء)

☆

# اَمنچہِ اپلہِ پٮ۪ٹھ دسخط

مےٚ دۄ پمَس کاکدس پٮ۪ٹھ کر ژٕ دسخط
اَچھن گُن تَس وُچھُم کیٛاہتام سَپدُم
وُپہری زَن وُژٕر پٮ۪ٹھ شام سَپدُم
تَسنٛز تمہِ چشمہِ پھۆلۍمتۍ ہی وٕتھر زَن
یَمبرزَلہِ بۄمبرٕ رۄس بے گاش جوراہ
دِوان سُدرَس چھِ وٕنۍ آکاش جوراہ
دودَے پیالَن اَپز کھۄژٕمژ چھےٚ تھُر زَن
چھٕتِس پمپوشہِ ہیے زامُت گۄبُر زَن
پزٕگاشَس زَن کٕپٹۍمتۍ کاشہِ جوراہ
سنگرمالَن ہنٛزٕ ے گِنٛدٕ باشہِ جوراہ
کوہَس پٮ۪ٹھ ناگہِ پوکھربن منٛز اۄبُر زَن
مُدَ ے گنٛڈِتھ چھِ پژاران زَن پزٕگاشَس
ژھنٛڈان موہٕ پھٕلۍ چھِ پھوٚلِس شبنمَس منٛز
وُچھان زَن تمہٕ چھِ لۄِ ہُتۍ عالمس منٛز
ژٕزَن ہنٛدۍ پأٹھۍ دوران زَن چھِ راتس
مےٚ دۄ پمَس کاکدس پٮ۪ٹھ کر ژٕ دسخط

وُٹھن پیٹھ وِسنہٕ لوٗگ موٚصم اُسن تَس
ہیوٚتُن ٹاربن اَنْدر زَن یُپ کھٔسُن تَس
قلَم ساران واراہ اوٗش روٗتُن پَتھ
مگر بُتھی پھِری زٕ پھِری ٹاربن کھٔسنہٕ لگی
موٗلِلی دُردلنہٕ زَن دُکہٕ ویرِ زاۓتی
چھِ نوٗرَس وُچھنہٕ باغَس ٹوٗری دزاۓتی
گگس ترٛووٗکھ اُچھر والَن اَسنہٕ لگی
موچھے مَنز اَتھ رٕٹِتھ ووٗنُم یہٕ لوٗت لوٗت
سَداہ وٗری شے اُچھَن ہُند گاش روٗوم
وَچھے تلہٕ گے مے جگرُک کاش روٗوم
بموَ گولو مے کوٗرہَم یاوٗنَس سوٗت
وَدُن سُری پیٹھی مے گو ووٚنی وَدنہٕ ہَرگز
اُچھر والو دِنَن وِژ اُش پھیرٕبن دون
پتھَر پٔنیہٕ کاکدس پیٹھ موکھتہٕ لرزن
ہوٚکھِتھ گے روپہٕ پٹَس پیٹھ سونہٕ اُچھر زَن
چھِ اَمنَس راُچھ وُنہٕ تَم شولہٕ ماران

(۱۹۵۴)



# گُلالہٕ تہٕ شاعر

گُلالاہ چھُکھ تہٕ رُت چھُے ناو چوٚنُے
کھاہَن بیرن بُٹھن چکہٕ چاو چوٚنُے
موٗلُل سوٗنٛتس چھُ سونہٕ کھوتہٕ بھاو چوٚنُے
خیالن میانہِ نہٕ پیراو چوٚنُے
خبر ما چھُے مےٚ رِتھ کُنہٕ لالہٕ اونمکھ
بھران یم زِندٕگی ہنٛدی پیٛالہٕ اونمکھ
تہٕ دُورِ موتہٕ ہےٚ دِتھ ڈالہٕ اونمکھ
مےٚیہٕ پَنٕنہِ شارٕنے مَنٛز سالہٕ اونمکھ
بتھِس ووشلُن کھوٚتُم بوچھِ ستی گوٚبرس
مےٚیہٕ تمہِ ستی وارٕ روٚنگ ووزٕجار چوٚنُے
سُہ اوٚش یُس ژٕ وِرِ ٹاریو رۄچھ لولے مَنٛز
بنوٗوُم شبنمُک تتھی ہار چوٚنُے
اَمارن میانہِ نہٕ یم داغ تھَنہٕ پیٛے
تمن داغن مےٚیہٕ تھوٚو انہار چوٚنُے
گُرِیم رتہٕ ژاٛنگی ہشہِ اُچھِ، گاش زوٗرُم
چھپووُم راتھ کُنٛتھ اخبار چوٚنُے

دِلُک دُب دُب تہٕ جِگرُک خوٗن مِلہٕ وِتھ
شہیدن ستیٚ تھوٗم مِلہٕ ژار چوٗنے
تتھےٚ ارمان گےٚ رتہٕ دأوی میٲنی
تتھےٚ یاوٗن سپُد رنگدار چوٗنے
وچھس مَنز یُس تہٕ شہلیوٗ زانہہ میٚہ سوٗنتس
کچھس مَنز شولہٕ وُن سُے نار چوٗنے
وَتھر چاٲنۍ زأوی جارَس ژھوہ بھرن نا؟
میٚہ اُویُل سینہٕ تھوٚو تَن دار چوٗنے
کٔڈی وَتھ میانہٕ قلمن زندٕگی گُن
توَے لوٚب وُزٕملو رفتار چوٗنے
ژٕ بوٗزتھ ووٗن میٚہ کِتھٕ گٔنز لالہٕ اونمکھ
بھران توٗ زِندگی ہٕندی پیٲلہٕ اونمکھ
تہٕ دوٗری موتہٕ سِے دِتھ ڈالہٕ اونمکھ
میٚہ پٔننِن شارٕنے مَنز سالہٕ اونمکھ
نَتے اوسُکھ گُلالاہ رنگہٕ واہ واہ
موٗیاہ پیٚوٗتاہ زِتنٛیاہ ہوا واہ
ژٕ ژٕتھ کانٛہہ یاوٕ تھوِ ہی کوٗٹھ کاجس
نَتے لٔٹھرِس گُنے لگہِ ہکھ خرابَس

(۱۹۵۵ء)

☆

# کاشرِس شُرِ سُنْد ترٛانہٕ

لوٗکٹ چھس بو کأشُر میٚہ ناو نو بہار
جوأنی میٚہ وبس یار چھُم لوکہٕ چار

میٚہ تارُک بُنتھ چھُم نبس پیٹھ کھسُن
گلاباہ بُنتھ وارِ منٛز چھُم اسُن
میٚہ چھُم تا قیامت لسُن بسُن
أچھن منٛز میٚہ نأنپان حیاتُک خُمار
لوٗکٹ چھس بو کأشُر میٚہ ناو نو بہار
میٚہ چھُم خوش یِوان زلزلن ستی گِندُن
طُفانن اندر وُزملن ستی گِندُن
بُنتھ یُوپ نیرُن پلن ستی گِندُن
میٚہ گن وُچھِنہٕ کأنپان اجل خوٗن و خوار
لوٗکٹ چھس بو کأشُر میٚہ ناو نو بہار
بَنُن آشہِ رستن ہنٛزے چھُم میٚہ آش
اَنُن گٹہِ زلس منٛز میٚہ پرٛزُک چھُ گاش
میٚہ چھُم ہر وِزِین زِندگی ہُنْد تلاش

بِنتھ لۄز کرِ ظُلمتس لارِ لار
لوگُٹ چھُس بو کأشر مێنہ ناو نو بہار

خیالَن نوین چھُم گرِن رہبری
مثاوِن مێنہ چھُم زرگری نَبے زری
مێنہ ژھارِبن چھِ مزدوٗرِ ہِشز بہتری
کریم کیٚاہ مێنہ بدکار سرمایہِ دار
لوگُٹ چھُس بو کأشر مێنہ ناو نو بہار

نہَ لاچار تھاوَن نہَ نادار کانٛہہ
نہَ بوچھِ ہوٚت نہَ بیکس نہَ بیکار کانٛہہ
نہَ باقی تھَون مسلہِ دُشوار کانٛہہ
گرِن چھُم نُوے اَکھ جہاناہ تیار
لوگُٹ چھُس بو کأشر مێنہ ناو نو بہار

بوٗگس چھُس؟ بوکیٚاہ چھُس؟ ژِے بھاوے یہِ سِر
عوامُک بو دِل چھُس، جمہوٗرُک ضمیر
مێنہ کشیر بَب، مأج چھُم نوٚو کشیر
گریکَن چھُم رگَن منٛز مێنہ رَتھ جوشدار
لوگُٹ چھُس بو کأشر مێنہ ناو نو بہار

(۱۹۵۷ء) ☆

## زِتنہٕ

### نظر

تھوٚ دوٗژھ، أچھ ٹار بوٚ کھٔرِ، اَژھہٕ رٔژ ہش
دژایہِ نبرَ
ژون طَرفاتَن، ژھٔنڈ آیہِ کَڈِتھ ییٚہِ ژایہِ اَندر
موٚنہِ پھٔلی وۄنُس کیٛاہ تام گٔنٛڈَلی
اَسہِ ماپچھےٚ خَبر؟
اَسہِ وُچھ أچھ ٹیٚنٹاہ
پَتہٕ أشی دَدراياه



### وَرِہٕج

اَتھ دارِ چھُ پیٛوٚمُت پژا اَگر زَن
مُژراوُن دِیہِ چِھ
وُنی تُلہِ عالَم
وَرہج زَن زام چھَ نوشہِ پیٚمژ
گاہ مُژرُن وَرگاہے دِیہِ وَر
پژتھ گتھِ پٹھ ژالنی پام دوہے

(۱۹۵۷ء)



# کأٹھی دَرواز پیٚٹھ گرِ تام

کھرٕ وکہٕ وِنٛی پھُلٕیا
لُکہٕ ارساتھا
تارَن پیٚٹھ پیٚٹھ
گٔتی جیہٕ جَماتھاہ
زَنگہٕ ترٛیہٕ ہژٕ گرٕ کھ
تاپھاپھولہٕ وُن
گرِ مُٹھی ہلماہ
زَلہٕ وُن زَلہٕ وُن
ٹِکہٕ داوجیہٕ گُل
رَنٛگ وولہٕ سیٚمٔتی
موضُم ہاوَس
پۄرِ چھِوٕمتی
"توٚت کیٛاہ باچھکھ"
پوٚنٛسَس پی پَن
دُف دِتھ گیہٕ کوٚت
ژےٚ تہٕ گوٚڈِ پی پن

''توٚت کیٛاہ با چھکھ''
تژیشاہ چھمہٕ ہا
گتر بو گُر پھُٹ
نوٚو گُر ہیمہٕ ہا
''وہ شلُن زَن چھےٚ''
بُتھ وہ پھرِیوٗ مُت
تھوٚ کمُت تھوٚ کمُت
شاہ تیز یوٗ مُت
''پتَھ کیٛاہ با چھےٚ''
ووٚنی دِمہٕ ہا تھگھ
کھوورِ بَبہٕ تل
دھک دھک دھک دھک
ئوجغرأفی
عملی ہِند ساہ
نوِ کأیِ کیٛت
کا کد دَستا
''توٚت کیٛاہ با چھکھ''
ہیکہِ نَے پکِھ تھےٚ

وآ تے گر ووہٕ ژ
میٚے چھنہٕ ہکہٕ تھے
ژوکہٕ ژٕنی ہکھٕ بی
یہٕ پھٕے نٔزلاوَر
أچھِ نٕے بوچھِ چھَس
اَتھ چھٕنہٕ باوَر
ہوش ہا گوٗ برا
پٔچ بی موجی
لٔج سَیہٕ پٔٹھ گن
وولہٕ کھونہٕ لٔلہٕ وَتھ
اَچھِ أچھ گاشا
چھِم چاَنی سَتھ
وَلہٕ ساٗ مالیا
گوٗ برا ٹاٹھیا
ڈٕبلَس پوٚنسَس
سوزُ سے دُنی یا
"توٗ ت کیٚاہ با چھکھ"
بہٕ تہٕ وُچھِ لیلا

أکی ہے پوٗنٔس
دِلہٕ ہُنٛد ساألا
نأوِد کٕنٛدلَس
نگھہٕ گوتھگھہ یُن
آنٛس بُلبُل
میٚنتہٕ گوٚ ژھٔ اَکھ دیشِن
ہمکھہٕ بی کانٛل
اَتھ چھامولہٕ وُن
یہٕ چھُ پوٚ ژھٔ سوتٕنٛگ
ژٕلہٕ وُن ژٕلہٕ وُن
ہوشِ ہا گوٚ براہ
نٕچ بی موجی
أڈی ہے پوٗنٔس
پاواہ لاجی
"پٕتھ کیاہ دِدی چھس"
"اٗچھ پوٚ رتھوی نے
بٕینٛہٕ میانٛن سان
پھوٚلی نے، نٔوی نے"

یئہر زَلہٕ گوٚنڈ
نژوِنۍ تارَکھ
ژُنہٕ ماجہٕ أنڈۍ أنڈۍ
بادآمَن گرِبکھ
دوران تہٕ گوران
کینٛہہ چھُنہٕ پرَوا
وَنڈ تہٕ چھُ بڑبکہٕ وان
سُے تھاوبس شہہ
اوٚنگوٗرۍ آسمان
کاژٕر پھُلیاہ
نٔو جغرأفی
عملی ہُنڈ ساہ
گنہٕ تلہٕ کُے چھُم
رأچھی چھِے مہمَس
کوٚٹ چھُم کأہل
دَے میوٚن رٕچھنَس
گَہو چِہ تلہٕ چھوٚت
وَن بالوِ کِیاہ؟

أڈنیُک سون چھُس

لوِ دَہہ یاباہ
شاأمس ءستیٔ گو
میُٔل سونہاأزِس
نیٖلس زَن کھوٚت

چھوٚت اَٹہٕ باأرِس
أنجی سَیہِ پیٖٹھی کنٛز
مےٚ چھےٚ چاأنی سَتھ
اَجہِ أچھ گاشو

یہٕ ہا کھونہِ للوَتھ
وۄنٛدِ مے زُوژےٚ
گُمہٕ چھِ آءمتیٚ
مالہِ چھِ پھٔلی زَن
شُرٕ کنٛمن ژاءمتیٚ

(۱۹۵۸ء)



# ژھَٹھ

ٹِکھ رَتھ آمِژ اَزبال ژُٹھ

پرٛتھ کاٗنسہِ سَنان

پرٛتھ کاٗنسہِ وَنان

بۄزِو اَسہِ پیوٗشہِن

مُبارک توہہِ لۄگن

گَلہِ نَلہِ وُج ژادَر لۄگو

پانَس ژایہِ اَنٛدر

ژھَٹہِ گوٗیہِ ہَتَگ

تِمۍ اوٗن ہَلمَس کبتھ شیٖنہِ ہَلَم

(۱۹۵۸ء)



# باپو

تیٚمی شوقَن وَنہِ کوٚڑ گٹہِ منٛزٕ گاہ
تیٚمی شوقَن وُزٕنوو سوٚنتہٕ ہَوا
وُچھ ہیٚچھنوو تیٚمی پٔتٕ گومُت شاہ
تٔسی شوقَس ناو کوٚرُکھ گاندھی
تٔسی ٹوٚٹھ لقب دیُت اَسہِ باپوٗ

تیٚمی سازَن شوٚزرأو پزٕرِچ نےٚ
تیٚمی سازَن اَسہِ تھأو صٔچ شےٚ
تیٚمی اَسہِ دِژ وِزِ وِزِ پزٕ آگےٚ
تٔسی سازَس ناو کوٚرُکھ گاندھی
تٔسی ٹوٚٹھ لقب دیُت اَسہِ باپوٗ

یٖمی جبرۄتَن درٕسی ٹھاکھ پھُٹرٕی
ظُلمٕکی دَنٛد ہیبت ناکھ پھُٹرٕی
لوٚکہٕ کہِ پھوٚکہٕ ستیٚ یٖمی شرٛاکھ پھُٹرٕ
تٔسی جَبرۄتَس وۄن اَسہِ گانٛدھی
تٔسی ٹوٚٹھ لقَب دیُت اَسہِ باپوٚ

یُس تارِ صِدا گگراے بَنیٖو
بالَن کھوٚت واوِچ گرٛاے بَنیٖو
سٔدرَس آنٛچ عٔشقھراے بَنیٖو
سُۓ تارِ صَدا تٔسی وۄن گانٛدھی
تٔسی ٹوٚٹھ لقَب دیُت اَسہِ باپوٚ

(۱۹۵۹)



# نابدتہٕ ٹٹھ وبنہٕ

بجلی بتہٕ أنٛدی أنٛدی مہٕ جوراہ
وزِکس پیٹھ مہرینٛز مہرازا
ہُتھ گلہٕ شہلِس تل ٹیکہٕ ہٹنۍ
وُنی دزاہِش ووٚبٕہِ رنٛز چوکہٕ لِوتھ
گستانی سائلی وُڈنہٕ أنٛدری گُمہٕ ڈٕلی
سوٚمبُل مُشکَن ؤری چَس دَکہٕ دیُت
مَنٛز گامہٕ چھُ پھوٚلمُت ژنٛدُن گُل
نیٖلس پَردَس ؤژھ تھَتھرارے
کلپترا ما شرٛانَس دزاہِش
گُلدانَس مَنٛز دوٚن ٹوربن پیٹھ
دوٚن سَرپن ہُنٛد آکارا ہیوٚ
أنٛدی پکھی سوٚدرا شیٖشے ناگس
پمپوشس تھَنہٕ پیٚوٚمُت بڑٕہا

بُنگرِبن گو چھونٛ چھونٛ آنہٕ اَندری
مےٚ چھُہ باسان راٗژ ہٕژہٕ باہ آسَن
ہُتھ پَردٕس پٔتہٕ بَنِنہٕ گَتھ ہٕش
دوشٕوے دارِبو بَنِنہٕ اَچھ جورا
کاٗژاہ بَجہٕ کاٗژاہ مایہٕ برٕتھ
مُدیا وُتھ گُمہٕ جارا گلنا
ریشم ریشَم نرمی نرمی
کھرٕ پتجہٕ چھےٚ وٕژھرٕ شنہٕ ماٗنیا
بوٗنیا بجرا بیٚنہٕ شیٚجارا
سَروا سبزرا بیٚنہٕ ووزارا
سونہٕ پچھرن وُپھ تجُ عرشس کھوٚت
دِپہٕ مِنہٕ مرٕ ووٚتھ لاٗے پکہٕ نارَس
کلٕتی ما گرٕنن آلو دیُت
نِکیہٕ منز شاید شُر تھَنہٕ پیو
اَچھ توورٕ لبہٕ پیٚٹھ تَصویرَن

موٚزریٚنہٕ گٔر دَہہِ دۄہی رٕنِس گَتھ
ژٔنڈرَم لۆسِتھ نیٚہہ گٹہِ اَنٛدر
چھوٚت رَخ لاٚ گتھ مَریم لوٚت لوٚت
ہُمہِ کوہہٕ دامنٕز گٔیہِ ژچھ دِتھ کوٚت
سَحَرس بُتھی ہےٕ ووٚشلنٕز کھارا
گَنہٕ تیٚہجہِ چھےٚ ووزلیمٕژ اۆبَرس
چھٕلہٕ چھانٛگر گٔیہِ واوَس زُلفن
گَچھ سوٗرٕے گَو گُمہٕ سٔری باغَس
ہیٚرِ بوٚنہٕ اۆوِج زاۆوِج ہی تھٔر
مَنٛز باگَن تھزرا ووٕگنٛیارا
نابد ٹٹھٕ وبن ٹٹھٕ وبنہٕ نابد
پٔچ شُگفتلا بیٚیہِ مالیُن گُن

(۱۹۵۹ء)



# شبنم شبنم

شبنَم شبنَم شبنَم شبنَم ئری ئری کُٲ یوٚر پوشِن لول
ترٲوِو اوٚبرُک گرِفر ترتر وُچھِتو نَنہٕ اَسمانک سرٚیہہ

اٲخر کوچو کوچو پھیرِتھ، پانےٚ پانس نِشہٕ ووت پٲز
اٲچھ ووزلاوِتھ دَنٛد ٹکراوِتھ، اٲتھی چھِ وَنان میخانک سرٚیہہ

ہوچھِ مرِٛ ہرِ آسے کاٲتیاہ بامَن، اٲڈی گیہٕ برٕ اٲڈی پامَن لٲگی
وُنہٕ مالوٚ ژلتھ گیہٕ ووٚنٛدٕ داٲدِس، وُنہٕ ما ہوٚکھ دامانک سرٚیہہ

دُنٛیا پاٲوِتھ دُنٛیا داٲری، وٲراگس ہتی مولہٕ وٕنی کتھ
آربَلَن ہٕنٛز گس مُٹھ مالےٚ، کُٲ روٗچھ پرٕ وٲرانک سرٚیہہ

ناٲدِم صاٲبو ماے تہٕ موٚحبتھ، داے تہٕ دوٗپ سمسارکی وٕنی
یمہٕ تمہٕ رَنٛگہٕ مُلہٕ مایہِ گرِتھ بوٚز مُلہٕ تلہٕ پَنہٕ نے پانک سرٚیہہ

(۱۹۵۹ء)



# چأنِس پیٖرِس نگھ

بَب اوسُم ویوٚد، بُڈی بَب سُہ نہٕ کینٛہہ
بَڈٕ بُڈی بَب سُہ چھُ ناواہ گنہٕ نٕے
تَمہِ پَت گُن گُس گُس بَب، بُڈی بَب
تہِ چھُ ہِر پَتھ کالَس پگہٕ نٕے تَل
سَنگہِ پارَس أَلِس مَنٛز رٔژہٕ رِتھ
سوٗنہٕ کاناہ گتہِ تام چھٕمبی گأمٕژ
کینٛہہ رَژٕ رَژھِ رَژھِ سیکہِ زَن مِلہٕ وِتھ
آبَن انہِ مَژٕ للہٕ وِتھ سُلہٕ وِتھ
سوٚنٛبرِتھ سأوِتھ اَسہِ گوٚر وَس تتھ
دیٚدِ ہُنٛد ڈیٚجہِ ہوٚر بیٚنہِ ہُنٛد ہَٹہِ پھوٚل
بَڈٕ بُڈی بَب اوس ناواہ سُہ تہِ موٚٹھ
تَمہِ برٛونٛہہ ہکمَت اُدین رتچَن
یا تأزی بَٹ نَتہٕ کأنٛہہ کلھَن
یوٚت وأتتھ پھو یاد مےٚ سورُے

چاأنِس پیٚرِس نگہِ ییٚلہِ ووتُس
کیٚاہتام ووتلیٚوم أندری أندری
کٲتام پڑانِمن داجہِ پٹارَن
ژھان تُلِتھ نیٚو، مُشکِنہٕ اَدفَر
میٚانِمن دِلہِ چَن کھُٹربن گاہ پیو
خوٗنَن زَن لُب خوٗنچ خوشبوٗ
ماز نَمن، نَم مازَس ژھارَن
چاأنِس پیٚرِس سَمیَن سوٗت سوٗت
اَتھِ ڈٲلِتھ رَنگ بَجرُک ویُتمُت
شاسترٕ اَچھرو، کاأشرِ أہی
کٲتام میٚتھَرن جُری جُری تھوٗہرٕ
اَسہِ دوشوٕنی ہُنٛد جَد یا اَمجد
کُنہِ محلَس ییٚتی آسہِ پرٛتھیوٗمُت
لول، موٗحبتھ، میچھَر ٹاچھپر
ییٚتی کُنہِ رَنگہٕ لَرِ مَنٛز آسہِ بوٗسمُت
حَسبَس نَسبَس میُل اَسہِ دونہٕ وٕنی

بڑانڈ تہٕ بَر لَرِ سانے یکجا
تأزی بَٹ، شاہمیر تہٕ سویا
یوٚت وأتِتھ پوٚ یاد مےٚ سورُے
ژیٚتہِ آسی گُنہِ کوچَس مَنز ییٚتہٕ
مےٚ ءستِن لُٹھی رَج لوٚٹھ گیٚنڈمُت
ژیٚتہِ آسی زانٛہہ نَرکأنۍ قلَمَس
گتھاِ ترٛأوِتھ بِسمِ اللہ لیوٚکھمُت
ژیٚتہِ آسی مِنبرَس مَکتبہٕ یِتھ
بَبہٕ سٕنز ژھیٚٹ میٚٹ بَتہٕ ہَن کھیمٕژ
عیٖد تہٕ ہیرٕژ کیُت ژیٚتہِ آسی
ہارَن گیٚنڈمُت یارَن ءستی
ژیٚتہِ آسی پَز گتھِ نِپٕٹھ زانٛہہ زانٛہہ
ہَر گرٕنَس ژوٕنَس مَتھ گومُت
ژیٚتہِ آسی وَژھِ وألنجہِ یوٚژھمُت
واے خودایا میأنہِ کٔشیرے

اقط

بوچھہِ روٗس پٔژی کٔنز سوچھ گوٚژھ آسُن
ژٕنٛتہٕ آسی وُچھ وُچھ ژَکھ کھٔژہِ مژ
خَر سوتہٕ سأوی مُدَو لَلہٕ وان گُری
ژٕنٛتہٕ آسی ژَکھ ژاپٕزٕ پیٚمژ
وولہٕ اَز بٕنٛیہِ اکہِ لَٹہِ بٔے بارٕنٛ
اَکھ أکی ہٕنٛدی دوکھ سوکھ کھوکھ لاوَو
بٕنٛیہِ اَز پاوَو یاد تِمَے دوہ
لَلہِ ہٕنٛدی واکھ تہٕ نُنٛدٕ ریشٕنٛ شرُکی
یُتھ أنٛدی پٔکھی بَسکٕین یٕنٛمہِ شہرکی
نٕنٛدرِ وُزٕہَن اَسہِ گُن وُچھہَن
اَسہِ گُن وُچھ وُچھہَن پانَس
پانَس وُچھ سَنہٕ ہَن پانَس

(۱۹۵۹ء)



# وُنَل

نہٕ چھُ بُتھ تھَر اَتھ
نہٕ چھَ صوٗرتھ کانٛہہ
اَن زاأنؠ خیالاہ موٚٹھمُت
شایَد ترٕ نیٖومُت
کٲمؠ تام پرٛ ژھُس ناواہ
دوٗ پیٚنٛس ژٕ ےٚ گیٚگھ وُنَل؟
کولہِ بُٹھؠ بُٹھؠ پیٚچ لوٚت لوٚت
کھٔرٛش کوچوٕ کنؠ

وَتہٕ مینان، رَ ژِ رَ ژِ بڑادان
دونوَ ے نَرِ گلہٕ ناوان
زَن غَم دُنیا!
پرٛ بتھ کانٛسہِ سَنان!
پرٛتھ کانٛسہِ یِہے زَن وُنہٕ والان
ہَنگہٕ مَنگہٕ ژٕلہِ کُنہِ دَزِ گلہِ اٗخر
اَکھاَکی سُند بُتھ دیٖو اَسی تہِ وُچھو

(۱۹۵۹ء)

# گاسہٕ ٹُل

یَتھ گاسہٕ ٹُلِس گیہٕ میٲنٛز وَنَن
سرٛیہہ اوٗسُس تیٛلہِ اوس پوٗٹ پشُل
واوَس تہِ نَمَن تاوَس تہٕ نَمَن
وَنٛدٕ راأژن مَنٛز اَز روٗوٗس سرٛیہہ
کرٛتِچھر ہتھ پڑاأوِن اَپزٕ تیٛہہ
وِز یَتھ ڈُج تَتھ ڈُج ذاتھ پٔنٛزٕ
کھورٕ تَلہٕ وڑاایَس بُتراتھ پٔنٛزٕ
پھوکہٕ ستیٚ پھٹہِ، دَکہٕ ستیٚ چوٗرٕ گژھبس
ریٛہہ باأوثوس وُچھی توَ سوٗر گژھبس

(۱۹۵۹ء)



# ژۄر

مےٚ چھُ دزٕ امُت گُستام ژۄر گرِتھ
ناکھَے لار ؤس چھٕٹہِ پوشرُ ژھارنہِ وار بن منٛز
اُچھ ناٹہٕ گرِتھ تنٛبہٕ لووُس اَز تام رَنگہٕ ژھایَو
دوہ دبن گزر ؤم زونُم مےٚ لوٚب
ییٚتہِ یکنٛ ینۍٚ سورُے کمُی تام گو مےٚ پھرِتھ
ٹیکی تا پکی سوٕتکی ہَرٕ دِکی رَنگ
رہتہٕ کالہٕ چہِ ژھانٹہٕ، تہٕ شیٖنہٕ شَرِ ط
اَسہٕ وُن شوقاہ، وِسہٕ وٕنی ماے
پرٛ بتھ کُنہِ ڈُو دِتھ گو ژۄر
تہٕ ووٚنی کیٛاہ چھُم باقےٕ!
اَکھ پھُٹمُت کانگر
تتھی منٛز شیٖنہٕ ٹُجاہ۔

(۱۹۵۹ء)



# یہِ چھُ میُون وطن

یہِ چھُ میُون وطن　　یہِ چھُ چون وطن!
یہِ چھُ سون وَطن　　نُنِد بون وطن!
اَتھ وَطنَس سأنِس تاپِٕنی پھُٹتی
گُنہِ رودِ نہِ شرٛانہِ تہِ گُل لَوِ ہٕتی
گُنہِ شیٖنَن ہِری یہِ چھُ دیٛتُمت پٕتی
سونہِ روپہٕ ہٕتی کیاہ مولہِ وون وطن
یہِ چھُ سون وَطن　　نُنِد بون وطن!
بالَن سیٖنَس ووکنیار بُلنٛد
قدِ رعنا تھٕدی دِوَدار بُلنٛد
ہیمالَس روپہٕ دَستار بُلنٛد
تھدِ پایہِ دوٗہے اَسہِ زون وَطن
یہِ چھُ سون وَطن　　نُنِد بون وطن!
جنگلَس مَنٛز ژَنٛد نَک دار شِہُل
مَرگَن پیٛٹھ شوٚد سبزار شِہُل
وَتھِ ہُنٛد بوٚٹھ، گنگہِ ہُنٛد تار شِہُل
شیٚہجارُک مالنٛی کرٛون وَطن

یہِ چھُ سون وَطَن        نُنِدٕ بون وطَن !
لَچھِ ووٗ بُر چھُ لَچھِ پھِرِ زامُت نوٚو
پَتھ گومُت بیٚیہِ بڑ وٗنہہ آمُت نوٚو
سون کھوٚتمُت گہوَچہِ دڑ امُت نوٚو
نوِ آیہِ پگُن گوٚژھ پڑون وَطَن
یہِ چھُ سون وَطَن        نُنِدٕ بون وطَن !
کھاٚہِ نٕے رویَس زَن گیٚنز دڑاٚمژ
اَکھ گنز لَچھِ لَٹہِ زاٚمژ پیاٚمژ
زَن لَکھمی باگہِ چھےٚ پیٚتز آمژ
پَدِ پَدِ موکھتُک ورشون وَطَن
یہِ چھُ سون وَطَن        نُنِدٕ بون وطَن !
کھیتَن منٛز ہیوٚل ہیوٚل ووشلیومُت
کھَلہِ نٕے منٛز پھوٚل پھوٚل ووسہِ آمُت
یُنٛدراژَس زَن ژُنٛدرمہٕ زامُت
امبَر امبَر ییٚتہِ سون "وطن"
یہِ چھُ میون وَطَن        یہِ چھُ چون وَطَن
یہِ چھُ سون وَطَن        نُنِدٕ بون وطَن !
اَسہِ پزٕ اَتھ وَطنَس لول بَرُن

رُمہٕ رُمہٕ گُمہٕ پَنہٕ نے موکھتہٕ جرُن
نَوِ آیہِ نوٗوُ سے تقدیر گرُن
نَلہٕ نَکھہٕ گرٛھِ پوٚشُن سون وَطَن
یِہ چھُ سون وَطَن نُنٛدٕ بون وطَن!
رَنگہٕ رَنگہٕ گرٛھِ سورگاپوٗر ربُن
اَنگہٕ اَنگہٕ ناچُن بیٚیہٕ طوٗر ربُن
لَنٛجہِ لَنگہٕ پھولہٕ وُن بیٚیہٕ نوٗر ربُن
یتھ دورے پرٛزٕ نادون وَطَن
یِہ چھُ سون وَطَن نُنٛدٕ بون وطَن!
وُنہِ دَکہٕ زَد سیتا اوٗش ہاران
وُنہِ درو پدی سأنٛز ستھرس پرٛاران
وُنہِ شاہ تھوٚ کمُت اَسہِ اَمارَن
وَلہٕ نوٚ ولبھَو اَتھ لون "وَطَن"
یِہ چھُ میٖون وَطَن یِہ چھُ چون وَطَن
یِہ چھُ سون وَطَن نُنٛدٕ بون وطَن!

(۱۹۵۹ء)



# کاُپھتہٕ زولہٕ

وُچھ وُچھ۔ ہاہاہوٗ ہوٗ
ہوٗ ہَم ہَم ہوٗ
موٗ ہَم ہَم ہوٗ
ٹاربن پپٹھی پپٹھی پوشےٚ گونڈرے
ہاے ہاے
نیٚنڈرے نیٚنڈرے
مایامایا
ژٕلہٕ وِژٕ ژھایا، ژٕلہٕ وِژٕ گژایا
زٕلہٕ وِژٕ ترٛایا
ہوٗ ہوٗ ہاہا
نیلےٚ ناگاہ، آلےٚ پۄتراہ
رازاہ۔ رازاہ
سوتہٕ اللہ ازا
موٗ ٹھُمت بازاہ
ساساماگا۔ ماگارےسا

رَوکھَسہِ بالَس ۔ أچھَن لگَے ۔ پچھٕن تارے

سُے بووَنٔد ے پأری یے

سو دِلہِ گَتھا طوطَس وَنتےَ ہأری یے

گٔنڈی دامَانس لأری یے

گُس تام، کٔیاہ تام

کوٚت تام وژامُت

سأئلَس مٔژی بازأری یے

ہاہاہوٗ ہوٗ ہوٗ ہاہا

سوٗہَم ،ہَم سوٗ ،سوٗ سوٗ

سوٗ سوٗ

ہوٗ

سوٗ

(۱۹۵۹ء)



## نظم

تصویرس پیٹھ وَقتَن تھَکھ دیُت
اَکھ اَکھ گُل کھوٚت مُتۍ مُتۍ دژاو
کاکد وَرقَس جَنگل سائٹھن
تیٚمۍ روٗٹ وَتہٕ پوٚد سُے توٚت ژاو
پَنہٕ نی شَہہٕ کھَسہٕ وَس کھُش وَرگَس
نَتہٕ گَتہِ جَنگُل، نَتہٕ گُس واو



## نظم

ہَنگہٕ مَنگہٕ ڈیٚوٹھُم، رَنگہٕ پرٛزٕنووُم
ہِکہٕ آم آلَو شاہ گوم بَنٛد
ناو ہیٚرٛ وَمس زیوٚ گۓ نبٛگلِتھ
وُٹھ سُوٕ نَم، بتھِ دِژنَم پیٚنٛد
بَرمَنٛدنین روٗٹ اوٗنٛد پوٚکھ روٕتلی
وُزملہِ زَن ہیٚتۍ ہاوِنۍ دَنٛد

(۱۹۶۰ء)

# آلو

کوہہٕ پٔنٛژھی کنٛز لاران وٕتھی
تھدِ ہٕٹہٕ آلو بٔڈ ہٕٹہٕ آلو
گنہٕ کھنبر بومٕنزی، ژِنہٕ سٕدرو پٔنٛژھی
چھو کیہہٕ لَد پٔدی، سٕپنٛس شوخ نشان
پھوٚلی پھَنبہٕ تومبہٕ نٔے پٔنٛژھ لأوی گولاب
کٔمی زیٛوٗن ثواب
بون وأتی آلو چھلہٕ چھانگرِ گٔے
چھو کیہہٕ لَد وَنہٕ آسے پکہٕ وَٹھ چکہٕ پٕچھ ہش
کوہہٕ دأنٛزی ہونو بیٛوٗز
تہٕ لأجکھ ووپھرارٕ سے
میٛژ ژٔٹکھ تہٕ تھوٚو داسمان ٹٔلکھ
ژُری کھیٚچ کھَنٛڈ آیہٕ گرٕونیٛرتھ
آلو چھِ ژٔلان بڑ وٕنہہٕ بڑ وٕنہہٕ بڑ وٕنہھ

تہٕ پَتہٕ پَتہٕ شُری لاران

کربکہٕ نادتُلان

چھے ٹاومتیوٕ چھے ٹاومتیوٕ

ووڈِ پیٹھ چھے زاگان کاومتیو

یہٕ تہٕ بوزا کھڈانب

کُرٕ زیٚن ثواب

(۱۹۶۰ء)



# ژٕنٛبس چھٕیہِ

(۱)

ژٕنبس چھٕیہِ کینٛہہ وٕری بژونہہ تاپہِ دوہہ اکھ
پٔتہٕ مہِ پہٕرے وُشنہِ أش وانہِ نأوِتھ
پٔنٕنٕز تمنا لولے منٛز ژوٗرِ سأوِتھ
دِلچ دُبراے ہبتھ سوٗزے مےٚ أہی
مےٚ دوٗپہٕ لٕس تہٕ اَس تھوٚد شانہِ پژاأوِتھ
ژےٚ یِیٛژھہِ نےٚ لولہِ باغچ پادشأہی
ژےٚ ترٛووتھ از سہٕ دُنیاہ نہوٗنأوِتھ
مےٚ گیہِ لاوہن اَمارن رو سِیأہی
وُچھان گژھہ میوٗن دُنیاہ بژونہہ ہنا پگھ

(۲)

مےٚ لگیٚمتۍ شاٹھہٕ کاتیاہ ٹاٹھۍ اَرمان
گٔمتۍ میانٮ۪ن خیالَن شاہ پریشان
ژےٚ ترٛوٚوتھ پوش پٔرنتھ لول میوٗنۍ
مےٚ گیہٕ گربکھ دِتھ پھٔلۍ منٛز سونٛتہٕ وآران
چھُہ وُزملہٕ ٹارِ کھوٚتمُت اول میوٗنۍ
وُڈرِ پیٹھہٕ ستۍ بوجاہ وُٹھ چھُہ پھیٚشان
اَماراہ ترٛیشہٕ ہوٚت ییٚژ کول میوٗنۍ
ژٕبٔس پاہوِے گتھاہ اَکھ کوٚ کھٔرِتے ژٕ کھ؟

(۱۹۶۰ء)



# ڈل بٹھو بٹھو

ژٕ نے تہِ واتی کُنہِ وِزِ وأری     ژٕ پگھ ہلہٕ پأری لگے
وٕتھی گرٕژھ نے بَرٕنن تأری     ژٕ پگھ ہلہٕ پأری لگے
وُچھ شولان ڈل چھُ ژوپأری     ہَواشی شی چھُ گران
بِری بِزی بگہِ رٕسی سونہأری     مَلَر ژِھی ژھی چھِ گران
لوہ لَنگرس یم تہِ چھِ لأری     ژٕ پگھ ہلہٕ پأری لگے
ژٕ نیتہِ واتی کُنہِ وِزِ وأری     ژٕ پگھ ہلہٕ پأری لگے
چٕچ یٔنٛبرزَلہِ ہٕنٛز ڈٕولی     چھَ رَسہٕ رَسہٕ وِگنہِ گوان
بوٚنٛبرُ پھیران ہتھ جوٚلی     چھَ زَن سٔنزِ یأسی دَوان
یہِ چھُ پَردیسی بَنجأری     ژٕ پگھ ہلہٕ پأری لگے
ژٕ نیتہِ واتی کُنہِ وِزِ وأری     ژٕ پگھ ہلہٕ پأری لگے
ہُمہ چھُ پیلس کھبنہٕ چَنہٕ وان     چھِ اَتہِ ووٚذی زأری بَسان
تیٚلہِ اَسہِ شوٗٹھَن بھَگوان     بِری سرکأری کھَسان

گم روخ ہأوٕ تیٚمۍ سمسأرۍ     ژٕ پگھ ہلہٕ پآرۍ لگَے
ژیٚتہِ واتی گُنہِ وِزِ وآرۍ     ژٕ پگھ ہلہٕ پآرۍ لگَے
وُچھ باغِ نِشاطچ شان     خزانَن ٹھان تُلِتھ
کوٚر پرٕۍ زَبَروَنہٕ شرٛان     نیٚنڈرِ بھگوان تُلِتھ
رُدٕ پھیٚرۍ چھِ ژلان نَنہٕ وآرۍ     ژٕ پگھ ہلہٕ پأرۍ لگَے
ژیٚتہِ واتی گُنہِ وِزِ وآرۍ     ژٕ پگھ ہلہٕ پأرۍ لگَے
قَد سَروَن کوٚڈمُت طَے     مگر موٕ ما ڈیوٗنٹھُن
اَسمانَس دِنہِ کھوٚت سےَ     مگر موٕ ما ڈیوٗنٹھُن
یہِ چھُ اَزلےَ شاید زأرۍ     ژٕ پگھ ہلہٕ پأرۍ لگَے
ژیٚتہِ واتی گُنہِ وِزِ وآرۍ     ژٕ پگھ ہلہٕ پأرۍ لگَے
پمپوشَو کوٚڈ ییٚنہِ وول     وُچھان أسۍ مَزٕ گأرۍ گأرۍ
گوڈٕ خانٛدر پَتہٕ دیوول     ژوان چھِکھ رَزٕ گأرۍ گأرۍ
أمۍ اَپرِن مأرۍ بچأرۍ!     ژٕ پگھ ہلہٕ پأرۍ لگَے
ژیٚتہِ واتی گُنہِ وِزِ وآرۍ     ژٕ پگھ ہلہٕ پأرۍ لگَے

یم بٔنگلہٕ چھہِ آسَن وآلی   پہٕنٛد دُنیا چھُ اَلگ
ہُمہٕ پہَرِ چھہِ زَخمَن کرٛآلی   پہٕنٛد دُنیا چھُ اَلگ
أڈی عاأقل أڈی ییٚتہٕ چاأری   ژٕ پگھ ہلہٕ پاأری لَگَے
ژیٚتہٕ واتی کُنہِ وِزِ وآری   ژٕ پگھ ہلہٕ پاأری لَگَے
یہٕ چھُ مَنٛدر اِشبر وأتٕی   یہٕ گھنٹا أتٕی چھےٚ وزان
ہُمہ چھُ اَستان با بَرکأتٕی   چھُ گمہِ حُبہٕ نعت گربزان
اَسہِ چھِنہٕ مَنٛزٕ دوسہٕ دیوأری   ژٕ پگھ ہلہٕ پاأری لَگَے
ژیٚتہٕ واتی کُنہِ وِزِ وآری   ژٕ پگھ ہلہٕ پاأری لَگَے
ژَکھ کتھ پٹھ زَن چھےٚ شاپھ   ٹلان چھُکھ تنٛبلہٕ تٕتی
سیۆن کیۆن کھبتھ ترٛاوَ کھڈاپھ   گرٛھی زَن شہَہ ژٕنے پٕتی
موٚت گُر چھُکھ بہٕ لَگَے پاأری   ژٕ لوٚت پگھ پاأری لَگَے
ژیٚتہٕ واتی کُنہِ وِزِ وآری   ژٕ پگھ ہلہٕ پاأری لَگَے

(۱۹۶۱ء)



# نظم

اَزِ تہِ بۄٚ زُم مُشکِھ پوشَن پیوٚ چھٔنِتھ
اَزِ تہِ بۄٚ زُم سوٚنزلہِ رَنگ نٮ۪ۄٚ زَن ژٕہتھ
اَزِ تہِ بۄٚ زُم شبنَمَس شِہہ مار پیوٚ
اَزِ تہِ ڈیٖٹھُم شُری اَسُن رَتہٕ دآوی گَو
اَزِ تہِ بۄٚ زُم وَچھِ تَلُک سرٛ یٔہہ سوسہٕ نیوٚ
اَزِ تہِ ڈیٖٹھُم مآے زِنٛدٕ وٕلی گٔیہِ وَٹٕسی
بُز دِلا ہو بے زَبانا بے قٕلا
یۄٚت بۄٚ زِتھ چھُے نہٕ ژٕکھ ہیٚوٚ ژٕ ےٚ لگان
یۄٚت ڈٕہٕتھ چھُکھ نہٕ وولسنہٕ زانٛہہ یِوان
گوس گُمہٕ ئرٕ گَتھ گَلے یَم کیٛاہ گرو
گُس سَنا ٹُھک گَران گُس چھُوٚ ٹُھک ٹُھک
ٹُھک ٹُھک بَرَس
مےٚ گٔیم ءگٕتھِ گوجہِ گَرٕ کیٛاہ ٹُھک ٹھک
واو ضُبحُک آو شاید چائٕنی کَنہٕ

(۱۹۶۱ء)



# واو

وُنی اوس یێتی گو بالہٕ ترٕتھ۔ واوُک ہوٗ ہوٗ
تھُس ترٕ اَوِتھ ژوٗل
تنٛہٕ لاوِتھ ژوٗل
مَنہٕ ناوِتھ أنی تو ن سال کُرتھ۔ واوُک ہوٗ ہوٗ
تھوٗی ٹیپا ٹیپ مے پیالہٕ برٕتھ۔ یوٗت آونہٕ کانٛہہ
دِرائے بجم
وبتھ ژوٗ رِژٕ جم
کتہٕ آوسہٕ زانٛہہ، برٕ ژاونہٕ کانٛہہ،
پھُٹ موختہٕ سہٕ اوسم مالہٕ کرِتھ
وِرِ گرشہٕ ہنے تھُر پیٚے پوش ہرٕتھ۔ ترٕ نیو وگوٗ گوٗ
وَتہٕ پَدٕ نے تھَوِمُس چشمہٕ جرٕتھ۔
مَنہٕ موختہٕ لَواہ
دوہ روٗ شتھ گو

وَتہٕ شامُر پو
لوتہٕ لوتہٕ ژوٗل أندی کنی ماشہٕ مُرِتھ، زَن سونتہٕ ہَوا
کُس تام پوٚک کنٛز تل ناو پرٕتھ، خوش بو خوش بو (۱۹۶۱ء)

# شہلہِ کُل

شِہلہِ کُلاہ عظیم زیٹھ تہٕ زیوٹھ زَن چھُ جَد پٔنُن
وسیع تہٕ باگہٕ بۆ رُت رأیلاہ بُلند قَد پٔنُن
وُہٕر تہٕ وأنٛس بے حِساب
تھَزر بجر تہٕ لاجواب
زمین اَتھ چھُ گوڈ تہٕ آسمان اَتھ چھُ حَد پٔنُن
شِہلہِ کُلاہ چھُ جَد پٔنُن

چھَ بۆرگ بۆرگ اَنتہٕ رُٕژھی، لَگَن لَنٛجن شُمار کیٛاہ
وُٕتھر وُٕتھر چھُ تازٕ دَم، پٔتر سَدا بہار کیٛاہ
سبز سبز چھُ نوٗر رہیٛوٗ
یِہ سونتہٕ کُے سرؤ رہیٛوٗ
سِگِتھ یِہ سورگہٕ وولُمت چھُ دِوتھَو چنار کیٛاہ
شِہلہِ کُلیُک بہار کیٛاہ

گُہُل چھُ سونتہٕ اڑبرٕ کُے یِہ زُلفہٕ کُے سَمنٛد راہ
شِہُل ژَنڈُن لوتے چھُ شبنَماہ ہَران خوش ہوا

مُژھیُل چھُ زَنتہٕ لولہٕ ہوٚت
مےٚ جِگرِ ہُنٛد یہِ نالہٕ موٚت
رٕسیُل چھُ پوشہِ نۄلہٕ سُنٛد یہِ نۄجہِ آلواہ
شِہُل چھُ سوٚنتہٕ خوش ہواہ

دَیان اَتھ گوڈس چھُ پڑاکھ زَنمہٕ امر بتھاہ پیٚومُت
دَیان دَستہِ پاک اَتھ دَیَن چھُ پانہٕ ڈولمُت
چھیٚتو نہٕ اَتھ یہِ رَنٛگ زانٛہہ
مُلیہہ تتیوس نہٕ ہَنٛگ زانٛہہ
سگِتھ اَلال خان آسمأنٛز گَنگہِ پولمُت!
دَیَن چھُ پانہٕ پولمُت

یہِ ژھورلولہٕ سان آسمانہٕ کیو جَناورَو
یہِ کوٚنٛچھ مایہِ سان شَش جہاتہٕ کیو دِلاوَرَو
دۄ پکھ لَسو بَسو ییٚتی
گِنٛدو، درہ گو اَسو ییٚتی
زیٚود، زُوَو، پھولَو، نَو ویٚتی پَٹِن سَمُت گَرَو
یہِ دۄپ حسین جَناوَرَو

چھِ پڑ ٚنز تہٕ چھیٚتر تہٕ ہاری کیٚنٛہہ تہٕ کیٚنٛہہ چھِ زَگ تہٕ شامہٕ رٕنٛگی
چھِ کیٚنٛہہ ترٕکر تہٕ کیٚنٛہہ ہٕجمر تہٕ کیٚنٛہہ ییٚتکر تہٕ کیٚنٛہہ فرٕنٛگی
مگر یمن چھِ اٮ۪لی ییٚتر
یَمن چھِ ماجہِ مأکی ییٚتر
یَمن چھَ عید ییٚتر، ویٚشأکھ ییٚتر تہٕ ہوٗلی رَنٛگ برٕنٛگی
گُنی چھِ پڑ ٚنز تہٕ شامہٕ رٕنٛگی

چھَ بول بوشہِ واریاہ وَزان زَن چھےٚ بَنسری
سرٗد، طبلہٕ، نوٚٹ، ستار، راگ سوے اسوری
ٹرِ وٹرِ وتہٕ گُوپیو
چرِ وچرِ وپیُو پیُو
صَدا چھُ بیٚون، اَواز گُنی یِہاے چھَ سأنی بَرتری
وَزان زَن چھَ بَنسری

(۱۹٦۲ء)



# باراں کوٹ

گٔرس منٛز ژاس

تہٕ باراں کوٹ کوٗ ڈُم نالہٕ

اَویزان تٔرٛ ووُم کوٹہٕ کٕلِس پیٹھ

ہَنگہٕ مَنگہٕ پھٔٹیوٗ رُس پوٗت

تہٕ یِڈٕ بٔرِتھ نظراہ گٔرمَس

باسیوٗم زَن چھُس بۓ

اَتھ کوٹھہٕ کٕلِس پیٹھ اَویزان گومُت

پھیکٕ تہٕ تھۓ، نٔرٕ زٕتیٚچھ تھۓ، بٕیٚیہٕ شانہٕ تھۓ،

سُۓ قامتھ زٕتھٕم زیوٗٹھ، تہٕ نالُک آرٕ تہٕ سۓ

بٕنٛٹٔن ہیٚرٕ بوٗنہٕ کاجہٕ کیہٕ دٕژسہٕ ستی پٔنٛز ہِوی ڈٕلۍ تٕتی

وُچھنا کوٗرمَس ہیٚرٕ بوٗن پوٗنتہٕ

تہٕ بٔرمژرِتھ دٕژاس پانہٕ نبرٕ

دٕژاس پانہٕ نبرٕ اَمہٕ تھانہٕ نبرٕ

ایوانہٕ نبرٕ، دوٗکانہٕ نبرٕ

گم تام ژٔنی جوراہ آکھ

پرٚژ ژٕ ھ بگھ

ہے تَس جَنتھ گارُن

توہہِ مایئتہِ کانٛہہ باقٕے پَتھ کُن نیب نِشانا؟

ژٔٹ پٔٹ کانٛژھا یا کل پوشا

کا کد وُرقا تازٕ کلاما؟

پوٚت گرِ تَس اوس لاگ رگتھ آسان باراں کوٹاہ

''اَہَن حَض اوسُس کوٹ سٕہ اوس ہیٚرِ ولنٛجہِ اَویزان

گوڈٕ ماو وٕنٛدٕ آوتَتھ کُن وُچھنَس

پَتٕہ لوگ اکہِ دوہہٕ پانَس پانَس

یوٚت تام آومُو اُفق لوگ تہٕ پَتٕہ ترٛ وواَنٛد کُن

کیٚنٛہہ دوہہ گٔیہِ آوجَنٛدٕ گوٚرا اکھ تٔسی کُن اَخر

''توہہِ گتھ لگہ، ہے؟

اَسہِ حَض اوس بکارٕ ے اَدبی میوٗزیَم باپَتھ

توٚہۍ ؤنی تَو کانٛہہ نیب تمنٛگ

بێیہِ گٔس توٚہہِ گُنہٕ وَن؟

دیوٕ وُنہِ ییہِ أتھی؟

کتھ سأ وَنہِ ییہِ گتھ ییہِ اَتھِ از؟

جَنٛدٕ گٔری وانٛس جَنٛدٕ اَنٛبارا

گتہِ ژھأرِو توٚ ہے

ووٚزٕ گو البتہٕ نیب سُہ یۆزِو

ٹیب کٔڈِتھ اَسترس پیٚٹھ أسس

ہرٕ ہشٕ لیبل

”شیخ اِلٰہی ٹیلر ماسٹر“

(۱۹۶۲ء)



# زِندٕگی

زِندٕگی چھَنہٕ کھَسہٕ وَس وُ ہہ ناٲجن
زِندٕگی چھَنہٕ پھرٕ بکہٕ وِفی واٲلنج بَس
اَتھ زِندٕگی اَکھ اَکھ پَن چھُ اوٗ دُر
یوٚ تام سرٕ یٖہہ چھُس توٚ تام ہاوَس
پگہہ پگہہ پھِر ناوُن حسرت کانٛہہ
کوٚ تامَتھ تھٲوی زبس ناکَس تھَپھ
تھَپھ ترٛاوِتھ
زاٲنی زِ بُتھی پھِرِ زِندگی ژٕنڈ لاٲیی
پُرٕ لوٚثھ پٕنٕنی نو ہاوی زانٛہہ

(۱۹۶۲ء)

☆

# ٹاواہ......ٹاواہ

ہَچہِ ترِش اَکھ تُنٛج پھراسِتکی کاوَن
وُپھ تتھ کُلی تہِرس پیٹھ کھارن
لَنٛجہِ پیٹھ تھاوِن چکہِ مکہِ ڈُکھرِتھ
واوِ رِنٛگا اَکھ آیہِ تہِ ترٛاوِن یون کُن
تُلہِ کُلی کاوَن وَنہِ کَڈ جَل جَل
اَنہِ گٹہِ تھاوِن ہیٚور کُن کھارِتھ
زاگا ہتھ اوس تُلہِ کُلی کاواہ
تمی ٹی جَل جَل ہیٚور کُن کھالِتھ
کھوکھرِس منٛز تھاوِن ڈُکھرِتھ
روٗدِ چھوٚلاہ پیٚو ترٛشی پیٚیہِ یون کُن
بونہِ پیٚپھکی کاوَن لَب وَتہِ پیٹھ
ژھوپہِ دوپہِ تھاوِن وُتھرن پیٚشرِتھ
بوزو کوٚت تام واو تھوبس سیٚود
نہَ چھےٚ ترِشی ٹھہران نہَ چھُ کُنہِ اولا
اَسہِ ووت صُبہِ پیٚٹھ بوزان خالِص

(۱۹۶۲ء)

ٹاواہ ٹاواہ ٹاواہ ٹاواہ

# پاں ژادَر

گر گر گرار گر گررر گررر
گر گر گرار گرر گررر گررر
دژسۍ دِتھ وَسۍ وٕنی آبہٕ مَلَر
گر گر، گررر گر گرر گررر

جَر جَر جررَر جررَر جَررَر
جَر جَر جرار جرر جرار
شَر شَر شرار، شرر شررر
شر شر شرار شرار شررر
رَسۍ رَسۍ چھُ گران آرٕ مَشر
شَر شَر شرار شَر شرر شررر

ترَ ترَ ترار ترَ ترار ترَرر

ترَ ترَ ترار ترَ ترار ترَرر

کولہِ مَنٛز ووتلے یہِ روٗدِ بُرَ

ترَ ترَ ترار ترَ ترار، ترَازَر

سَر سَر سَرزَر سَر سَرار سَرازَر

سَر سَر سَرار سَر سررر سرازَر

ووپھِ ڈٲنجہِ میٛژِ شٲرپ پاں ژاوَر

(۱۹۶۲ء)



# موت

تَرٕتک تابُک تَرٕ۔ تم۔ تَرٕ تَرٕ
وُنہِ چھم وأٔلنجہِ تھَرٕ۔ چھَم۔ تھَرٕ تھَرٕ
شَرٕشک شاپُن شَرٕ۔ شَم۔ شَرٕ شَرٕ
سَرگَم پوش گٔیہِ بَرٕ۔ گم۔ بَرٕ بَرٕ
دَردُک داسُن دَرٕ۔ دَم۔ دَرٕ دَرٕ
پُرنَم أچھ لَجہِ دَرٕ۔ نَم۔ دَرٕ دَرٕ
زَرٕزک زامُن زَرٕ۔ زَم۔ زَرٕ زَرٕ
وَچھ دَم، ہَٹہِ اَرٕ سَرٕ۔ دَم۔ سَرٕ سَرٕ
پَرٕپگ پالُن پَرٕ۔ پَم۔ پَرٕ پَرٕ
تَچھِ نَم اَبہٕ سَنہٕ وَرٕ۔ نَم۔ وَرٕ وَرٕ
لَتہٕ کرٛم موٚٹھ میٚتہِ گَرٕ۔ کرٛم۔ گَرٕ گَرٕ
ہَرمک ہامنی ہَرٕ۔ اوم۔ ہَرٕ ہَرٕ
مُنٛز گوٚل اوٗش ووٗتھ جَرٕ۔ تَم۔ جَرٕ جَرٕ

(۱۹۶۳ء)

☆

# ہے ژۄ رو ہو

ہے ژۄ رو ہو

ہے بۄ ژۄ رو ہو

گُلو تہِرس پیٹھ چھُوٚ وُنہِ اَکھ ٹنگ

یِنہِ ترٛاوِیُوٚن واُلیُوٚن گُلِل لاٚ یتھ

روٗدِ شِپنہِ چھُ وزامُت تاوَن زَد

ڈوٗٹھس دِتھ سپنہِ تہِ ژھَٹھ ژاُلتھ

یہِ چھُ ہوٚنٛز اُڈِج

پَرِ ماتھوٚنَس شِپَن روٗدَن

یہِ چھُ توتہِ تیٚتھے!

یێلہِ دِیُوٚس توہی لاژوٚ تہِ فِکرِ ترٛٲبس

وَنہِ کٲہو پێوم گَرٛ

پلہِ نَے یۄ دلاژو، تێلہِ تھلی تون

سَرِ ژوٚیُوٚتھ گُل

پانَے وَسہِ یون گُن بتھی پھیرٛ ٹنگ

پھٹہِ اُچرٛ شنکرٛنٛزی پزاُنٛز مَکُھ

(۱۹۶۳ء)

# گرٕژ پھیٚر

یتھ سیکہِ لِس منٛز سٕنز اوٚژ کھور
بون بون بون تام
اَتھ چاٲنِس پٕدرِ آ کارِس پیہ بکہِ آب برٕتھ
آبَس چھُ پھٕٹھیم تہٕ بےٚ حرکتھ
تہٕ منٛزی اَکھ تارکھ زٕژ ژوٚک ژھارنہِ وٕژھ
ژٕکہِ گنہِ پھلہِ ستیٚ کھیٚون چوٹ
ہیوٚر رکھِرٕ وُپھ لاٚ یتھ
پٕتھ ژھوپہ دوپہ ژھوپہ دوپہ چاٲنِس وَچھِ ووگنیا رِس
ژرِ بچہِ زٕن پھوٚر چھِس ووٹہِ لایان
پھرٕ بک پھرٕ بک، پھرِ بک، پھرٕ بک
ژےٚ تہِ کٔن کیٚس
مےٚ تہِ اُچھن وُتل
اَکھ اَکِس چھِ اَسی اَزمُدیہ وُچھان
سمسارَس دِتھ زُوِ دان
رٕچھِتھ، پاٲلِتھ، پیترِتھ
پتہٕ نِہہِ ناوِتھ، پکِہ ناش کرِتھ
پٕدرِ آ کارِس، وَتہِ صاف کرِتھ

(۱۹۶۳ء)

# زِندہ بادشام جی

ژیٚنہٕ گوٚے ناکَنَن نوٚو گوٗن باجہِ سانے۔ ڈٕہری باجہِ سانے
تھوٚکُھ کیٛاز لَر اَڈوَتے کیٛاز ِترٕ اُوتھ
چھَ وُنہِ کأم باقی ننبِدر کیٛاز ِپرٕ اُوِتھ
ویٚتُھ خون باغس پھُلےٚ کونہٕ چھاَ تھ
چھِ نو وِزِیو ان! کونہٕ ژٕنے تہِ آژھ ناُوِتھ
گرُن یَس پَزیا تَس مَرُن باجہِ سانے۔ ڈٕہری باجہِ سانے

یہِ ونہٕ ہَم تہِ بۄزُم
کھٔتِھ چھا؟ خَبر چھَم

خَبر چھَم زِ وٚیتھ وارہ باپتھ ژٕلۄشکھ
خَبر چھَم میٚہ کوٚنگ وارہ باپتھ ژٕلۄشکھ
دِیٚتُھ زُوہیوٚتُھ زانہہ تہِ ماہتھ ژٕلۄشکھ
اِرادن نوبن تھف گرِتھ گتھ ژٕلۄشکھ
تسلی میٚہ چھُم زِنٛدٕ چھُکھ باجہِ سانے۔ ڈٕہری باجہِ سانے

ژٕلۄسکھ تہٕ گۄو کیاہ؟
شونٛگتھ نار روزِیا؟
ژٕلۄسکھ زِتی چاٗنی مالوسہٕ ہرِگز
زِتی بنہٕ تمبر براوٕ مالوسہٕ ہرِگز
تمبر بنہٕ تیٚونٛگل براوٕ مالوسہٕ ہرِگز
تیٚونٛگل ناربنہٕ براوٕ مالوسہٕ ہرِگز
تۄے نۄو گوٗن چھس گوٗن باجہٕ سانے۔ دٕہری باجہٕ سانے

(۱۹۶۳ء)



# وطن

وطن، وطن، وطن سانے حیاتک بہار
تھکِتھ لالہٕ زار پڑ زلون خمار
وطن سون سانین دِلن ہُند قرار
وطن بالہٕ یار، وطن، بالہٕ یار

یہٕ سون پوشہٕ مالِنین یہٕ اَسہٕ شیرِ تاج
یہٕ سون بأے راج یہٕ سون مہرِ داج
سبٹھاہ رُت تہٕ ہیٚوٚت توشہٕ وُن پوشہٕ زار
موٗلُل موکھتہٕ ہار
وطن سون سانین دِلن ہُند قرار
وطن بالہٕ یار، وطن، بالہٕ یار

سگو مُت چھُ أمی سانہِ لولک گولاب

سبٕتھاہ بےٚ حِساب، حُسیٚن لاجواب
چھِ ایحسان کٔتی بےٚ حد بے حِساب
نہٕ سُم چھکھ نہٕ تار
وطٔن سون سانٮ۪ن دِلن ہُنٛد قرار
وطٔن بالہٕ یار، وطٔن، بالہٕ یار

ڈٔلو ازٕ یہٕ شیرون تہٕ پأرون زَبَر
گٔنڈِتھ دوٗر گٔمر، بٔتھ رأچھ دَر
وَنٛد وس دِل جِگَر، آلہ ووس لوکہٕ چار
کٔرِتھ سَر نِثار
وطٔن سون سانٮ۪ن دِلن ہُنٛد قرار
وطٔن بالہٕ یار، وطٔن، بالہٕ یار

(۱۹۶۴ء)

☆

# کاکدوأکی سنز ہگھ

کاُپی کاکذ اَخبار ءکنو
زُٹ پُٹ چھوِ زَچہِ اَنبار ءکنو
پھوٚل ہیوٚل چھوِ کھاُرِن کھار ءکنو
دَھن دیا روٗٹوٗ گرِ بار ءکنو
رُدی کاغذ اخبار ءکنو
بۆ زِتھ زوٗ رڈیشتھ اوٚن لاٗ رگو
کُمۍ کیاہ کوٚرتوہہِ کیا ژنوٚن لاٗ رگو
کھارا کھٮ۪تھ سَنہِ کھوتہِ سوٚن لاٗ رگو
نبوِ رَہَن کرِو، گفتار ءکنو
رُدی کاغذ اَخبار ءکنو
ہُمۍ کتہِ اوٚن اَتھ گتھ سَنہِ بےقل
تیمۍ کُن چھوٚن، یژھ گتھ وَنہِ بےقل
کھوتہِ وَٹہِ کھوٚڈ کیاہ کھنہِ کھنہِ بےقل

پرٛتھ کانٛہہ کتَھ چھُہٕ پھِرٕ پھیٛارٕ کِنو

رٕدی کاغذ اخبارٕ کِنو

ہُمی گُن غأرتھ، توٚہی مَتہٕ سٔنز تَو

تیٚمی کوٚڈ حاجَتھ، توٚہی مَتہٕ سٔنز تَو

وۄب گُن پٕچ وَتھ توٚہی مَتہٕ سٔنز تَو

باقٕے چھِہٕ نا؟ اَمارٕ کِنو

چھُہٕ نےٚ تِتہٕ رِکردارٕ کِنو

رٕدی کاغذ اخبارٕ کِنو

(۱۹۶۴ء)



# اَسہِ کوٚر فاصَل

اَسہِ کوٚر فاصَل سیٚزرَس پَزرَس روزُن نأَلی نال
راتچ گَٹہِ کأسِتھ پَز صُبحہِ چہِ پزٕ وِ سون استقبال
اَسہِ دیُت کلہِ کأپناتَس اَمنگ دوٗپ سَمہِ ژارُک دا ے
اَسہِ تھوٗ پَنہِ مَن قولَن فیلن لَسنچ بَسنچ ترا ے
اَز تہِ گواہ سانے دِل صأفی پزون ہما لُک بال
اَسہِ کوٚر فاصَل سیٚزرَس پَزرَس روزُن نأَلی نال

اَز تام کأتیاہ اوٕرکی یوٕرکی اَسہِ ژھین دِنہِ یوٚت آ ے
اَسہِ زأنٛی سأری پَنہِ نی بارٕنی، زَن اَسہِ وَچھ تلہِ زا ے
جاناوار چھِ بیٚون بیٚون باغَس کَن سور گُنی چھکھ تال
اَسہِ کوٚر فاصَل سیٚزرَس پَزرَس روزُن نأَلی نال

عٲلمَس اَدبَس گُمہٕ ءتیٚ سگہٕ وِتھ سَمیَس بدلو ژٕرا ے
اَمنَس تَن مَن آیُت تھاوِتھ اُژٕزَرو سارٕی ٹیاے
صُبحُک شبنَم لول تہٕ سَتھ ہتھ پژاران بُرٕی بُرٕی تھال
اَسہِ کوٚر فاصَل سیٚزرَس پَزرَس روزُن نٲلی نال

دٕے مُشرِتھ أسی لیہٕ وَژھٕ ژٕراوو، چشمن کاسَو ژھاے
شِشرَس وَنڈٕ بِکس دَنڈ پھُٹرٲوِتھ سوتَس شیرو جاے
وَطنُک اَکھ اَکھ دِل تھاوَو أسی شیہٕ ءتیٚ مالامال
اَسہِ کوٚر فاصَل سیٚزرَس پَزرَس روزُن نٲلی نال

اَسہِ گُر اَزتام پَزرَس پوٚزا، اَپزِس ژھوٚٹ گیہٕ جاے
لوٚلن تھوٚو شہہ مِلہٕ ژارس، شوزرن دِلہٕ ہیٚے دُبراے
اَسہِ روزِ پژزِوِنی لولہٕ مَشالیٚا ٹوٚٹھ جوٲہِر لال
اَسہِ کوٚر فاصَل سیٚزرَس پَزرَس روزُن نٲلی نال

(۱۹۶۴ء)

☆

# صُبح گاہی

سِیاہ موٚٹ ژادراہ زَن راتھ خاموش
حیاتَس موت پھیوٚرمُت، آورینہٕ بَل
یِکِشاہ گوٚو یِگ قلَم؟ کِشاہ تاژٕ وٕستھ پیو
دِنَن گیہِ اَنہِ گٕژِس ووٚٹھ کَڈٕ خَبر کٔمی
ہَوا ژٕہریٚو گُلبن أندی پکھی سِسَر ٲج
ہُپأرٕ رَس کیٚسرِہ گیہِ اَکھ روت ژھایا
بےٚ شوٚنٛلِس زال ژھیوٚن زَلرِس پَتھر پیو
تِتھےٚ ٲج اَنہِ گٕژِس چھگ بونہِ پٕتٕ رِکٕز
دَبادَب ٲج سَکھر زَن ڈیٖرٕ وَٹٕنِس
وُتل وٕژھ راتہٕ کریلَن بے خبر پأٹھٕ

کٔمِس نیٚہہ آیہِ گتہِ گُس رٕود ژھیٚنھ دِتھ
وُتُن دوران دَوال گو روت کالَس
گَران لوٚنگ لوٚنگ ڈوچُر دِتھ شَب سِیأہی

کیأرۍ تانٛ گاشہِ ٲتھ اَکھ آیہِ نیٖرتھ
موژیٚوکھ کوٚنٛڈ گٲیہِ شرٛپیٚتھ زَن روت موگَل
ہیوٚتُن بیٚیہِ موٗژتن ٹوٗربن ووتھُن پھوٚر
پھِربگٲن ہیوٚت واوِ پھٔنگربو آیہِ وولہِ سِتھ
اکی زِژِ زَن سِیاہ وَرقَس یہِ گت ژھُن
نَتےَ گُل دَخ پٔرۍ ٔر وأژ قافَس
گرٛشھان دُب دُب وَچھَس تَل بَبرِ کاٹھَس
سِیأہی گو وَچھَس زیُٛس نوٗر ووتلیٚو
گُنی شاہہِ کولٲہِ سر چیتھ نیٚو یہِ کٲمی تال
ہُپأرۍ کھوٚت کامہِ دیو وُلہِ مٔنی پہاڑَس
وومیزن کاوِرہٕمتی پھوٗرۍ بَنٛد بَنٛد
نیٚبر گَمہِ آشہِ بیٚیہِ کوٚڈ واش نَرِنے
گٲمِژ ووسہِ راتھ یَس تھَرِ زاے تَس پوش
سنگرمالَن ٹیٚنٛڈبن رَنٛگ دود بَبَن کھوٚت
دَرٛمَن کانٛجہِ شرٛوکے ہٕتی نأر مُژرِکھ
سِیاہ خانَن تہِ ٹھٔگہِ بَر آے نیٖرتھ

سوتے ءمِژ زِتِنہٕ کھُرِ وأنِج ہَنا بوٗژھ

اَما زِیوٗ پیٹِھِنہٕ نِیے زُو ژاو شاید

ٹِرو ٹِٹ ٹِٹ، چِرو چپِں چپِں، گگو گو

یہٕ چچ چچ چچ، یہٕ پی پی پیٖوو ہوٗ

ژِتھرِ ہیوٗت ماگ نیٖرتھ آتشہٕ ژھارُن

ژُٔسِتھ آسے رَنگ لأرِگتھ روٗخ بَہارِکی

سَبز لیٖدرِیوٗو، لیٖدُر ووشلیٖوو تہٕ شولیٖوو

عَباسِس شوخ تیٖہہ گیہِ وارِ تیزیٖوو

گُنِئ اَکھ ژیٖہہ کوٗڈُن کرِتھِنس جہانس

یوٗسے ژِیٖہہ گَش کَڈِتھ گوٗڈِ ہے دوہَنس سُقب

یہٕ مَنگہِ ہا بَس پہأسے گوٗڈِ وأنس آسنٕ

(سون ادب، ۶۵-۱۹۶۴ء)



# رنگ آمیز یاداوأری

اَز چھےٚ رَنگ آمیز آوأرِ یاہ خوش بوے واو
اَز چھُہ بیٚیہِ مجنوٗن اےٚحساسُک جوٗنُس سَگ دِوان
بیٚیہِ پہوان زَن یاد سُے یُس ییٚتہِ دوہَے اَسہِ یاد روٗد
اَکھ مُرشِدُل آلو، یِئُنٛد بُتہِ رأژ ہُنٛد موٗدرِ سرٛیٚہہ
عاشقی ہُنٛد سوٗن تَصوُر حُبِ وَطنُک لولہِ راز
کأشرِ بَن آرَن کولَن ہِنٛز شوٗذرِ سازِچ گنگراے؟
شیٚنہِ بالَن ہِنٛدی ووٚزلی تیٚژتأکی ہیٚمرٕ ہُنٛد تھزر
آسمانُک حَد، خیالُک رَنٛد تہٕ ذٕہنچ زہٹھ وُپھ
خوٗنہِ گنہِ رَگ رَگ فَقط سیماب بَکہِ ناوان ژوپأری
دُنیاہَس مَنٛز ییٚتھ نہٕ دُنیا روٗد اےٚحساسُک وُڈَو
کورِ ہُنٛد مولا، زنانَن ہُنٛد رفیقا، دَردِلا
ٹوٗٹھ بویا، اَکھ جگر وولا، مگر ژھوٗپ، زَل زلا
مأری موٗنٛد اَکھ خاب آزأدی، عَلمِ ہِندوستان
ہِری پہِ کھَسہِ وُن، بال اَسہِ وِنی، زِندگی ہُنٛد خوش خرام
کأشرِ بَن ہِنٛزِ شوٗژِ میٚژ ہِنٛز اُڈرَن، سَرکش مِزاج
عالمی اَمنُک یَژھَن وولا، بُلنٛد اَکھ حوصلا

بێیہِ مے پتہٕ اَز یاد پیٚوو، یُس بێیتہِ دوہَے اوس یاد مے
تیمی وَطَن، ہِندستان آخر بنووُن کُل جہان
تیمی بَرابَر تارِ کانٛج واتہِ ناوٕن اَنٛد ژوٗپوٗر
تیمی دوہَے یوٚژھ آدَمس گوٚژھ آدمہِ سُنٛد ناو پیٚون
تیمی دوہَے دوٗپ اَکھ اَکس نِشہِ گوٚژھ نہٕ روزُن کانٛہہ تہِ بیٚون
یَس اَکُے گُزرُک تَصوٗر زَن نِشاطُک سَرۍ گُل
اَتہِ چھِ ساری دُنٛیہکی بیٚون بیٚون پَنٛنۍ اَسہِ پوٚشہِ زاژ
اَتہِ چھُ باسان ماجہِ سانے سارِوے زَن دود چوٚمُت
اَتھ مقامَس عشق سَپدان پوٚختہٕ شوقُک تاو کھٮ۪تھ
اَتھ مُقامَس پێٹھ چھُ مِصرُک یوٗسِف کنعان پیٚٹھن
اَتہِ فلسطینی مُجاہِد میانہِ سَفرٕکی ہَم سَفر
آب گو آبِ حیات گنٛگایہِ پێٹھ تا وولگا
اَکھ تَصوٗر اَکھ پزر، اَکھ بُڈ حقیقتھ زِنٛدگی
گاہ چھےٚ زوتان زَنتہِ گانٛدھی، گاہ چھِ نہرو دَر دِلُک
ناو، یادا واریاہ، یاداش زَن اَرمان شِلُک
اَز وُڈو گرنَس چھُ بێیہِ شاہ پاز لولُک بێنۍ قرار
اَز بُرَ خونَس چھِ زَن تا شوقہِ سےٚ پھوٚلی ہتی گولاب
اَز چھَ رَنٛگ آمیز یاد آواریاہ خوش بوے واو

(۱۹٦۵ء)

# سُہ تہٕ اوس دوہا

سُہ تہٕ اوس دوہا
ییٚلہٕ اَکھ شخص اَکھ زاچھِو وژونگ
تہٕ لولُک سرٛ یِہہ مِلہٕ وِتھ اَتھ ژاَنٛگس
نارٕچ ریٚہہ کھاَرِن ہیوٚر رہیوٚر
ییٚتہٕ کانٛہہ زَچِہ موٚت بےبَس اَتھِ چھوٚن
اوس تہٕ تٔمی کٔڈ ووٗٹھ ہش ہَنگہٕ مَنگہٕ
ہے بنٛگہٕ گٔے دردیوار
لوٚت لوٚت سوٚت سوٚت
ژھوپہٕ ژھوپہٕ مَنٛز پٔکی کاَتیا کاَتیا
اَڈ کھوبتھی، اَڈ مٔری اَرمان، اَنٛہٕری ہاوس
یَتھ ژاَنٛگس ریٚہہ اَس پرٛزلان
تَتھ لٔگی چھپہٕ کَتہٕ کاَتیاہ دِل ہشیار
تھوٚو ووٗتھ رَسہٕ رَسہٕ بیٚیہٕ شُہمار
شوٚنگمت شُہمار
تہٕ ژاَنٛگ ریٚہہ گیہٕ بژادان بژادان
بژادان زَن اَس کانٛہہ وُزمَل

پڑتھ کاثہہ دِل چھوکہِ لَد مَنقل
پڑتھ کاثہہ خاب بنیوو اَکھ نژوُن شولہِ دِوان
زَن نارِ مُہل
ہے بنگہِ سُہ دُنیا دارَنِ ہُند دُنیا
وِنیسرِ تھ پینے راج محل
ژاَ نگس تیز یِوو شہہ ووزلیو و
ناروناروسَپد دُنیا
رَتہِ ژاَ نگی بنے یہِ اُچھ
لَچھہِ بَدی ژاَنگی ہیّتِن پڑتھ جایہِ دَزِنی
دُنی یاہ ترٛ ہریوٗ و
سُہ تہِ اوس دوہا
ییلہِ اَسہِ وُچھ ییتہِ اَمہِ گاشُک گاہ
اَکھ پیوٗ ژتا اَکھ ژاوآنگن سون
اَکھ دوٗرِ چ آوازاہ اَکھ
زَن مئوٗ ٹھ رٔ سُیل کاثہہ آرِ صَدا
وُچھ یانی تہِ تانی اَسہِ دِل وُپھلیو و
اَسی وژا ے پکنی ژھینٛیہ تی شَہہ ہتھ
پُھولوٗنچن کیتھ دوٗپ

أسؠ سوٚنٛبرٕ ونوٚ وگاش
تہٕ پیٚبرہن زوٗل گرٕو
زَچہِ شیرٕ وِمچہِ بُبلَن منٛز
توٚ ملَس لوزٕ گرٕو
اَسہِ وُشنیوٕرتھ
اَسہِ وُشہِ نوو شاہ
اَسہِ وُزِناٗووتھ
اَسہِ رٕژھرٲوِسَتھ
پَتہٕ کیاہ گوٚ کتھٕ گٔیِ گوٚ سوٗرٕ ے
پَتہٕ انہِ خوداسانوِ زَچہِ پَلَو ومنٛزٕ ی
ژوٗل نیٖرِتھ سوٚنتہٕ شہُل شبنَم
تہٕ تیمی لوٚب تٔمی کوٚر زخم اَتھ
کوٚرنَس چھونیاٹونیا
أسی روٗدی تِتھی
تِتھی زاءتی أسی

(۱۹۶۶ء)

☆

# زِنٛدٕ باد

زِنٛدٕ باد، مےٚ حَض بَس چونٛےٚ سرٛ یٚہہ

زِنٛدٕ باد، یہِ نخٕوٚ تھ اَپزٕ ہے تیٚہہ

زِنٛدٕ باد، ژٕ پیٚوکھا اَدِ حَض پیٚیے

زِنٛدٕ باد، خبَر گتہِ آیِی نیٚہہ

زِنٛدٕ باد، ژٕ گٔس حَض؟ وَلہٕ حَض بیٚہہ

زِنٛدٕ باد، مےٚ داماہ ژٕ تہِ کینٛہہ چیٚیے

زِنٛدٕ باد، اَلٔے دۆد، تھۆد چھس ریٚہہ!

زِنٛدٕ باد، مےٚ اردھم اردھم ژیٚہہ

اَسہِ ووتٕ وُچھان یِی حال لَگَے

یہِ چھُ سورُے مایازال لَگَے

مِلہٕ ژار کُرِتھ بَد نام سَپدی

گاہ پوٚنٛتہٕ تہٕ گاہ اُسی خام سَپدی

زیوِ پیٹھ کھٔسی کھٔسی لیلام سَپدٕی

سون اَستھ زَن اَسی تٕرام سَپدٕی

کیٛاہ تام اَستھ کیٛاہتام سَپدی

اَسِہ گو اہل کے رَمبال لگَے

یِہ چھُ سورُے مایا زال لگَے

(۱۹٦٦)



# ویت نام

اَز ڈاٹھم اَز اِنسان
چھِ کاُتیا، کاُتیا اُسی
بیوٗن بیوٗن تہٕ بیوٗن باسان
یِمے لَنجِہ باَمن
اَزاُنی تہٕ زاُنی زان
ہِشی زَن مَنہٕ کاَمن
ہَتھ شکلہٕ تہٕ گُن انمان
ڈَلس منٛز سوشتہٕ ہَوا
موٗت شبنَم موختہٕ ہَران
نِشاطُک گُکلہٕ صَدا
اَکھ اُکی ہٕنٛدِ کھوتہٕ رٕتی جان
کوہَس پیٹھ پزٕ شیٖنس
مَنہٕ شوٗ دی یوٗ دی میٹھ زَبان
ژَنٛدَن شیٖہلتھ سپنس
پرٛتھ ژَمہِ تَل رَتھ ناپان
ووزُل زَن رَتھ چھُ وُشن

پرٛتھ ڈبکہٕ زَن نۆرٕ رچ کان
سُہ چھوٚت زَگ یا چھُ گرٛہُن

اَسہٕ وٕنہِ ہوٚنجہِ دَسہٕ وٕنی چال
پَنٕنی ہِش ماے پَنٕنی

مَس کھاسی چھِ مالا مال
أچھَن مُرٛ ترٛاے پَنٕنی

ویت نام پَنُن ویت نام
یوٚہے زَن سون وَطَن

مِصرُک پَزرُک پأے غام
یوٚہے زَن سون وَطَن

اَفریقہ بَنہِ نہٕ غولام
گلَن ہالوتہِ گلَن

دِیہِ گاہ سون اَنہِ گٹہِ دام
پھولَن گُل دارٕ پھولَن

اَز ڈٕتھِم رِتی اِنسان
چھِ کأتیا کأتیا أسی

مُلہٕ تلہٕ یہِ چھُ میوٚنے پان
چھُ سوزَس ساز گرِتھ

(۱۹۶۶ء)

# زَلرِ زاج

اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ

اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ

اوٗ ہ اوٗ ہ سورٕ ے گردِ غُبارا

اَنٛدٕ وَنٛدٕ گردٕ ے گردِ غُبارا

لَرٕ ھِہنٛدی ڈیرِ تہٕ ہُرہ اَمبارا

اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ گردِ غُبارا

قرنو پیٹھٕ سَمیَن وٕلی دِنی ہتہٕ

وتُنک سورٕ ے ژھوٚٹھ سومبراٲوِتھ

پٕوٚ دترٕ اُوِنی رٕکرٕھ وَتھ چھٔنہٕ تھٕوٚہرٕ

ہایہٕ رٕ زٕوہ سٕتی لِیہٕ تال ترٕ وپہٕ رتھ

لاوِہ چھُ سَتھٕ گرٕ ژٕہنٕن مونٕن

پدی چھِ گرٕھاں وٕسی وٕسی پاتالس

میٚرٕ مھنیوٚ ہیرَن پیٹھ پہرس

وٕشِ ترٕ اوُن گوٚب، شھہٕ ہیوٚن مُشکِل

ووٕنٕ لَلہٕ وان ہر ہانٛگُل کھونہٕ مَنٛز

زُوچھُ کھسان ہیَرن، پگہٕ رارَے
اَنٛدٕ وَنٛد سورُے گردِغُبارا
اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ گردِغُبارا

بَر ٹنگہٕ دزٲمتۍ، زِپہٕ بنے ژٲمتۍ
بُڈٕ جورا پینشَن نِنہِ آمتۍ
تھکیٚمتۍ، ژھینیٚمتۍ، حبسہٕ وبسرےمتۍ
زِنٛدٕ پانۍ یٚیمہِ دُنٛی یاہَہ گٲمتۍ
جورِ پٹھن پیٹھ نقشہِ نِگٲری
کرتاجٕ موہرٕ زرکٲری
کٔمۍ تاں ووستَن کیٛاہ تاں سوٗنٛچتھ
گُمٕ نام لاَالہِ چھُ پیٚوٗ راہ گوٚرمُت
تِتھۍ پیٹھ گردِ چھُ ڈافاہ دیتُمُت
زَلرو تھوٚواٴ تھۍ شافاہ ووٗنتھ
اَنٛدٕ وَنٛد سورُے گردِغُبارا
اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ گردِغُبارا

کھوژان کیٛاہ چھِو؟ بَر مُژرٲوِو
نظراہ ترٲوِو دیواں خانَس

ہیر بوں لَڑ ہِ کیٔتھ گچھ چھس کوٚر مُت
وُ ڈِ چھس تھوٚ ومُت لاوَن زاٲلتھ
موٗمتِ ہاوس مُشکِنۍ اَدفر
ہایہِ رزَن ہِندی وُ پھ ؤنی جالَر
زاٲج چھَھ کھرٕ مرٕ علمن علمن
تالو ترٛ ؤ پہ رتھ زالو تھوٚ ومُت
آمتی کاٲتیاہ گاٲمتی کاٲتیاہ
پڑ ہتھ کانٛہہ دۄل ؤنی ؤنی ییٚتہِ دژامُت
اَنٛدِ وَنٛد سورُے گردِ غُبار راہ
اوٚہ اوٚہ اوٚہ اوٚہ گردِ غُبارا

لَبہِ پٮ۪ٹھ پوشہِ پھُلے گُل کاٲری
کلہٕ نلہٕ وُرناہ ہیتھ زَن لاشاہ
پَتھ کالکی کلی موٗنی ژترِی کیٚنٛہہ
منگوٗلس تٔلی ہل وُ دی گاٲمژ
لَژ ہِ تٔلی پکہٕ ؤنی ، ٹِکہٕ ؤنی ژھایا
وۄتھ وُ ن یاوٗن ، کھَسہِ ؤنی زوٗنا
رٔے گومُت لوکہِ چارُک وِسُناہ
میوٗنُے دُنی یاہ ، پڑ ونُے دُنی یاہ

میٛونُے تاج تہٕ میٛانی اجنٛتا
یِم تصویرٕ چھِ پَتہٕ زَن لاراں
یِم کیٛاہ ژھاراں؟ یِم کَس گاراں؟
اَنٛدٕ وَنٛدٕ سوٗرُے گرِدِ غُبارا
اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ اوٗ ہ گرِدِ غُبارا

وُچھ کیٛاہ وۄل نکھ مایا زالَن
دۄل دِن ژٕ تہٕ، پکھ نیرو پانَس
کتہٕ چھےٚ گرٕ کوسہٕ چانٛیٚ اجنٛتا؟
یہٕ چھُ سوٗرُے اکھ گرِدِ غُبارا
ہُتھ ڈٔری چَس کُمٕ وَس تُل؟ مُژُرن
یٖمہٕ وۄبٕ کنٛز کرگاشَس وَتھ لٔج؟
دارِہ چھِ چھٕنٛز دِتھ، دِتھ رُوٗ زِن
پتہٕ مُژ رَکھ، اَتھ پژا کر پیٛو مُت
ژھاسے چھُ ژھایِی، ژھایَن زُو چھا؟
مَس گاٗمتۍ تصویرٕ چھِ کاٗتیٛاہ
پژاٗنۍ کتھا اکھ، عشقاہ، مُشکاہ
بےٚ حِسیا یا نبٛدرا، کاٗفاہ
اَنٛدٕ وَنٛدٕ سوٗرُے گرِدِ غُبارا

اوٚ وٕ اوٚ وٕ اوٚ وٕ اوٚ وٕ گرد ِ غُبارا

ہے دَم گوٚ و، وولہٕ دٲ راہ مُژ رَو
واوٕ رِنٛگا دیوٕ ییہٕ گنہٕ کانٛژھا
دیوٕ یِمہٕ زٲ ج پٔتھر پٔتھن بوٚ ن گُن
دِیوان خانَس دیوٕ گرٕ ژھِ شہَہ پھیُر
لاوٕ کر وار ووٕ تھٔن تھوٚ دژ آنٛنن
موکھ نَنہٕ دیوٕ تصویرن میانٛن
دیوٕ پٔتھن لَرٕ ژھِ ہنٛدی جاۓ دی تہٕ وبکٕتھ
ہایہٕ رَزَن دیوٕ لگہٕ ہانٛکلہٕ ژھٔن
وو بہٕ پٔتھٕ دیوٕ پٔیہٕ ؤسی ہَر ہانٛگل
ژٕلہٕ ذٕری ژٕن پژاکار گرژھن ؤتھی
ٹنگ روزَن سیٚدی دیوٕ دروازَن
لیہٕ دیوٕ شیرَن وَتھ پژاگاشَس
تیٚلہٕ دیوٕ نیرِ منٛیہٕ قلمس ییٚہٕ کش

(فروری ۱۹٦۷ء)

☆

# خَدشہِ

(کانوسانیاکس نذر)

کُلِ عالمہٕ کیٚن شہیدن ہنٛدِ ناوٕ

ہے مے نہٕ سأ چھنہٕ پأنس تامَتھ
وَنہٕ کیاہ کٔنز ما تُلہٕ کُنہِ ساتَن
أنی مأنی پأٹھی ہَے لأیم
پھُٹہِ تَن رَوقس شیٖشو وأراہ!
بجلی بَتہِ ہَتہٕ گنٛڈ لِنہِ لٔگی تَن!
ژھینٛی تَن غلطَن کُنہِ جالارس!
کٔن ألی تَن اؤنٛگلس پیٹھ بوٗنٛگلس
پَشہِ ہَن وُڈی تَن دیوان خانس
نَس کَن ہٕلی تَن کُنہٕ دَرِ طوطس!
لٔگی تَن سیٚنس سیوٗد پھوکہٕ ڈوٗنس
ٹھ لٔگی تَن کُنہِ موکھتے ہارَس
أژی تَن کھرٛوٗپ کُنہِ موٹرکارَس

تاجی پیٚے تَن کُنہِ مُرتی وٕسی
چھوکہِ لَد گرٕھٕتَن اَنہٕ سِنگارُک
اَجہِ مینگہِ قراقُلی کانٛہہ پیٚے تَن
چھِہو لگٕتَن کُنہِ سوٚتَس بوٚتَس
گرٕھٕتَن پیٚٹھو کنٕ کُنہِ کَنہِ پوٚتلِس
یکٕتَن بٕری پیٚٹھو کُنہِ ڈالاَنس
گرٕھٕتَن بژنگ اَستانک زَخمی
عاٗباہ تہٕ مَنٛدٕچھا ساٗری سوچِن
مُلہِ تَلہٕ موٚت منصوٗر یہٕ پاگل
بُتھی پھیٚر، فاتِر، بیقل اٗخر
یہٕ تہٕ اوس سہلیٚے توہہِ شٕتھِ ٹکی دِل
وُچھ ساٗ ما چھُس پانَس تامتھ
سوکھِ موکھم مایلَن از مَنٛدٕ چھاوِن

(۱۹۶۷ء)



# سمجھوتہٕ

یِم کُلۍ کٔٹۍ
گاسہٕ، دژمُن، زٕنٛڈ کٕچھ
یِمہٕ سیرِ تہٕ سِیمٕٹھ
دارِ تہٕ پَش

مێرِ مۆہٕنیو زَن پێرِ بَنہٕ زامُت
یہٕ چھےٚ بۆنٛگلہٕ تٕنٛدل
ہُہ چھُ جَنٛگلہٕ گٕنٛڈِتھ

یہٕ چھُ سورُے وَلنہٕ یوان میٚے زَن
ہَنہٕ ہَنہٕ چھُم تیلان
گَنہٕ گَنہٕ وَسہٕ تام سٕزِتھ گرٛشان
ژَکہٕ یہٕ تہٕ أنٛدرٕ رکھوکھُر سورُے
گٕتر یوٗ بٕل بَٹھ!

آرتلہٕ فونوٗس تہٕ صابنہٕ پۆس
أتھۍ ازٕ تام اَکھ سَمسار وێپیو
اَنہٕ گوپھہٕ ہُنٛدٕ زُیٔس
یَتھہٕ ازٕ تام لَچھہٕ ہُدۍ بٕتھۍ گیہٕ رأسۍ

تیمی اَز تام ژٕلہٕ وُن کال ننٛگُل
تَم گرٕ ژٕز رؤس ژٕہی
ہَتہٕ ہتہٕ بُدی وِہی
سوکھ دوکھ لوے خوے

دٕ ے ماے تہٕ رٕشی
ٹاچھَر پیچھَر لو چَر کرٕ تیچھَر

پھولہٕ وُن آدَن مَدٕ مؤت یاوُن
'وونی تٕوی توس سکھ'
زَن اوس نہٕ کہیں
زَن اوس نہٕ کانٛہہ
ترٕ اُووِ گتھ
کانٛہہ لُہر اترٕ اُووِ
بَس تِی چھُ سبٛٹھاہ

(۱۹٦۷ء)



# راتکۍ ترٛیہ پہٕر

راتھ سِیَہ وۄش
زۄ۪ن ہٕنٛدٕ رگ
ترٛ ہٕرٛژنہِ پیۆت
ژھاے وُٹِلۍ ویٚہہ
وأر ٹٔنی ووڈ
ڈۄ۪ر پھِہر ژٔم
باغ وٕٹِسی کھیۆل
زٕ ٹھ درٛچ وَتھ
بۄ۪نۍ گٹِھس کرٛنز
اول پَرِنۍ ژٔر
کاو کرٛہُن ٹھۆک

راتھ برٛژ شیٛچھ
زۄ۪ن شِٹِھ رَتھ
ترٛ ترُن شہہ
آنٛپ شۆنٛگِتھ دٕہ
شوم پھیٚشِل نَب

بال  وۄگُن سرٕ ٚیہہ
کرٕوٚٹھ  گُہُل شِنٛز

نیب  سدرسوٚن
شوق  وُڑِھتھ پرٕژھ
کرٕبکھ  ہُٕٹس تھٚچھ
کأف  سرِ چھٕکٕلوپھ

راتھ  پٔری کتھ
زوٚن  مٔژِھیُل گہہ
ترٕ  تمبِرِ تُٕو
ژھاپٕتھ  کرٕلِی أچھ
وأنس  ووزُم شہَہ
کال  بہری وُپھ
اوٚش  وُشِنٛز سَتھ
آش  دُوج دیتھ
سوٚنتھ  سوٚدرِ شےٚ
پوٚش  سُٕترِ لےٚ
بانگ  صُبحِ شیٚچھ



(فروری ١٩٦٧ءِ)

# مَچھ

(۱)

یَتھ سَرٕ کہِ وُنیٚنٛدرٕ رازلَس زَن
رأتی راتس گَس، موٗٹرٕ دَوِ دَو
بُتھی پٕشجہِ چھےٚ بیٚتہِ وہِ ہار گران
اَدِ صُبحَن گرٕ ھِ ہٕیس أچھ پیٚٹھ أچھ
أمی ترٕ کہِ پھُٹِ ہؤنی ٹؤں ٹؤں لوٗگس
پیٛوٗس نیٚنٛدرِ روٗ تھَن
أچھ مؤراں مؤراں کاڈ کوٚڈُن
واتُل موکہِ لیٛوٗس وُنی بُتھ سُروِتھ

(۲)

سکریٹکی دَروزاَن کٔرزامَن
زَسمہٕ ڈٔجبَس
ووٚنی ہیکہٕ نہٕ یہٕ ظاہِر اٗس وٕٹھ
وُنی اَزِ مچھہِ ساساہ اَتھ اٗسَس
شڑ یٚپہٕ شِکمَس اَتھ
پوٚت شیٚہلبِن زَسمن ہوش یِیَس
مَچھہِ ساس وٕتھتھ واپَس نیربس
گرٛ دِ سَڑک رۆبۆ دِتہٕ یٚیہٕ سٔکھرُن
یٚیہٕ راتَس پٹھ
مچھہِ راتَس پھیرَن کارَن پٹھ

(۱۹٦۹ء)



# اَنہٕ...... زِنٛدٕگی ہُنٛد

گوٚمُت چھُ گوٚٹ اَنہٕ زِنٛدٕگی ہُنٛد
چھُ لوٚت ہوٚان شہہ سہٕ منٛز غُبارَس
نَظر چھےٚ تَخ بَستہٕ زَن خَیالَن
جِگر چھُ وُنہٕ لوو نوٚبَہارَس
پٔزَس تہٕ اَپزِس چھےٚ بأج وٕتھ ہِش
نہَ ہُتھ نَنان بُتھ نہَ یتھ نَنان تھَر
بوڈٕٹھو دامانہٕ سانہٕ شوقُک!
چھِ دٕلی رٕٹِتھ اَسی چھٔنِس اَمارَس
مےٚ ڈیٛنجہٕ کھُر اوٚن اَموب پانَے
پَنَس پَنَس دِژ اَلگ اَلگ تھَھ
یَپأری ژٕج واو داو نیٛرِتھ!
ہُپأری وَر ژام گاٹہٕ جارَس
یہٕ اوس تاشوق خام پَنہٕ نُے

دَماہ دَماہ کوٚر اِشارٕنے پتھ
جوٚنوٚن گوٚژھ پوٚز جوٚنوٚن آسُن
چھوٚنٕے ہَوَس گَر کھرٕ ووٚ دارَس
قدَم تُلُن اوس بجا سٕہ تُل نا
قدَم کڈُن کیاژِ ووٚنی چھُ مُشکِل
تھَکان چھُ نا پوٚختہٕ شوق شاید
ہُران وُہر ییٚلہٕ چھَ اِنتظارَس
یہٕ اَنہٕ پوٚت پَتہٕ زِندٕگی ہُنٛد
اگر ییٚتھُے تھوٚو غِلاف کُری کُری
نہٕ بُتھ ہِکلکھ زانٛہہ پَتُن ژٕ ڈیٚشتھ
نہٕ نیٚرِ کانٛہہ تَر نے زاُوی جارَس

(۱۹۶۹ء)



# پننہٕ والِلن گُن

ٹھٔہرِ وٹھٔہرِ وتوٚ ہی
وُتاؤلی مہٕ کٔرِو......ٹھٔہرِ وٹھٔہرِ و
کُنہِ کُنہِ وُنہِ کالہٕ اوٚ بُر چھُ نَبس زَن نال وٕلِتھ
نیٚہہ دڑ او چھُ وَتہِ وَتہِ ترٕ دٕنان
وَنہٕ واو چھُ ژھایَن أندی أندی پھیرِتھ
پٔدی مینان
کھورموٚ رِتھ شبنَم ارٕ سَرٕ کٔری کٔری دَم ہاران
وُچھ کارِ پتمن وُنہِ بارٕ تتان
وُنہِ ژوے چھےٚ سیاسَتھ أنزراوان
وُنہِ پمپوش گٔچھہِ گٔنڈی گٔنڈی
أڈٕ أڈٕ چھہِ کڈان
الہٕ ترٕ وجہِ گوٗمت
وُنہِ پوشن چھہِ ژَھر پٹہٕ نیرِتھ پھٔٹی پھٔٹی نیران
وُنہِ شوق چھُ راوان سیکہِ لبن منٛز
وُنہِ حُسنَس عشقَس قَد مینان۔ کَمہِ گزٕ مینان
وُنہِ ژٕکھ چھہِ لگان کُنہِ گلزارَن

وَلہٕ

ٹھہٕرِ وٹھہٕرِ و

دَم دِتھ نیٖرِ و

دٕپو وِز ڈٲلہِ اَسمانَس ڈٲلہِ رَنٛگ

دٕپو

دٕپو

مَتہٕ گٔری تَو پیٚڑ اوٗ تاوٕلی

توٚہہِ یُن چھُ پیٖو

ییٚلہِ تا پھاہ پیٚیہِ

ییٚلہِ سوٗشتاہ پیٖیہِ

ییٚلہِ صُبحا پھولہِ

ییٚلہِ......

بہٕ تہٕ آیُوس...... مےٚ ءستی کاٚتیاہ

لٔڈنٛک لاس چھُ اَسہِ لوٚبمُت

یُس توٚہی تہٕ لٔبو

(۱۹۶۹ء)



# گتھ باتھ

نظر لٔجس شایَد اۭپ لاَلس !
گس لٔج
اۭمِسے سوٗنتس شِنکس لَدس
بیٚیہِ گس لگہِ ہے؟ تۄہی زانیٚوٗن نا
کٔمی دِژنَس؟
پَنہٕ نی پانَن ۔ بیٚیہِ گس دِیہِ ہَس
چھُس نا بانہٕ تہٕ بُتھ اَتھی لایَق
گتھ پیٚٹھ دِژہَس؟
اَپزس پَنہٕ نِس پیٚٹھ بیٚیہِ کتھ پیٚٹھ
تھَپہٕ تھَپہٕ کٔری کٔری سوٗنتہٕ سُلی اوس پھٔٹنَس آمُت
اوُسُس کیٛاہ؟ پھٔٹنَس گتھ آیوٗ و؟
ہے آمُت لوکہٕ چارَس مَنٛز چکہٕ چاوچھُ آمُت
حَد آسان پزتھ گتھِ حَد آسان

رَنگہٕ ٹٕچہٕ اکہِ زَن بنگہِ ٹیوٚٹھ دیتُنَس
سوٚن تہٕ ووگُن گوس مُشی تھےٚ سورُے
ہَے یِمہٕ پچھے گتھ
اُمی ہیے کھوتہٕ راہ؟
گتہِ کاُتیاہ بیٚتہِ پھٹنَس آءتی
ازگل منٹہِ لیچہِ چھے پاژرو
ادِ تِم کیاہ اٚخر کیاہ پژ اوان
حدِ نیرُن گو بُتھی ہَن زائلی
ووٚنی اوس سَہلے
اَسہ، کیاہ، گرٕ ژھہِس پنہٕ نِس پانَس
مَرِ مَرِ تھووُن سائنَس جانَس
بیٚیہِ رَژھ کھَنڈ گیہِ ڈُبہِ نادُنی یاہ

(۱۹۶۹ء)



# میٛو

مرٛچھی میٛژ
گروٹ، شوخ، سرٛ یہہ دار، شبنمی
پشچی پوٹ پشمینہٕ آوِجی
شیچی بونہِ ہُنٛد شاہ، وۄشنی گاوہُنٛد تھَن
طرحدار زآوجی ملأیم
چھَ لۄ ہۄژ ووٚمید اخیالاہ ملأیم
مرٛچھی میٛژ ملأیم
میٛہ موٚنٛد آب واراہ
مگر ییٚلہِ وُچھم دِل جِگر شانٛت سَپدُم
چھُ زَن پھرٛ ستہٕ پھنٛب اَز ژووایٲری ۆ ہرِتھ
اَتھوتٔلی میٛہ پۆک ماجہِ ہُنٛد ٹوٹھ آلو
نظر غأب گیہِ واوہ مالَن اندر
ہی چھَ پرٛاران پِستہٕ جار گوٚ ژھ واو چھاوُن
تہٕ پمپوشہِ پٔٹھی رِکنہٕ ووٚتھ اَکھ خیالاہ
چھُ کُچہِ پۄت پھَنٛبہٕ توٚنٛب وُنے ماجہِ زامُت

نَرم لوو کلہٕ رُن
گُرس کنِز ، وُشنِۍ تھنِز

مرٕ ھِچۍ مینٛژ ، طرحدار ، زاُوِچ ، ملاٗیم
مرٕ ھِچۍ مینٛژ ملاٗیم
گُرٹ شوخ ، سرٛ یہہ دار شبنٗمی

رنٛگو منٛزٕ چھُ رنٛگ پوٚختہٕ اڈٕ زوو جافُر
اگر داٗن کُنٛڈ لُج وُسس گوشہ باداٗمی
ژوٗ دِشی زوٗنہٕ ہُنٛد گاہ ، لیٛدُر راوٗ برٛ سٕداہ
ژنٛدُرن ماٗتِرٕ شربتھ
مُنٛڈِتھ کنکہٕ رنٛگی پوٚٹ
چھُ نتہٕ دانہٕ تاپس
سٕندِچ ژیرٕ آہرٕ پھوٚلِتھ وُڈرٕ پٔچھی کنِز
گُرٹ شوخ ، سرٛ یہہ دار شبنٗمی
مرٕ ھِچۍ مینٛژ مُلاٗیم

طرحدار زاُوِچ تہٕ داٗیم
چھِ خوش بوگولابس پٔتن راز قاٗیم
ژٕ ڈِس منٛز یہٕ دود تھٔنہٕ تلک مُشکِ اَدفر
نتے زاشرِس آیہٕ زامَن

تِتھے اَس مُژُرن، ہوا نافہِ سپد یوو
وُزِنۍ عطرِ لَجِ بالہِ پٹھِ نِبرِ پوشَن
تہٕ اَکھ واو رِنگ آیہ زَن پھُللہِ چھاوان
کوٗنگس مُشکہٕ کوفۍ راللہِ وان لولہِ مَژ
چھَ ہرنَن شاہَس زنتہٕ کوٚستوٗ رِ کھَسہٕ وَس
چھُ عنبر تہٕ عوٗ دہ پانہٕ واُنۍ راس کھیلا
خبر ووت دوہ کوٚ ت؟
اگر روٗ دانہِ نیرہ واہراُ ژ مہر ینٛز
مُشک دار وردَن پھولن یوسمَن
لگہِ دِوے زَن نِشاطَس
طرحدار زاُ وجہ تہٕ داُیم
مرٛ ہجی میٛنژ مُلاُیم
چھِ خوش بو گولابَس پٔتھَن راز قاُیم
مرٛ ہجی میٛنژ مُلاُیم
اَمیک رنگ وبۆ یا پِشَل یا پھُہر چھُ
ژُرن یا وُشن زانہِ تَن میاُنۍ کیتھ چھُ
بو بیلہِ زاس تیلہِ آس اُمۍ سُند شوزر ہتھ
یہ بتہٕ مانجہ ازلچ

دہرِ بوج ابدٕ چی

میٚہ لوکچار رژٕنو وامہِ لول بٔری بٔری

پٔنٕنی دبد میٚہ رأوِم امہِ دبد میٚہ لأجم

دِتُن پھاہ بۆ رُن سرٛ یٚہہ سگُن میٛون بارٛو

مگر ازٕ میٚہ گوڈنی گیوٗن بۆ زأمی سُنٛد

میٚہ ماأخرٕ میٛژ گیوٗن زلنہِ کوتاہ

تُتھے آب پۆک رونہِ ہیٛژن وَزنہِ

تھجی نارٕ نے مٔژ

ووگُن سینہٕ بُترأ ژ زَن شولہٕ وُن نَب

بٔرِتھ آو دودٕ وُے یہِ ماگأو ماجے

ہیۆتُن لۆت وَزُن سرٛ یٚہہ میٛژے لولہٕ ناجین

تہٕ سۆت سۆت صداہ اَکھ

تہٕ لۆت لۆت مۆ دُرلے

رٔسِل ءِ گنگر ایاہ، مرٛ ءِ ھجی تال نغمچھ

ہُمہ شۆشۆ، شہ ہۆ ہۆ

یہِ ژِہی ژِہی تہٕ ژِہی ژِہی

اموب ماجہِ ہٚپچھ نو وشُر دودنہِ روزُن

ہیۆتُن دان گُلین گوڈلگُن دیٖ کھاہَس مٔژ

یہِ شۄشۄ تہٕ ژِہی ژِہی

یہِ ہۄہۄ تہٕ سی سی

یِہے بۄلی کۆستۄری دَچھ پوشِرن ہیٚچھی

یِہے ککلہِ لُب کۄر قُمرِ أتھی نقل ما؟

یہِ واوُک صداہ پۆت صداہ ماچھُ اَمہِ کُے

طرحدار زأوِجہٕ تہٕ دأیم

مُشٕھجی میٚژ مُلأیم

چھِ ازٕلچ تہٕ ابدٕچ یہِ سُر تال قأیم

مژٕھجی میٚژِ مُلأیم

کران چھُم میٚہ دِل ڈُلہٕ گُناہ دِمہٕ بوییٚتہِ تھےٕ

بوٕ کرٕ سرٕ ان میٚژِ منٛز بوٕ مَلہٕ خاک پانٛس

تہٕ میٚژِ مۆ ہنوا جنگلی پَت وَنٛس منٛز

بوٕ وُچھِ قوٕ درتُگ سُے گوڈُک جلوٕ شاید

سُہ ییٚلہِ آدَمس وسِت قوٕ درَت پھِرت گو

سُہ ییٚلہِ تٔمی کنَس تل گرٕ ھتھ "قُم" وٕنیُونٛس

وپیُونَس ژٕ ووتھ تھوٚد

تہِ اِدٕ کیٛاہ گیٚو وکانٛہہ قدم برٕ ونٛہہ تہٕ کانٛہہ پۆت

تہٕ کانٛہہ جل پچیوو، کانٛہہ ڈوچُر دِتھ چھوسۆت

تہٕ سُے اَن ہٕشر پھۆر جہانَس
بوملہٕ خاک پانَس بوکرٕ شرٛان میٛژِ منٛز
بوچھلہٕ حالمَس مَل
بَلن دأدی لۆکن ژٲلن جأدی زدٕلَس
تہٕ ہیٛیہٕ زِنٛدگی ہیٛیہٕ گرٕنی نۆ تیأری
تہٕ پیہٕ بارٕسَس میٛژ
مژٕھجی میٛژ
گُرٹ، شوخ، سرٛیہہ دار شبنٛمی
پشجی پوٹ پشمینہٕ اُوِجی
شہِجی بونہِ ہُنٛد شاہ، وُشنی گأو ہُنٛد تھَن
طرحدار زأوِجی ملأیم
مژٕھجی میٛژ ملأیم

(کأشر ادب، اگست ۱۹۶۹ء)



# نظم

اَکھ چھُ دُنٛی یاہ — یٚیتی بڑوٗنہہ گنہٕ ڈیشمان
اَکھ چھُ شٔنٛی یاہ — سبٹھاہ دوٗر وہم و گُمان
اَکھ چھُ دُنٛی یاہ — پوٗتُس پَتھ چھہِ آمتؠ وُچھان
اَکھ چھُ شٔنٛی یاہ — ہیٚژن ووٗنٛ گرٕھنؠ پأری زان
اَکھ چھُ دُنٛی یاہ — سَمےٚ یَتھ گُوٗڈتھ بٕیٚیہِ ژَلان
اَکھ چھُ شٔنٛی یاہ — بُڈان زانٛہہ نہٕ ہَردَم جَوان
اَکھ چھُ دُنٛی یاہ — ٹٕچھر میچھَرس ءتؠ رَلان
اَکھ چھُ شٔنٛی یاہ — بےٚ رَنٛگ بے صَدا کاروان
اَکھ چھُ دُنٛی یاہ — سبٹھاہ کوٗژ گرگٹ سَمان
اَکھ چھُ شٔنٛی یاہ — ہیٚوٚوے ہیٚو بُتَل آسمان
اَکھ چھُ دُنٛی یاہ — گگَر وأج سوٗمب وُنٛی موٗژان
اَکھ چھُ شٔنٛی یاہ — سُدٕر اَکھ وُسی کاروان
اَکھ چھُ دُنٛی یاہ — پَیاپےٚ پَکان ہگھ دِوان
اَکھ چھُ شٔنٛی یاہ — نہَ گُنہِ گوڈ نہَ گُنہِ اَنٛد پِوان

(۱۹۷۱)



# تمہٕ دوہہٕ

ٹھِنٛز ٹھِنٛز ٹھِنٛزٹھِنٛز گُر چھےٚ وَزان
سۆ سۆ سۆسۆ رَتھ چھُ گرٕزان
گُلِ لالَن تگ، گُلرنگ ہَوا
بڑٛیہہ نارٕچ زَن رَنگہٕ ژٕرِ ہِنٛز دَو
پیٚٹھٕ گُلی دیٚدربن ہُنٛد شوخ وُڈٕو
موصٕم کھورِ پھٕلی ٹِکہٕ ٹِک، ٹِکہٕ ٹِک
اَنأری پَلَو ہُترِ یوٚت، چِکہٕ چِکھ
اَکھ اَکھ شُر گرٕزکہٕ وِنٛز پھرٕکہٕ وِنٛز رٕیٛہہ
یِہٕ چھُ ہترٕکھن کیٛاہتام چھُ وَنان
اَکھ اَکھ یوٚڈ مَرنہٕ کہٕ شوقٕچ تیٛہہ
مےٚ چھُ رَسہٕ رَسہٕ کیٛاہتام یاد پیوان
ماے سُمہِ نَکھٕ رَتہٕ کُتی کینٛہہ وَتہٕ پُڈی
کھاتِن چھُ اَمر اِنسانٔنٛز نِشان
گیہٕ مۆلہٕ وَچھن بیٛلہِ اکہٕ دوہہٕ گُڈی
مےٚ چھُ یاد پیوان، مےٚ چھُ یاد پیوان
کھاتِن چھُ اَمر، سَر چھُ مےٚ نَمان

(۱۹۷۱ء)

# گتھ باتھ گرَو

وَلِہ یۆگُن بێہہ گَتھ باتھ گرَو

ژِ تہِ چھکھ تھۆ کمُت بہِ تہِ چھُس تھۆ کمُت
اَنٛدِ روٗس کرٛوہ ژِ تہِ بہِ تہِ چھُس پۆ کمُت
اَز دِمہِ ہَو پھٕیر گر کٔیاہ تھیۆ کہِ مُت
شَب زیٹھِ شَبَس وۄسہِ راتھ گرَو
وَلِہ یۆگُن بێہہ گَتھ باتھ گرَو

ووٚنٛدِ لۆگمُت اَز بێہِ دِنہِ بارَو
کٔیاہ ووٚن گمہِ وِزِ سانوٚ شارَو
لوٚکہِ چارُک بێہِ شطرنٛج واہَرو
شاہ دِتھ اَکھ أکِس اَزمات گرَو
وَلِہ یۆگُن بێہہ گَتھ باتھ گرَو

سوٗنت آمُت بیٚیہِ ڈٖل گُن نیرو نیرو
پوٗش پھوٚلیٖمتۍ بونہِ ڈیَرو ڈیَرو
سوٚتھی پیٚٹھی داۂنۍ داۂنۍ پھیَرو
فُرصژ سان مُشخص ساتھ گرَو
وَلہِ یوٚگُن بیٚہہ گتھ باتھ گرَو

گُنہِ جایہِ چھےٚ ژھایہِ تہِ وُنہِ پیٚاوَل
ہُت یوٚت ییٚنۍ ہشِ ییران جَل جَل
پیٹھہِ آکاش نوٚن مخمل مخمل
اَستان کھَسو، دَرجاتھ گرَو
وَلہِ یوٚگُن بیٚہہ گتھ باتھ گرَو

(۱۹۷۱ء)



# حکایتھ

یَتھ شہرَس منٛز اکہِ وِزِ اوس اکھ شود بود چھانا
آسہِ ہے پزٕ کنہٕ شود بود چھانا
فاٮ۪تر مغزا، بے ٲقل چونٛچا، دوج نادانا
ہے ہے بے ٲقل دوج نادانا
ٹوٗنڈ اوس کاسان موہلبن برنبن ٹنگ اوس شیران
اَدِ گتھ لگہِ ہے ٹنٛگ اوس شیران
أتھی پیٹھ اوسُس سپدان پانس چھوٚن گزرانا
بۄ زِوغُر بڑٕ منٛز گذرانا
نبتھ ہنبَس کُن سأری مُفتے بتہٕ میوٚند کھیاٮ۪وِتھ
یٚیِہ کیاہ بنہِ ہبس زُونہناوِتھ
نتہٕ ییلہِ ییہ ہگھ عارتہٕ دِہَنس ٹوٗنکا آنا
تیٚلہِ أس بڈٕ گتھ ٹوٗنکاہ آنا
اَتھ شہرَس أسی لُکھ بے مُروتھ، رازاہ جاہل
بے مُروتھ لُکھ رازاہ جاہل
ییٚلہِ زَن مَتہٕ ہے تیٚلہِ مَتہِ ہے زَن کاتھہ مُشرانا
کیاہ وُچھمُت آسی مُشرانا

رازَس طالع کھوٚٹ روٗ دواُنسہِ تہٕ شُرِ مُرِ روٗ ستےٚ
کھوٚٹ طالع ہتھ شُرِ مُرِ روٗ ستےٚ

رانی حرٗ ووںہٕ کُنہِ کانْہہ تر تھاہ کانْہہ اَستانا
طالع روٗس کَرِ کیٚاہ اَستانا

دوہہٕ پتہٕ دوہہٕ گیہِ ژٗ کھ تہٕ شرارتھ رازَس غأٹلب
شوٗنٛڈٕ یتھ اوسُس تی گوس غأٹلب

گاہے وولان گاہے شولان موٚت دیوانا
مُشر انا یا موٚت دِیوانا

اۘخر تنگ آے لُکھ تہٕ ہیٚنہٕ لگی دَیہ ناوسأری
پٕژ ھ وِزِ ہیٚہہ نےٚ دَیہ ناوسأری

روزِ دَران اَستانَن کھاران دِلہٕ نذرانا
پٕژ ہکھ کھارُن دِلہٕ نذرانا

ذٕ ے بۆ ژُ کھ اَستانَن ،مَنْدرَن پیوٚ تۆ ژُک گاہ
لوٚب لۆ گو دَیہِ ناوُک آگاہ

گاشاوُ چھ آشایہِ دیٚت شَہرَس منٛز ٹھپکانا
دَیہِ ناؤں دَیہِ گڑ کوٚر ٹھپکانا

اۘتھی منٛز رازَن رأنی وُچھ سوٚپنَس منٛز گس تام
بَد آغازَس لوٚگ رُت اَنْجام
دوٗ پنٛگھ آگیہِ وأتو گُری زبو پوٚ زشکُرانا

رٕژِ آ گیہٕ پَزٕرُت شُکرانا
مَحلہٕ چہٕ ڈیٚڈ نیٚبرٕ گنہِ مولَق گونٛورانا
ووٚنٛدٕ صائفی ہُنٛدٕ پوٚز نٛورانا
نٛورَن ژھٹھ کڈٕ پٔرٕ کنَن گیہٕ بڈٕ گنوانا
عَرشہِ کہِ پَزٕرٕچ تھدِ گنوانا
گنوانہِ منٛزٕ بٛوٗزرازَن شہرَس ٹنگ چھُی ڈوٗلمُت
ہنگ ٹنگ آسہِ ہے تتہِ ٹنگہٕ ڈوٗلمُت
نہَ چھُ کانٛہہ کأسِب نہَ چھُ فنکارا، دٕسی لا، چھانا
آسہِ ہے نہٕ فنکاراجانانا
پرٛتھ کانٛہہ کأکی گتھل زیوِ زیوٗٹھا کھوٕکھرے تیٚہہ ہبتھ
دٕپو سَراسَر اپزٕ ے تیٚہہ ہبتھ
ماے موحبتھ تھکیہٕ وان ڈوٗلمُت چھُکھ میزانا
موحبتہٕ رؤس گتہِ ورِ میزانا
فَن کیاہ ہاوَس یاتِکہٕ تارَس نتہٕ چکہٕ چاوَس
ہاوسہٕ موٚت فَن کیاہ بو ہاوَس
رَنگہٕ رَنگہٕ شہرَس رَنگ پھولہٕ ہَن زَن رَنگہٕ جانانا
شہر ابنہِ ہے اَسہِ جانانا
بٛوٗزِ ویٚتہِ چھُو چوراپھیٚوراڈوٗج نادانا
بیقِل ؤٔنی توس یانادانا

پارَے دی تَو ژون طَرفاتَن چھانا اَنی تون
تَس چھٕنہٕ گسبَس شوٗخی سبز راشہ چھُ بُلہٕ چھانا
پزرُک طاَلِب ژھومب اَکھ چھانا
ژَندَن ہٕٹ دِتھ دٕپی توس گوٚ برادِتہٕ گرناوِتھ
سُے ہیکہٕ ژَندنَس شُر گرٕناوِتھ
پارَے دیاوِکھ ژون طَرفاتَن، چھانَن ژھانڈَ و
اَصلی اوس تَس چاَرِس ژھانڈَ و
چورلوٚ بگھ رازَن کِشہ کڈٕی کڈٕی دیُت جُرمانا
اَٹہٕ بارِ کھوٚت شاہی فرمانا
چاَرِس زَن گیہٕ پوٚت وَژ پھیرِتھ بیلہٕ شیچھ بوٗزِن
آشینہٕ مَرٕنچ شیچھ گرٕسوٗزِن
ہَچہٕ موٗنگن ہتھ ژوٗرِلوٚبُن گتہٕ تام ٹھیکانا
موٗتَس ہتی لوگُن یارانا
داہ دوہ بیلہٕ گے نادان چھانا
تھیٚپہٕ تھیٚپہٕ ژھورُک ناو ہتھ گورُکھ
شہَرن گامَن جنگلن مَرگن کُنہٕ نہٕ نِشانا
یُس گوٚتَس گتہٕ آسہٕ نِشانا
ڈٕنی دادِرازٕ تہٕ راَنی پرٕتھ شَیہٕ ژھارنہٕ دژاے
بےقل چھان کُنہٕ وَتہٕ ییہٕ ناے

کُلۍ گوگرِس مَنٛز اُ خرس لۄ بہَس نیب نِشانا
پھُچہِ مَرِ ژور ژِہُنٛد وُسخانا
رازَس آونہٕ لَبنہٕ اُچھَن ہیٚتھ .کبرٕ چ پُٹ تَس
.کبرَن آسہِ ہے کڈٕمرِ ژھَٹھ تَس
لۆگَن باسیو واڈٕ گۆ رمَڈٕ گۆ رژَنٛدن موٚنگُن
لۆگو ہیوٚت کیاہ تامَت شانٛگُن
رانی باسیو وژَنٛدُن ژوٗنبہٕ مُت زَن دُردانا
تَمہِ آسہِ کھونہِ ہیوٚ تمُت سنتانا
کوچھِ مَنٛز ہوچھِ مَرِ ہَچہِ ہیوٚت وَچھِ تلہِ چے بَبہِ ژِ دیُن
اَنٛدٕ وَنٛد نۆرٕ ے نۆرا ساٹیُن
لُکہٕ مُتۍ زون فَن چھا فرزانا .کنہٕ دیوانا
اَصلی فَن گو موٚت مستانا
چھان مگَر وَنہِ آونہٕ کُنہِ زانٛہہ تو پَتہٕ لۆگَن
تم رٕٹۍ اَمۍ غمہٕ نے اَمۍ شوقَن
اَز تہِ مگَر کلۍ دٕوری چھےٚ لاگان سوٗتہٕ دُکانا
کُلۍ گوگرن مَنٛز زَن سُے چھانا

(۱۹۷۱ء)

☆

## دود

سۆت سۆت تہٕ سۆتۍ

یہٕ چھُ دود تھٔے

اَتھ دأ دِس نہٕ چھُ گُنہٕ اوشت نہ ووشت

ربتہٕ کأژی، ہَردی، یا وَنڈٕ یا سۆنٛتۍ

اَتھ دأ دِس نہٕ چھُ گُنہٕ اوشت نہ ووشت

یَس اَکھ بَچ ٹوپھ

شانَن یوڈٕ وِتھ اَکھ میخ

زَن پٔنٛھ، گٔنٛھ

پژانَن گُن دَرٕ، بَنڈٕ بَنڈٕ تھَرٕ تھَرٕ

مَزٕ ھ مازٕ وُ پھان، پارُد تیلان، ہیٚرٕ یونہٕ گُمہٕ سژان

بیٚوٗٹھ سونتہٕ پچھن ہُتہٕ ترٛ دوپرٕ تھ توشتھ

وأنٛج چھورٕ چھورٕ

اَتھ دأ دِس نہٕ چھُ گُنہٕ اوشت نہٕ ووشت

سۆت سۆت تہٕ سۆتۍ

یہٕ چھُ دود تھٔے

اَتھ دأ دِس نہٕ چھُ کُنہِ اونت نہٕ ووںت
یَتھ بالَس کوتاہ سینہٕ ووگُن
قر نَو پیٹھ شرٛ ڈیرِتھ آدِ می دَگ
مِلہٕ وان رَگ رَگ
ڈیشُن ڈیشُن ، ژالُن ژالُن
رئٹ سَمیَن وَگ
رَتہٕ دأوی گُلَن لُج وَتہِ وَتہِ تگ
یہِ چھُ دوداُ لگ
اَتھ دأ دِس نہٕ چھُ کُنہِ اونت نہ ووںت
سوٚت سوٚت تہٕ سوٚتے
یہِ چھُ دودتہٕ تھُے

اَتھ دأ دِس نہٕ چھُ کُنہِ اونت نہٕ ووںت
گوٚن جنگلاہ ، پھوٚرشٕپی واو گران
ہُتہِ ہور نہٕ اَتہِ کانٛہہ زَن زأنٛپن
کُنہِ لِیہِ منٛزی گاشَس
باشہِ یِوان

اَنہِ گوٚٹ اَنہِ گوٚٹ
گاشَس ووہَوان
نَپہٕ نَپہٕ گَرٕ وٕنی سَرَ وپَتھ کالَس
اَز کالَس مَنٛز اَتہِ شورٕ وُزان
زَن اَنٛدٕ وَنٛد پھوٚر مُت جود
مگر یہِ چھُ دوداَ لگ
أتھی سارِ گرٛشھان چھُم بزٕ وٕنت
چھُ گَٹہِ مَنٛز نافہٕ وُہان
اَتھ دأ دِس نہٕ چھُ گُنہِ اونٛت نہٕ وونٛت
یہِ چھُ دودتھُتھے
سوٚت سوٚت تہٕ سوٚتے
اَتھ دأ دِس نہٕ چھُ گُنہِ اونٛت نہٕ وونٛت
یہِ چھُ دودتھُتھے

(۱۹۷۲ء)



# أکی سے محلَس منٛز

أکی سے محلَس منٛز گرِ ساسا
پرٛتھ کُنہِ منٛز دوسہِ دیوار گٔنڈِتھ
پرٛتھ دارِ چھِ پرٛانٔی وَگوٚی ٹھُرِ
پرٛتھ کانٛہہ ووٚب زَچہِ دَستار گٔنڈِتھ
پرٛتھ کانٛہہ لے ترٛوپرِتھ أچھ مٔچھ زَن
پرٛتھ دَروازَس ٹٔکی یار گٔنڈِتھ
پرٛتھ آنگُن زَن سُنیاسی مَن
پرٛتھ برٛانٛدَس زَچہِ ترٛ کھار گٔنڈِتھ
ہُتھ پُرنہِ چھُ ٹنگ کُل برٛانٛدَس تل
ییٚہِ پُرنہِ چھِ کُنی ٹِکہِ تار گٔنڈِتھ
ہُتھ کٔنڈی ژَھرِ چھپہِ لوٚگ سون پٔتنگ
ییٚمہِ ووٚب کوٚرنس تکرار گٔنڈِتھ
اَتھ کیٛاہ بَنہِ دوس گٔیہِ ہٕر ہُنٛد گوڈ
اَتھ کیٛاہ اَنٛدِ دوسہِ دیوار گٔنڈِتھ
وٕتھی تَو نٔہناوی تَو یَم دوسہِ ۂٹ
یون کُن ترٛاوِو دیوار گٔنڈِتھ

(۱۹۷۲ء)

# دِوٗر

گنہٕ گنٕز پیٹھ گنٕز پیٹھ تھم
تھمہٕ پیٹھٕ تھم تام گنہٕ مِلہٕ وَن
گٔن کھوٗتمُت بون تل تل پاتال
پَتھ ژوٗلمُت ہیٚری زَن مأرِتھ ژھال
کھٔنڈٕری پھٔٹ جُس، زن بُڈٕ سہہ چھُ کھمان
اَڈکھوٗ دِہ زَن وتہٕ گاڈِ لَمان
پٔزون دِوٗر پَتھ کالیٚک نیب
اَز چھُ پٔزر تیٚلہٕ اوس بِریب
اَند پوٚکھ اَندٕ وَند وأران شاے
لیہٕ مٔژی ترٕ ویہٕ مٔژی وُٹھٕ پھسراے
بُترأژ سیٚنٛس ژھوٚپ دُیہٕ راے
پَد پَد ووتلان لٔتہٕ لَد ژھاے
پٔزون دِوٗر پَتھ کالیٚک سیٚر

وَتہِ پیٹھ گنہِ کُنۍ گومُت گیر
تیٚلہِ اوش شرٚیہہ نظرن تاشوق
اَز چھُ ہِتھ زَن ترٚاوِتھ ٹوک
یَتھ لحظس میٚنتہِ ہاویون ہیم
اَتھ دورَس گو کالَس لین

(۱۹۷۲ء)



# ہے ہوش گٔرِو

ہے ہوش گٔرِو ہے ہوش

ہے اَسہِ أنٛدی پکھی چھِ ہوانِ سۆنٛبراوُن مۆلی ہے ہَے بێیہِ نار

ہے بێیہِ ہَم سایہِ چھِ دانہِ گُچھِن مَنٛزلوزِ بَران ہُتھی یار

ہے بَد باطِن ترٛی لاران لاران، شورَس لٔگی اَنٛبار

ہے پرأنی تِمَے بێیہِ موءتکی موگَل سوزنہِ لٔگی بمبار

ہے موصُم ترٛ ایَن یاوَن رایَن لگَہِ مابێیہِ باپار

ہے بۆلی لکیا بێیہِ رَتہِ چھَپہِ گگَنَس خۆن مَنگیا بێیہِ دار

ہے اَمن پَسنٛد وٹاٹھو بایَو بَرِ پنہِ گرٛشہِ پمپوش

ہے ہوش گٔرِو ہے ہوش

(۱۹۷۲ء)



# ژھٕنٛڈھ

گوبہٕ کھوٚرٕ اُس ژھٕنٛڈھ
پچھ ہوٗ ہوٗ ہوٗ
وَتہٕ وَتہٕ چھکران اُس پَنٕہ نی پےٚ
پڑنی نُنہٕ باڑی ہوٕ نِکہٕ سِکہٕ پھلی
تَہہ دَر تَہہ
پُیہٕ پیٹھ پےٚ
سوٚنٛبرِتھ ساوِتھ شیرتھ پاٚرِتھ
کانٛہہ وتہٕ پوٚد چھا گُنہٕ دژیٹھ یوان؟
پَتھ کُن دِنظر
تم گَتہٕ تم نیب؟
نِشانہٕ، نقش
پَتھ کُن دِنظر
چھا گُنہٕ کیٚنٛہہ گُنہٕ وتہٕ دژیٹھ یوان؟
وَقتک سوٚم سوٚتھ
چھُ پوٚ کمُت پرٛتھ گُنہٕ پھیش دِوان
وُچھ پَتہٕ صحٗراو

وُچھ بُتھ سیکہِ لَم
پٹھ وُنَل

تہٕ ژٕ کہِ زَن ووتلان ڈِ ہہ
ہا پانہٕ ژٕمیوٗ مُت چھکھ
تہٕ ژٕمان گڑ ھ
ییٚہِ ہَن ژٕم
ژٕم ژٕم ژٕم ژٕم
ژٕم تیٚوٗ تاہ، یوٗت موژَ کھا اَکھ آءِ سر ی دانہٕ
تہٕ وبگلُن چون
وُ ڈِتھ کھَسہِ شُنٛی یا ہَس منٛز، میٚے موٗ کھتی!
نَتہٕ پژارکھ

پژاران ووٚنہٕ ما اوے
ژٕ تہٕ تژ اوٗ ن بور پتھر
اَتہٕ بور سمیوٗ مُت ہَر ہانٛگل
زَچہِ مُتیٚ دوٗپ ژٕ تہٕ چھکھ ہانٛکلہِ موٗت
ووپہ ٹاسی گوٗ مُت پھٔے چون آیٖن
مَنٛدِ چھومُت تاپھ
بَرِ گومُت رَنٛگ

کولہِ کرتام گومُت رأسی چھُ آب
بَنے ءمژ وَتھ
چھا گُنہِ کانٛہہ نیب نِشانہٕ نقش
یُس پڑ زناوی؟
پڑاران چھُے
پڑار
پَکان چھُے وقتٕچ ژھَٹھ
وُنۍ وٕ ڈراوی
بڑژ کھٔنڈ گرنۍ ناوَس کانٛہہ پیٛور
تہٕ پَتہٕ گُس کیٛاہ
بَس تَہہ دَرتَہہ
پیٛٹھ پُیہِ پیٛٹھ پُے
پَتہٕ تَہہ دَرتَہہ

(۱۹۷۲ء)



# گرٛہن

(۱)

ہَنگہٕ مَنگہٕ وُنۍ وُنۍ
ژِنہٕ ہیٚچ کُنۍ اُچھ
وُدۍ گٔے اَنٛدٕ وَنٛد
سورُے کینٛہہ ہے بَنگہٕ تہٕ دَم پھُٹ
وُٹھی وُٹھی ہبنہٕ آے نظرن ہٕنٛدۍ مَس وال
تہٕ مالا مال سَپُد اَنہٕ گٹہٕ ہُنٛد باڈو

(۲)

پٔتھرِس پیٹھ تُلہٕ گترِس پیٹھی چٔج
کھرِ پھِسرارٕے
وَتہٕ وَتہٕ تھپہٕ تھوسہٕ اِنٛہہٕ رارٕے بتھ
سمیَن، پہَرن، قرَنن، لحظن ہٕنٛز اِنٛہہ رارٕے
یوگہٕ چونٛکھرِ پیٹھ ہوگہٕ چونٛکھرِ تام

دِہی اٹاسَس مَنٛز گٔیہِ غاَب

تہٕ وَنہِ کَتہِ کُنہِ یِیہِ

(۳)

ڈِپھرِ تہٕ ڈِپھرِ تہٕ ڈِپھرِ چھےٚ

ژھایَن ہٕنٛز یٖنٛزٕ ییر ان

گُلی گہلبن أنٛدی أنٛدی

وَن واسُک باس دِوان

لُٔکھمَن رِکھِ پیٹھی یِنہٕ پوٚ دتٕر اُٚ وِو

اَنہِ گٹہِ مَنٛز کَتہِ ژھارِ جٹایَن

وَستَن ہُنٛد رَنٛبہٕ وُن آکار

تہٕ رامَس کَتہِ بیٚہہ اَلماسُک پھوٚر کُنہِ ڈَنٛجہِ اَنہِ وَتہِ

(۴)

ڈُلہٕ وان، ڈُلہٕ وان، أزٕ کھٔتی گٔے وُٗتھ

کھَلہِ ہیوٚت ژھایَو کھیٚچہِ کھیٚچہِ نیٖرُن

ہوربو ہوربو اَنِد وَنَد پھیرُن
وُنی ہُتہِ نَس، ونی ییٚتہِ نَس
وُنی مَنزٕ مَنڈٕلِس جوربو جوربو
پأنٕ پنجہِ اَتھ مَنزٕ گیہِ نیرِتھ
زَن یو ژٕھ لأوِس بزأرِس لوٚٹ روٗٹ
وُنی اَتھِ آے تہٕ وُنی گیہِ رأسی
زبہٕ ونی زبہٕ وُنی أچھ مِلہٕ وَن ہش
ژھوٕ وِنی ژھوٕ وُنی لوکہٕ چارِکی دوہ گیہِ پاتأسی
اَنِد گَن چھُس نَنِس وِرِوارَس تَل چھوٕ ہَرِ ہَرِ وُزٕ ژھٕز
زوزٕ ریچھٕ اَکھ ژھاے
تہٕ یہِ چھُ میٚون پان، تہٕ یی چھُس بہٕ

(۱۹۷۳ء)

☆

# اۄ بُر

یام لوکچارِچ میۍ پێپہٕ اَز یاد کتھ
لہرِ ماران کھوٚت نَبس وُٹھی وُٹھی اۄ بُر

شامُرن وۄشلیوو نَبہٕ دۄنٛد نارِ ژونگ
سَنگرن پیٹھ گو رٕہتھ دَم پھُٹٕٕ اۄ بُر

زَن چھےٚ مہارازَس وَنان مہرِینٛز لوٚتے
ژھوپہٕ کرِو ہیَرن کھَسان چھوٚ گٹھی اۄ بُر

وُزملَو ہیوٚت شی کٔرِتھ نیٖرُن ہُپاٲری
پوٚک یَپاٲری گگرایہٕ ہێتھ پھٹٕ پھٹٕ اۄ بُر

جنٛگلَس لوٚت لوٚت وَلان روپہٕ سُنٛد وۄلاس
وَتہٕ پَدبن وَتہٕ وَتہٕ جَران باوٕڑ اۄ بُر

سام ہینہٕ دزاو بالہٕ پیٹھی مَرگن سَرَن
کالیداسنٕ ہێتھ چھُ آمُت چٕھٹھی اۄ بُر

یام بۄزُن نوبہارُک آو آو
ڈال دِتھ ژۄل شال زَن گَن پھٹٕ اۄ بُر

(۱۹۷۳ء)



# اَز دوہ تِہ تیٚتھے

اَز دوہ تِہ تیٚتھے

رَتھ میٚون ژٕتھ وبتہٕ گاٹہٕ
زَن کاٹھہ نارٕ تمبر
اَز دوہ تِہ تیٚتھے

سَتھ سوٚرِتھ
سِر تیٚچ وَسہٕ وٕزٕ دولہٕ نظر
اَز دوہ تِہ تیٚتھے

وَتھ کاڈ کٔڈِتھ چیٹہٕ
نَلہٕ گومُت زَن بازَر
اَز دوہ تِہ تیٚتھے

پَتھ کالُک یادٕ ووٚتُر ژِتران
مَرنہٕ وِزِ کاٹھہ بُڈ موٚرت گَر
اَز دوہ تِہ تیٚتھے

زَن وُنَل وُرِتھ نبتہٕ سوتھ

کوہہٕ دٕنٛدی دٕنٛدی شوٗ نگمٕت سَر
اَز دوہ تہٕ تیُتھُے

کانٛہہ شام گٕنٛزُ زۄن وُٹھ پھیشان
کھوڈَس نکھہٕ بأزی گَر
اَز دوہ تہٕ تیُتھُے

مَتھ چھُم مےٚ گرٛھان بُتھ ناہَوس
ہول مُژ رِتھ ییٚلہِ گرٛھ ہِ شام وسَحر
گَتہٕ روزِ تیُتھُے

وَق دیاوَن لَر
پگہٕ جَل جَل گَر
پھَر پھَر پھَر پھَر
پَتہٕ مُژ رَن وَر

(۱۹۷۴ء)



# مُرلی

تھَرِ نگھِ زایَس ہَرِ پھۆلی پوش
قَدِ ووتلیٖایَس حَدِ مَدِ ہوش
مُژ رَنہِ آیَس یُژ خاموش
پھَرِ ووشلیٖایَس سَرِ پمپوش
خام وأنٛجہِ وبتُرم آمہِ تاو
مَرِ مَسوَلہِ پیٛوم مُرلی ناو

وَچھِ تَلہِ ووتلیٚے زُنہِ پچھ داغ
داغَن سرٛ وَ گاَم تھَنہِ پیٚیہِ راگ
بٔکہِ آولولُک پھرٛ کہِ وُن ناگ
لَوِ ہُژ اَژھ رژِ آم وأراگ
نبتھ نَنہِ تَنہِ ژۆلم وبَتھ واو
مَرِ مَسوَلہِ پیٛوم مُرلی ناو

اکہِ دہنہٕ صُبحاَے وَنہِ آم شام
ہَنہِ ہَنہِ روٗ دُم مَنہِ آرام
وُچھتون کُنہِ کَنہٕ وَنہِ ما آم
لول آم وۄنسی ییٚ لول ہےٚ آم
اَچھ لوسَم کوسَم زَزریا و!
مَرِ مَسوَلہِ پیٚوم مُرلی ناو

دِل ہاٚرِتھ دورُم سُنٛزِ یاس
پڑ ووُم اَنزاَنۍ وَتہِ وَنواس
ژوٗل موکھہِ مَنٛد چھُن گوٚل احساس
زِنٛدٕ پانہٕ دڑ ایَس رِنٛدٕ نے راس
روٗپ چھُم شوم گوٗپی پاٚراو
مَرِ مَسوَلہِ پیٚوم مُرلی ناو

(۱۹۷۴ء)



# نُنٛدٕ ریٚشہِ

سودِ بودِ شودِ مَنہِ شانٛت سوباوَس
نُنٛدٕ ریٚشہِ لاگے ناوَس پوٚش
گاشرِ مَنہِ کأشرِ پأراوَس
ہا ریٚشہِ لاگے ناوَس پوٚش
کَتہِ ءکٔتۍ لَتہِ موٚنٛجہِ گٔیہِ ہَض ہاوَس
کَتہِ ءکٔتۍ گُل بیٚتہِ ژھٹہِ لٔگۍ جوٚش
ژٔژتَن وِزٕ وِزِ لٔج ویٚتھِ واوَس
ہا ریٚشہِ لاگے ناوَس پوٚش
کأشر زبو کأشری ہَض ہاوَس
چانی ناوُک دوشوٕنۍ بوٚش
نَتہِ شرٔپہٕ ہَن گرتام صحٕراوَس
ہا ریٚشہِ لاگے ناوَس پوٚش!
تَمہِ دوٗپ ٹأٹھِس مَن مُشکاوَس

گَلہِ گَلہِ چوٗن حبس تےَ ہوش
سوے خوشبوٗ وَتہِ وَتہِ ییٚتہِ داوَس
ہا ریٚشہِ لاگے ناوَس پوٗش
نآدِم کأشرِ واوَس تہِ کاوَس
اَتھِ سوٗزِن شیٚچھ تھاوَس گوٗش
کأشرِ گَتھ پیٹھ چھِس ٹُلان ٹاوَس
ہا ریٚشہِ لاگے ناوَس پوٗش

(۱۹۷۴ء)



# سَرِ صُبحاًے

پۆک واو صُبحاًے لۆت لۆت، لۆت لۆت
کرٕچ گَو ذٕری چَس کرٕچ رَسہٕ رَسہٕ سۆت
مُژرَنہٕ آو گَنہِ گٔنٛز نَظر دِژٕم
گاش آمُت گَر دوہ آمُت یور
گُلی تیٚہر بن تاپَن مۆلُمت سون
پَنہٕ وٕتھَرِن شبنٔمی موختہٕ ہَلَم
کولہٕ بٔٹھی بُٹھی گاشُر مولہٕ وان پوٗش
تھَرِ أنٛدی پٔکھی پَنہٕ پوشٕری گل گوٗش
گُنہِ شایہِ وُنلہِ ہٕشٕز ڈٕفرِ تہٕ کینٛہہ
گُلی گٔہولِن مَنٛز پھرٛکہٕ وُن روتٕل
دَپہٕ وَے یَتھ باغَس چھُنہٕ کینٛہہ گَم
یَنہٕ بَنٛیوو پُٔن تَنہٕ آے ہُرِمٛوس
گَمہِ گَمہِ اَنٛدٕ لولہٕ مَتہٕ لاے ہُرِمٛوس
پۆز کَیاہتام گَتہِ تام توتہِ چھُ گَم

باغ گو نہٕ فَقط کینٛہہ ٹۄری تہٕ پوش
باغ گو نہٕ محض شۄد سوٗنتہٕ ہَوا
باغ گو نہٕ فَقط پانٛ ژادرِ سوز
باغ گو نہٕ محض شور سوٗنتہٕ ہوا
باغ گو نہٕ پھمبوارَن ہُنٛد مۄت شاہ
باغ گو نہٕ اٖلِف ہیٛو سرِو روان
باغ گو نہٕ گُلن ہُنٛد رَنگہٕ واہ واہ
باغ گو نہٕ یہٕ بُنٛدِش ڈۄرِہن ہنٛز
باغ گو نہٕ خرامان آبہٕ جویا
باغ گو نہٕ پتھرِس کھۄتمُت نیٚچر
باغ گو نہٕ کۄہہٕ پیٹھی ہَنز وۄتھمُت گاہ
باغ گو نہٕ پَژھ گُلۍ شیٛہجارَس پیٹھ
باغ گو نہٕ پَژھ جاناوارَس پیٹھ

(۱۹۷۵ء)



# نۆو موڑ......نۆو سوچ

سرِ صُبحاۓ

پۆک واو صُبحاۓ لۆت لۆت، لۆت لۆت
کرٕچ گوڈٕر چَس رَسہٕ رَسہٕ سۆت سۆت
مُژرنہٕ آو کُنہِ کنی نظر دِژم
گاش آمُت کر، دوہ آمُت یور
گُلی تیٖہر بن تاپَن مۆلُمت سون
پَنہٕ وٕتھرن شبنمی موختہٕ ہلم
کولہٕ بٹھی گاشر مولہٕ وان پوش
تھَرِ اَندی پَکھی پَنہٕ پوشرِ گل گوش
کُنہِ شایہِ وُنلہٕ ہنزٕ ڈِپھرِ تہٕ کینٛہہ
گُلی گَہہ لبن مَنز پھرٕ کہٕ وُن روتل
دِیہ رَے یَتھ باغَس چھُنہٕ کینٛہہ کم؟
یَنہٕ بنو پَتَن تَنہٕ آے ہُریوس
گَمہِ گَمہِ اَنٛدِ لولہٕ مَتہٕ لاے ہُریوس
پۆز کیٚاہ تام گتہٕ تام توتہٕ چھُ کم

(۱۹۷۵ء)

# رِزلٹ

ہے کُس سأ چھُکھ ؟

کتہِ پچھُکھ آمُت ؟

کتہِ پچھُکھ زامُت ؟

کر چھُکھ آمُت ؟

کیٛاہ چھُکھ ؟ کیٛاہ چھُکھ ۔ بَڈِ بَڈِ وَن سأ ؟

کیٛاہ اِنساناہ ۔ کیٛاہ اِنساناہ ؟

ناواہ وَن ذاتاہ بُتر اتھاہ

نۆن کانٛہہ نیباہ ۔ صاف نِشاناہ

تیُتھ کینٛہہ یَتھ کانٛہہ نیرِ سوالاہ

کانٛہہ تقسیماہ ۔ کینٛہہ تفریقاہ

نَتہٕ گرٛھِ فیل ژٕ چھُکھ امتحانَس

(۱۹۷۵ء)



# آش

مَدِ ووٗتھ روٗتُل گو پاٹاٗسی
روٗزِ گیہِ اَنہِ گٹہِ شہَہ گوٗس راٗسی
لوتہِ لوتہِ وبگلِتھ گیہِ اَژٕ ژھاے
روہنہِ گُنڈی گُنڈی دژایہِ دِلہٕ دُبراے
پۆد ترٛوو پڑوِ زایہِ شۆنگرفی راگ
سیٚکہِ لِس تھَنہِ پھو شِشرَم ناگ
لَوِ صُچ دِپھ شِلہٕ شیٚہجار
زٕژٕ بِرکیہِ چھِ دَپھ وَنہٕ وُن پیٚار
واداہ پۆک دَپھ زَلہٕ وُن شوق
پوشا پھۆل زیوُن ماشوق
دِل وُپھلیٚو دَپھ لولُک ساز
مَن مُشکیٚو زَن محرمِ راز
کٔنز شیٚچھ دَپھ مانچھک مۆدریہ

وُچھنٕچ شۓ دَپھ سورگس ہیر

سارے وتہٕ دَپھ پوشی پوش

سأری لُکھ دَپھ لولہٕ مَنوش

حُسنہٕ کہِ بگہٕ شولیٖو آکاش

ووتلیٖو قرَنَن ہُنٛد یاداش

زٕبوُن زٕبوُن رَنٛبہٕ وُن گاش

سیٖکہِ دانَن وُزوُن پرٛاگاش

مےٚ تہِ چھَم آش

مےٚ تہِ چھَم آش، مےٚ تہِ چھَم آش

(۱۹۷۶ء)



# آوازَن ہُنٛد مانے

رَبابہٕ تھوٚو وہَم بڑ وٕنہہ گَنہِ
تھَلہِ تھَلہِ وُچھمَس

وُچھان وُچھان گٔیہِ تارٕ بیدار
سورٕ تالہِ ہیٚوٚت ءگنگراوُن لوٚت لوٚت
میٚوٗٹھ وَژُن اَکھ سوٚت سوٚت
ہاوولو...... ہاہاوولو
زَن ناگہٕ بلَس لٔج وُزِنۍ ......شَرَرشَر
تیل بلَس پوٚک ہوا......شہوٗشوٗ

ہاوولو...... ہاہاوولو

پرٛژھمَس کوٚت کوٚت، کوٚت چھم آلَو
گیٚو وُتمُو پچ پچ پچ بُلبُلو
دوٗ ہمَس پچ پچ گتہِ ووٗنۍ پھوربم

گیوٚ وٕتمٕ نَٹھ نَٹھ ڈامبلو

ہاوولو...... ہاہاوولو

دوٗ پمٕس تھوٚ کُمت شہہ چھُم شوقَس

گیوٚ وٕتمٕ بُتھِ بُتھِ مٔنزِلو

دوٗ پمٕس وَتھ ماڈٕ پیٹھٕ چھُم لولَس

گیوٚ وٕتمٕ ٹَنٕ ٹَنٕ قافلو

ہاوولو...... ہاہاوولو

(۱۹۷۶ء)



# ژٕے نظمہٕ

## لوکہٕ چار

تھَنہٕ پیتھ تَنہٕ چھُم پَنہٕ نے ژھایہٕ
گاہے اَسُن تہٕ گاہے ترژُن
گاشس شاہ ہمتھ واشاہ کَڈُن
اَنہِ گٹہِ سَن دِتھ تیچھ زِن موژُن
ٹِکہٕ ٹِک ووٹہٕ ووٹھ مَن زَن پارُد
ہانگُل جتہٕگی نیرُن تہٕ اَژُن
کھین چَن مَشُن، یوچھِ یوچھِ پشُن
ٹیوٹھ آژٕ ناوُن، موٗدُر روژُن
ہِشرُک عالَم سورُے ہیوٗے
پرٕتھ گُنہِ گَتھِ پٹھ کھُلہٕ مَن پَژُن
سُے لَلہِ اَدٕ گوم واکھ تہٕ وَژُن
تَنَے ہیوٗتُم تَنگَے نَژُن



## یاوُن

سأنِس وزائیس گمہِ حضہٕ ہاوَسہٕ
چھوٚت تہٕ گرٕہُن ہٮ۪تھ مانٛزِ کرٛانے
باغَس تھَلہِ تھَلہِ وَتہٕ پٔدی رأوِتھ
مانہِ گتہٕ وَنہِ آم مےٚ اَن زانےٚ
یاوُن زرِ گُل چھاوان آیَس
تَن ہےَ ناأوم مَنہٕ سیٚنٛدِ وانے
صُبحَن رَسہٕ رَسہٕ وُٹھ گمنأوِتھ
سُنٛزِ پوشَن کوٚڈ گتھِ میانہِ مانے
چھِپنٛکی دوہ آم سوران سوران
وَتہِ گوم کتہٕ گنٛڈ رٕکتھِ روزِ پرٛانے
ہَچِو باأرَنٛجہِ پیٚرِ شیُو کان گوم
اَبگھ چھان پیٚوم یتھ رازِ دانے



## بُجر

ہَنگ زَزرے سوٗنٛتَس رَنگ بَرٕ گو
صوٗرَتھ روز نہٕ، روو اَنہار
یَتھ اَنٛدٕ وَنٛدٕ اۆس رَنگہٕ ٹیٚکھ وۆتھرِتھ
سُردگہِ بُزی گو سُے سَمسار
ووٗنی گَتہِ وُپھ دِتھ اَسمان میُن
ووٗنی پھن ژھارٕنی گوپھٕ تےٚ غار
کۆت گُیہِ تاپٕنی پھۆلِتی کولہٕ رادَن
گمہِ سَرٕ ووٚتلِتھ آو ہُشیار
تیٚلہِ اوس پرٛتھ شُبہِ وَرشُن ورتُن
اَز چھنہٕ ژٕتھ دِتھ گُنہِ دیدار
آمہِ پَنہٕ سۆدرَس ناوِ لَمان چھَس
گَتہِ بوزِ دَے میوٗن میٚتہٕ دِیہِ تار

(۱۹۷۶ء)

☆

# زِتنہٕ

(۱)

ژٕپری نٔیرِ کٔرِ شرِ نٔی خٔبر کٔمو
پأنس سٕتھ
بۄٹہٕ صدا گو پکان چھُ شاید!
پٔنیہٕ شیہلتھ
مُلہٕ تلہٕ بۄ زِو پنہٕ نٔی خأمی

(۲)

پأنٕس منٛز پٔنیہٕ پژوٕ آفتابچہٕ
عالَم نوٚژ
عالَم یٚیلہٕ نوٚژ، نظرن گیوٚرآو
دِل مانوٚژ
مُلہٕ تلہٕ بۄ زِو پنہٕ نٔی خأمی

(۳)

واوَن کوٚر پَنہٕ وُتھَرن ہِکتہٕ ہِکتہٕ
اَسنُک بڑٕ وُنتھ
مَنہٕ سٔدرَس مَنشس لُگو اَرِ سَرِ
اوُنتھ نہٕ ووُنتھ
مُلہٕ تلہٕ یوٗ زِوپَنہٕ نی خأمی

(۴)

بالَو پیٹھی ووٗتھ پاتھُل گُن
اوٗبرُک پَرتَو
دزِمنَس مَنٛز ژھاران چھِٹہٕ پوشہِ
گاشِکی سَرو
مُلہٕ تلہٕ یوٗ زِوپَنہٕ نی خأمی

(۵)

پکوس یاوُن، نَرمی، بڑٕ بو
تہٕ ہأوِن دَنٛد

سونہٕ روپہ گنہٕ تاراچنٛد
سَمیٖس پابٕنٛد
مُلہٕ تلہٕ بوٗ زِوپنہٕ نی خاۍمی

(۶)

ژاۍنِکس سوٚیتھ تہٕ سوٚیتہِ بُڈک دیُت
وُپھِ کھٔژ ریٚہہ
دَم ہاۍرِتھ کیٚاہ جَم جَم ہاوُن
تمبرِ تہٕ بڑیٚہہ
مُلہٕ تلہٕ بوٗ زِوپنہٕ نی خاۍمی

(۷)

بَرن واۍنسٹھ کھوکھرو، ریٚہہِ ٹھوٗلَن
دِنہٕ لوٚگ پھَہہ
بڑمجہِ چھُ وٕتھرن وٕتھرن تیلان
یاوٕنی شہہ
مُلہٕ تلہٕ بوٗ زِوپنہٕ نی خاۍمی

(رِسالہٕ کاشُر اَدب، اکتوبر ۱۹۷۶ء)



# وُنۍ اوس یہِ سنسان

وُنۍ اوس سنسان یہِ کوہٕہ دامَن
زَن ہَفتا کالٕنگ بِڈٕ کاثٕوھا
پٕنٕہ پَنٕہ گومُت یَس یادٕ ووٗرُ
تتھۍ ٹیٖپٕہ کَڈان شِشٕھیامُت گُر
ییٚنۍ ژھیٚنۍ ہِش ووُن پَن تاران
پَتھ کالَس ڈٕلہٕ مُژٕی سأل گَران
وُٹھ گُمہٕ ہِتھ موٚدرِس مأل گَرانٕ
وُنۍ اوس سنسان یہِ کوہٕہ دامَن
پرٕتھ کانٛہہ ترٕشی سونٕہ سامانٕہ گٔرِتھ
وُنۍ آو ہنگہٕ منگہٕ دامانٕہ برٕتھ
پرٕتھ کانٛہہ ترٕش سونٕہ سامانٕہ گٔرِتھ
ہَر کانٛہہ زَن چھوٚن آو بانٕہ بٔرِتھ
پَنٕہ وُتھرَن ناَلس موختٕہ جُرِتھ

پرٛتھ کاںٛہہ کول زَن پیمانہٕ بٔرِتھ
ٹۄربو پوشَو دامانہٕ بٔرِتھ
رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ رَنٛگ زَن قالیٖن وأہرِتھ
رٮ۪شم روٗسی اَلوان توٗسی
أتھی مَنٛز پیٚیہٕ وأتِتھ پِنٛدرٕ سَبھا
پرٛتھ طَرفہٕ گٔبوٗن پرٛتھ پاسہٕ صَدا
لَے تال تہٕ سُر مۆدریر تہٕ رَس
اَمنُگ آلَو سأری چھُ دُعا
وَنہٕ وُن نغماہ رَنٛگدار ہَوا
آءمتی چھِ وُہری قأصِد لوٗءلکی
ہَمسایہِ پٔنٛنی نَوِ آیہِ گبوان؟
وَنٛدٕ نیٖرِتھ لولہٕ بَہارٕچ شیٚچھ

(١٩٧٧ء)



# أسی آسہٕ سَتھ یِنہٕ

ہکہٕ آس ووٗش
روٗٹُن پَتھ
توتہٕ أسِس گتی گوٗہان
توتہٕ لِکِس ہکو

کَہے رووٗ ے، ژیےٚ کَہے رووٗ ے
دوٗ پنَس جِگری، یود جِگری
مےٚ ہے گیہٕ ناوَس ناوٕ بدلی
گَتھے ناوَس؟

بۆ موارِ ناوَس
اوٗش رَٹھ پَتھ، شاہ پھیُر گر
پگھ اَز پگناوَتھ پانَس سۭتۍ
وُچھ ہُمہ کیٚاہ چھےٚ ژژار کھَسان
ژژار بڑ بوارِ
نُنٛدٕ بأنس نُنٛدٕ رازَس نِش
ہول مہٕ بَر

بُتھِ چھے جُمعہ لالہٕ لولہٕ وُچھان
پانَس سۭتۍ تاری دَرگاہ
نوٗرٕ پھولی ووٛنٛدٕ شیہلی ہیٚو

وَتہٕ ہاوٕ چ چھے یٚنہٕ جگر پٔنٕز
بَٹہٕ وار پٔنٕز
سُلہِ وِلہِ وأتی زِ ہارِ پَر بَتھ
تہرِ مجماہ ہتھ
گنہِ پھٔلی گرنے وَتہِ وَتہِ أہی
شٚچھ خبرَ پرٕژھی آتھوارِ پرٕژھی
ڈَل سأرس گژھنس سال کری
پمپوش پھولَن غَم غوصہٕ ژلَن
مَن صاف گژھی
اَدٕ شاپھ ژلی
ژٔندرمہٕ کھوٕری کٔنی پانہٕ کھسی
ژٔندرمہٕ پرٕاوَ کھ دوکھ دودٕ بلی
اَدٕ واتگھ اَصلی ناوَس نِش
اَدٕ واتگھ مُولَس منٛگل زَن
بَن منٛگل زَن
منٛگل پرٕاوَ کھ
ستھ یٚنہٕ اَستھ اَدٕ
منٛگل زَن

(۱۹۷۷ء)



# لفظن گَم گَم مانہِ وَلو

لَفظن گَم گَم مانہِ وَلو

نبتھِ ننٔی، نیٚش بۄ دٔی، ساہِ منوش

تھولہِ تھولہِ وِنٔی، پھولہِ وِنٔی پوش

نَتہِ ژھٹہِ ماران یاوِنٔی جوش

لَتہِ ژھٹہِ ماران یاوِنٔی جوش

لَتہِ موٚنجہِ گاٹٕتی وَتہِ پیٚٹھ پوش

حُسنکی آگر، مٔستی مدہوش

اَسہِ نِشہِ بیٚون، اَسہِ ہم آغوش

لَفظن گَم گَم مانہِ وَلو

مَدِ نَس بَنٛگٲلی جودٕ گارَس یارَس لے لوکہِ چارس ٔستی

کارِ تیٚچ زوٗن میٲنی وبس کانٛہہ پُژنان پوش بہارس ٔستی

سَمہِ کھان اَن ہٕری شَن مایاوَن راے چھُ مَنہِ انہارس ٔستی

گامہِ سوٗندر ما کامہِ دِوَس رَنٛزِوان گُنہِ گُلی شیٚہہ جارَس ٔستی

پَتھ وَن ڈوکس مَنٛز کانٛہہ وُزِمَل گِندنہِ چھےٚ وزاہِ نارس ٔستی

یئیمبر زَل مابۆ مبُر گاران لوہ لنگرس وۄہ ہارس ءستی
بَر بگہٕ یتھ مسوَل چھےٚ ژُوان ہر اِنکارس یقرارس ءستی
باغِ نِشاطُک گُل ژھٹہٕ ماران، پژاران اندگُن یارس ءستی

گَم گَم، گَم گَم مانہِ وَلو
وَن لفظن گَم گَم مانہِ وَلو

عبستھٕ ژٕنی، نٔیش بۆ دی، ساذِ منوش
تھولہٕ تھولہٕ وِنی پھولہٕ وِنی پمپوش
نتہٕ ژھٹہٕ ماران یاوِنی جوش
لتہٕ مونجہِ گاءتی وَتہِ پٔچھ پوش
حُسنکۍ آگر، مُتی مدہوش
اَسہِ نِشہِ بیٚون، اَسہِ ہم آغوش

(سون اَدب، ۱۹۷۹ء)



# مَدر ٹیریزا

شۆ دتا پھ، گولا بُک شانٹ شِہُل وُشہِ نیر۔ اُسِو
نَب صاف، ووتھان پڑو سور گیہ تہٕ وآتھو ہیر۔ کھسِو
پڑۆن پوٹ، رٔنج آواز، تہٕ وُٹھ مۆ دررِبر۔ لُسِو
نۆن گاش، فقیری جامہٕ تہٕ نۆرِنۍ ڈیر۔ بُسِو
شرٛ یہہ ناٗرن ناٗرن پھیوٗ رُم، مَنہٕ نَر پھۆلی پمپوش
وَڑھِ وأنِجہِ ووتلیَم گاشری واکھ وَنان خاموش
یُہ کأنی ژۆلُم زَن ماجہِ یِوچھر

نۆن سِری یاہ
نَتہٕ سِرتِچ اکھ زٕژ
چھٔتی جامہٕ وُلِتھ
کھونہِ ماے مُلِتھ
پھٔری پھاہ شیران، پھیران بُٹھی بُٹھی
"یُہ کأنی ژۆلُم اَز ماجہِ یِوچھر
اَز ڈٔ ابتھم زٕ گیتچ موج پَنٕنۍ"

(۱۹۷۹ء)



# بێیہٕ اکہِ لٹہٕ آیہِ بہارٕچ شێچھ

وُنی اوس سنسان یہِ کۆہہ دامن
ہفتا کالئِگ زَن بُڑ کانژھا
یَس پَنہٕ پَنہٕ گومُت یاد ووٗتر
تُتھی ٹیبہٕ کڈان، یَتھ آمُت کھر
ژھێنہِ ہٕرٕ پێنی، ووَن پن تاران
پَتھ کالَس ڈٲلی مٔژی سأل گران
وُٹھ گمہٕ نتھ مۆدرٕس مأل کران
وُنی اوس سنسان یہِ کوہہٕ دامَن
وُنی آس ہَنگہٕ مَنگہٕ دامانہٕ بڑتھ
پڑبتھ کانہہ ترٕشی سونہٕ سامانہٕ بڑتھ
گُلی گوگرن آے یمسانہٕ بڑتھ
زَن چھۆن نۆن آو بێتہِ بانہٕ بڑتھ
پَنہٕ وٕتھَرن نالَس موختہٕ جُرِتھ

وأران آو وُنی اکہِ آنہِ بُرتھ
رنگہٕ رَنگہٕ رَنگ مِلہٕ مِشہٕ تارَکھ نَب
پژِتھ کاٹہہ تیٚہہ شونگرٕف شوخ برٕژ
ریشم رٕوسی الوان توٗسی
پیٚٹھ اطلس جامہٕ تہٕ رنگہٕ واہ واہ
أتھی منز پیٚیہٕ وأتِتھ یٚنڈرٕ سَبھا
پرٕتھ طرفہٕ گوٗن پرٕتھ پاسہٕ صَداہ
لےَ تال تہٕ شور موٚدربر تہٕ رَس
وُنہٕ وِنہٕ نغمک رنگ دار فضا
ونٛدٕ نیٚرتھ بیٚیہٕ چھِ بہارٕچ شیٚچھ

(۱۹۸۲)



# دُشیوٗت

کھٔرۍ شانٛش مگَر أسی بالَس کھٔتی
ہوٗکھ ہیٚر تہٕ مگَر أسی بالَس کھٔتی
کوٗٹھی لۄسی مگَر أسی بالَس کھٔتی
دیُت خۄن مگَر أسی بالَس کھٔتی
پیٚٹھ گٔنہٕ چھوٗ مَر گاشانٛت شٕہج
مَنٛز باگَن ووتھٕ وُن سبزارا
ترٛ أوِ ووٚنی ڈکھٕ وِنی لۄر پتھَر
سبزارَس گنٛڈی توٚ ہٕلی یارا
بَتہٕ کھارائی تَو، کھیٚتَو، چیٚتَو پھرٛ بکھ ترٛ أوِتھ
اَسمانَس تام چھِ کینٛہہ اوٗنٛگل، بَس کینٛہہ اوٗنٛگل
ہَے بنٛگہٕ ہِوی گےٚ اَسہِ گیہٕ نہٕ خبَر
ہنٛگہٕ منٛگہٕ گےٚ شاید تارٕ ترٕتھ
گیہٕ غأَلِب موٗہہ مایا ترٛہ ییتھ اَسہِ سورُ ے موٗٹھ
سبزارَس أنٛدی ہٕلی یاراموٗہہ زال أچھَن



# ٹھیٖپ

أکی تھوٚنَم بڑوٚنہہ گنہِ روپہٕ سُنٛد ٹھیٖپ

پَنہٕ نیٚوَ پَردہٕ اوٚنٛد پوٚکھ ووٚلہَم

گَتھٕ گرِ پٔژی یارہٕ اَپٕزیارہٕ

لوکہٕ چارٕچہٕ لیہٕ ترٕیہٕ تھاوِکھ ٹھُری

ہُمی بزم ڈیٚنٛتَم کھمن چَن ہاوِتھ

تیٚمی سونہٕ روپہٕ رٔنٛگی شبرنٛگ ؤنٛزَم

کأٹھِس گُن پگہٕ نووُس ٹاٹھو

دِگہِ دِگہِ نیٚوکھ قَنٛد موٚدری مُہتھ

ہَوَس ترٕوو وُپھٕ نک شوق ژٕہتھ

اَنہِ کھَلہِ دوٚپہَم گژہ اَژھ پأنَس

میچھر لَب میلکھ بھگوانَس

کرٛتچھَر نیری وُپھٕ نک وُڈُنک

سوکھ شیٚہلہِ پٔنٕز دوہ گُذراوکھ

اَسہِ پڑوو دوہَے وونۍ ژٕ تتہِ پڑاوَکھ
گرِ پَننہِ ہِتھ سوٗنتھا چھاوَکھ
لَنٛجہِ لَنٛجہِ پھیرِتھ رووٗے یاوُن
بُجرس منٛز ڈوٗکھ دِتھ عاشا گر
کھبتھ چتھ پانٛس اَسہِ ہلماہ بَر
کھوٚڑ تقدیرَن اَبسو مےٚ ٹھُپ
گمہِ خشمَتہِ اٲخر پڑووٚمے ٹھُپ



# اَکھ زاشُر ......اَکھ اِحساس

موصُم دوٗدٕ ہیٛرُا گُل پھولہٕ وُن
پھٔشٕہ توٗمب، نُنہٕ باٹُر تھولہٕ تھولہٕ وُن
پڑیٛنٕہ اوٗبرُک توٗمب سوٗتٕس زامٕت
پڑوِ ہُنٛد موٗنٛی وِہہ زَلہٕ وُنِ زَلہٕ وُن
زَن پوٗٹ تہٕ سیٛچرٕ چھُ تھٕنٛز اُویٛل
ڈَل واو صُبحُک ڈلہٕ وُن ڈَلہٕ وُن
پھٔشٕہ سیرٕ یوٚہے زَن پھڑکہٕ وُن پھوٚر
موٗچھِ مَنٛز ریٛشم ژَلہٕ وُن ژَلہٕ وُن
گُلی تیٛہربن پیٛٹھ زٕژٕ باشٕہ گَران
نوٚو پوشٕہ وٕتھرٕ الٕہ وُن الٕہ وُن
کھٕنٛدٕ گٔری گٔری آیَس پاے گَران
زِنٛدگی ہیوٚتمٕت سُلہٕ وُن سُلہٕ وُن
گُمناوِ اَگر وُٹھ فِرستہٕ اَسن
وَدِ یوٚد ڈبکہٕ درٕہہ کھٔسہٕ زُنہٕ گاشَس
نٕرِ زَنٛگہٕ واٚتِتھ ٹُلہٕ عالَم تھوٚد
کُنتھٕ کٕرِ اَڈ کٔجہٕ گوٗھِ سَتھ ؤقتَس

تَس وُچھ وُچھ تاپَس ضاف ژَلَن
سَمیٖس دوکھ دأوی تہٕ شاف ژَلَن

نَژِ مأج تَمِٕس زَن مَرِٕژ پِپنٛز
پِیہِ بیٛنہِ وولہِ سنہٕ زَن ٹِکہٕ واوِ ج
بَب ووسہِ پِیہِ زَن پِیہِ شوخ پِتنگ
بُڈِٕ ویرِبن بامَنِ ہمن نیرِ نی
موصُم دودِ ہیٛڑُرا گُل پھولہِ وُن
پھنٛبہِ توٛمب، نُنہٕ باٹُر تھولہِ تھولہِ وُن
بَڈِٕ ژٔندرَمہٕ دوہہٕ پَتھ دوہہ زُنہٕ پچھ
حبس پھیربس ہیٛیہِ أنزُرن گُنٛزُرن
تُلہِ ٹھٔری پَنہٕ نمن لاوبن سیرَن
پرٛژہِ گأر گُرِتھ کَڈِٕ واش کتھَن

بہٕ تہٕ باوَس أندرِم نیٛبرِم سِر
اَتھِ رٔٹِ رٔٹِ ہاوَس وَتھ مَنٛڈِٕمِژ
تھکہٕ ناوَس اَسہِ کوٛر کیٛاہ کیٛاہ کوٛر؟
گُس ماے تہٕ موٛحبتھ وَطنَس بوٛر

کِتھٕ گُنٛی گَر لَب اَسہِ آزأدی
کِتیٛا مَتیٛ یو گھٔتی بیٛتہٕ دارَس
کِتیٛاہ لگی زالَس منٛز نارَس

دیُت زُو کِتھو اَتھِ ہارَس مَنز
پُژھ وَنہِ آے کِتیاہ اَڈٕ پھۄلی گُل
گَر روٗزہِ مہریٛنہِ نِے ٹیۄک تہُوکھ
گَس ساویٛنہِ لوکچے ژھیٛون ہَتھِ پھۄل
لُرِ پار گرٕژھِتھ لۄب اَسہِ مَنزِل
دودٕ ہبڈَرس بۄزِتھ بُتھ وۄشلبس
ڈُنگہِ پرٕزلبس صُبحُک گاہ پھولہِ وُن
تھزکأر تھٔوِتھ پگہِ بَڈشاہ زَن
ووتھِ زَنتہِ بھگت سِنگھ ہۄل چأرِتھ
ہیٛیہِ أندر نبرَ ییٛلہِ اَدٕ نیرُن
آذَر بازَر ییٛلہِ ہیٛیہِ پھیرُن
محرم گَژھِ رازَن ہیٛیہِ سونچُن
أتھی سارِ نبض وَتھ ُک وُچھ وُچھ
آزأدی ہنٛز سورنےَ بۄزِتھ
بُتھ ژکرِتھ ییٛلہِ پیٖہِ گرٕ واپَس
وَنڈا چیرِتھ پرٕژھ مےَ أس سُوِتھ
چشمن مَنز آسبس زیٛوٹھ سوال
وۄنۍ تَو کیاہ وَنہِ؟ گُس بُتھ دِمہِ تَس؟



# اکھ پوش اکھ سمنڈر

شوخ کاجَس منز گُلاباہ تابدار
وُزملاہ موصُم تہٕ رنگ ہا بیقرار
بُلبُلاہ، رُت بول بوشاہ ٹاٹھِنیار
تارُکھاہ، شِنہِ ہَس سُے منزس، موٚت بہار
ژۄرٕ اَڈٕ پھوٚلی ٹۄری نوٚن کوٚ ڈُمت جہار
یاچھُ اَڈ کجہِ کورِ ہیوٚ چھمُت گاٹہٕ جار
نَتہٕ ووزلہِ اَڈٕ پڑانہِ ووڈٕ پلوٗک خُمار
شامہٕ گہٕلس منز زِتنۍ اَکھ گاش دار
یا ژھیوِتھ ہوٚلَس چھُ زامُت لولہٕ نار
یاشفق صُبحُک چھُ وبڑٕھنان زاٗوی جار
نَتہٕ چھُ گُستام ماجہِ ہُنٛد گُستام اَمار
سڑٛیہہ بوٚ رُت زن مایہِ ہوٚت کاٗنہہ

بُلبُلاہ رُت بول بوشاہ ٹاٹھیٛار
کوٹھ کاجَس منز گُلاباہ تابدار
چھاتہِ گاران بیقرارن کُنٛیت قرار؟

کُمۍ یہِ رِگندٕ نِس ہی تھَر بن کوٚ رٹھاک از؟
آرِ وانِے بُتھ پھِرُن کُمۍ تھوٚ ورِوا
ٹبکہِ بَٹہٕ نٔبن روٗف گرٕنی رِکٕش جاے چھا؟
سُنٔد چہِ پوٗشن سوٗنتہٕ شبنم گوٚ ژھ بُٹن
لُج تیٖمِس کونگ پوشہِ ہِے ماروت ژھَٹھ
مومہٕ چٕنس تھوتھ ماسپُد پمپوشہ ہِے
وٕ ہی لوٕ کٕڈ شُری ٹُل اَتھَس کبتھ شرٕاکہِ پچ
ہمۍ گُلالن لوگ اَتھٕو تَنٕ تاوِ ما؟
اوس اگر زَن نیاوی بُتھی ژٔنڈ ماپَزِبس؟
ترٕ اے رِگلہٕ ٹوٗرس چھےٚ وَسہِ نچ جان گو!
کارِ پٔتۍ بزٕوٗ ڈ کوٚ ڈیہِ کُمۍ تَس بیم ہوو؟
وٕ ہی ژٔ بتھ کُمۍ ترٕ وواٗڈ پھوٚل یوسمن؟
مَسوٗلن بَرِ پوٗر گوٚ ژھ آسَن اَسَن
گرٕ ایہِ گوٚ ژھ بے وایہِ جافُر میوٗن دیٖن
ژالہٕ کیاہ ییٖمبرٕ زٔلو اۭش ٹارۍ برۍ
ترٕ ستۍ نٔتھ نٔتھ چھےٚ ژاہرٕ کوسمن
ہاے پنٔز پٔن یہِ کُمۍ دیٖت تالہٕ ژٔل
بُتھ کرٕ ٹیوٗ مُت پزٕ اژ ہو چھِ مرٕ سُنبلن

دأن پوشس کیٛا زِتژ نیومُت چھُ رنٛگ
پژۄن تہٕ نۆن باٹُر یہِ بادم پوش سون
شۄبہِ نابژ وۄنہہ کُن أمِس رُت کرمہٕ لون
تن چھےٚ نٔژ سٕز پوشہِ ہیے روزیا تُھے
واتہِ کۆت ننہٕ وورٚ رَبہِ منٛز مأنٛزِ پوش
سوچہِ نُے چھُم اِرٚکیمس چھٔنہٕ نأنٛلی کینٛہہ
پیٹھٕ چھِ بژیڈی مُشکش پھٔٹان زَن ترٕ کٔنٛڈی
شوخ کاجَس منٛز گُلا باہ تابدار
کۄت سوچان کۄت گومُت بیقرار
کاجہِ پٔتۍ کنٛز اکھ سمنٛدر آنٛتہٕ رۄس
کۄت سۄن، کوتاہ وسیع کیٛاہ جوشدار
لولہِ اَنٛد رُدردانہٕ کأتیاہ آبدار
گژہنٛد گَر وصدفن تمن چھا کانٛہہ شُمار
تھٔدی مَلر زن آسمانٛکی رازدار
لہرٕ ماران زَن چھُ سیما بُک قرار
منٛزٕ چھِ پَژ شوقٕکی ووٕ گنٛز گاشری مُنار
حوصلَن ہُنٛد تھۆدتہٕ بۆڈ پھولہٕ وُن خُمار
گُنہِ گنٛے وُپھوٕنہِ خیالُک زأوی جار

کُنہِ اِرادَن ہُنَد پزٕ زلوٗن نو بہار
کاجہِ پٲتٕ کُنٕ اکھ سمنَد رآنتہٕ روٗس
کوٗت سوٗن، کوتاہ وسیع، کیاہ جوشدار
ریٚہہ ژھٹان زَن نارٕ بزٕ یہہ اکھا کھلہر
زِندگی پھٔری پھاہ دِوان پزٕ بتھ اکھ نظر
آسمانَس تھٕز خیالن ہٕنزِ کمنٔد
دُپھ جنونٕچ کاینٲتس گتھ کران
اکھ ووشت، غاٗرتھ، ہما لُک بال تھوٚد
ماے محبت پوٚٹ ہیٚوٕ پشہِ جار زَن
بوشنہِ شیٚجاراہ، شُہُل پزٕ بتھ کاٗنسہِ کیٚت
واے اِنسانس پکھن کٔمی تراش ہیٚو
کیاِ زِدٕ ے نفرت چھےٚ لوٗکن پانہٕ واُٹھ
شورٕ اَنبارن امارَن کیاہ ہشر
نیاے آسُن چھا گوناہ؟ وولہٕ کتھ کُرِو
چھٹتی کرٕ ہنٕز ژارٕنی ژھوژر اِنسانہٕ سُند
از چھُ سے آزادیس آزاد دِل
ژھٔر تیمِس یڈٕتَس ژٕ کیاہ دِکھ اُس تھوٚپ
نٔی چھےٚ یَس تن لَس ونٚیا زانہہ وعظ چون

زِنٛد گی ہیوٚ چھمُت دوہے بڑ وٕنِہہ بڑ وٕنِہہ پگٕن
شُپ یٖپیس بُتھِ دیٚن فقط بیچارٕ گی
سون دُنیاہِنیک ژیٚہا اکھ وأنٕسہِ ہُنٛد
اکھ بُڑٕ ژزاہ تہذیبہٕ کٕے سرمایہِ سون
یُتھ ہَڑ رہتھ ہاوِ گُس گس یاوٕ یَٹھ
تیٚمی پُٹن نوٚ مرووسرٕ سُے سر بُلنٛد
پانہٕ وأنٕی سمہٕ ژار تیٚمی تھوٚو زِنٛدٕ سُے
نَتہٕ چھِ جنگلی جانور اَز بأے سأنٕی
أسی اگر آدٕمی رَتٕس وُنہِ رٕو دی لأری
تیٚلہِ چھےٚ کولہِ کھوتہٕ کول ترٕنی، پتھ پتھ پکِو!
ہَتھ گَربن ہُنٛد شرٕ وٕنی صداز نٛجوٚ رِ ہُنٛد.
اَز چھِ یم زنٛگارٕ لدٕ بے کارساز
مایہِ ہُنٛد نوٚ وسوز وُزنأ وِ وژ وپأری
لول ورتأ وِ وتہٕ کأ نٛچھِو زنٛد گی
زِنٛد گی پژ یأ رِ میٚچھر مأے ہبتھ
زِنٛد گی آزاد بَنٛد تےَ بأے ہبتھ
زِنٛدہ باد آزاد اِنسان زِنٛدہ باد!



# سوتہٕ سہ

شوخ آتش ہش گولاٮ۪
تارِ کوٚتِس وَلنہٕ آہرٕ ساٲرٕی اکھ
یُس پرُس ییٚمہِ وَتہِ چھُ پوٚکمُت ژھاپہٕ کیٚت
ستھ گرٕہِتھ آشایہ ہیوٚتمُت زیوٚٹھ شہہ
ژھبنہٕ گٲمرٕ ووٕ ماجہِ نِشہِ خوش بوٚ بچار
أ وِلیوٗمُت رنگ أچھن تل بزٕوشت ہیوٚ
یاد پیوم قدکش رواں سروِ نشاط
واو ہیتھ دزٕاہرٕ چھےٚ ساٲلِس پوشہٕ تھُر
یا چھُ نیہٕ پیٹھ شہہ دِوان سوٚن بسملاہ
نالہٕ سنطوٗرس رٕٹِتھ پوٚک مال کوٚنِس
تارِ کوٚ ٹاہ آوسیومُت بے وَساہ
اکھ صلیباہ نرِ پھُٹِتھ بے دست وپا
تارِ کوٚتِس وَلنہٕ آہرٕ ساٲرٕی اکھ
شوخ آتش ہش گولاٮ۪



# چاۓرِ کتھ

میلہٕ گُراہ ٹُم طراق چَٹ چَٹ

ترٛاخ تہٕ پرٛاخ ترٛاخ تہٕ پرٛاخ

ڈٕچھنِ تہٕ کھوٕرِ گلہٕ جوراہ ِگلہٕ وان

تہٕ پیٹھٕ گنہٕ جُمہٕ گیٚڑ فِٹ فِٹ

مانٛژ گوٚو دوٗداہ ِگٹ ِگٹ

ہابو، جُمہٕ گیٚڑ ہاووتہٕ لیٖوو

پھر پھر پھر

کھسان تہٕ ہیوٚر کھوٚت

وبٹھان تہٕ ویوٚٹھ گو

میانہِ خودایا نرِ زنگہٕ کاۓژاہ

شرٛڈنی زِبزِن

موچھِ دیار سوٚنبران ہوٗ ہوٗ

دوژھِ دیار چھکران اللہ ہوٗ

## گُری کوٚر رَنٛزُنا

## شٔرٛ وٕنۍ شٔرٛ وٕنۍ شٔرٛ وٕنۍ

دارِ تہٕ بَر پھُٹؠ بڑٛیٚنۍ بڑٛیٚنۍ

بٔنیہِ پھیٚوِ رواپَس

ترٛاخ تہٕ پرٛاخ

ترٛاخ تہٕ پرٛاخ

جُمہٕ گٕڈٕ پھرٛ اٹیو

جُمہٕ گٕڈٕ وبگٹیو

اَز گرٛٹ زِ مأنسبل گرٛٹ

ژھوہٹیو وتہٕ ژَمہٕ ٹھُیو، ژھوکیو وتہٕ موکلیو

پھوٗ پھوٗ پھوٗ

اللّٰہ ہوٗ



# زِندگی پیٖڑ وٕسی......

زِندٕگی پیٖڑ وٕسی، تیٚژ چھَ ژھوٚٹ، ڈاے قدم
زمیٖٹھ تیٚژاہ زَنتہٕ بُتہٕ راتھ چھَ مینان شِنہٕ پوَ
ژھوٚٹ مگر تیٚژ زِ مسجدِ تاں چھَ یژہ کلہٕ سٕنز دَو
گہہ چھَ وصلُک اَکھ بُرنز، گاہ فراقُک سوٚن غم
زِندگی پیٖڑ وٕسی تیٚژ چھَ ژھوٚٹ، ڈاے قدم

اَکھ قدم سوٚنتہٕ سُلی میٖون سُہ لوٚچر اَڈٕ پھوٚل
اَکھ قدم چاٲنی جواٛنی، میٖون مَژر میٖتہٕ کھور ڈوٚل
اوٚڈ قدم شام سَپُد گو ووٚدی زہٕوُن شبنم
زِندٕگی پیٖڑ وٕسی تیٚژ چھَ ژھوٚٹ، ڈاے قدم

آش ہیتھ ییہٕ تہٕ پوٚہَس شیٖن پیوٚن سوٚنچ ژھاے
واش کڈِ واوِ رِنگاہ ہَرِ گُلَن ووتھِ ٹھَتھراے
توشہِ ییٚلہِ لاگہِ وَچھَس وَچھ، روشہِ ہیٚیہِ دوٚرِ دوٚرِ نَم
زِندگی پیٖڑ وٕسی تیٚژ چھَ ژھوٚٹ، ڈاے قدم

یارِ ییلہِ تاپھ بُتھ ییہِ گاسہِ تُجبن کرِ سونہِ ساٲوی
مارہ ییلہِ لاگہِ کھٹۆش کرِ یارِ گُلبن تاں رَتہِ دأوی
زیٹھِ چاٲنۍ موہرِ تَنۍدَل ہش ژھوٹہِ میٚون تہرِ ہلم
زِندگی پیٚٹھ وُسی تیٚژ چھَے ژھۆٹ، ڈاے قدم

زیٹھِ بَنہِ زیٹھ نہ تھکہِ وِنۍ شوقہِ موالبن ہٕنز آش
ژھوٹہِ گوڑھِ تیٚژ شُر ورکتھ بَنہِ راہبرٕ سُند یاداش
نرم زَن چاٲنۍ شہچ وزٕے، سخت زَن میٚون قسم
زِندگی پیٚٹھ وُسی تیٚژ چھَے ژھۆٹ، ڈاے قدم

شولہِ کُنہِ ساتہِ تہِ بَنہِ لاوِ وَچھک نارِ الاو
وولہِ کُنہِ ساتہِ تہِ کھرٕ کھ کھبتھ دَو زَن تُلہِ دِجہ واو
وُہنہِ تَلہِ نیرہ تہِ بَنہِ چون قَلم میٚون قلَم
زِندگی پیٚٹھ وُسی تیٚژ چھَے ژھۆٹ، ڈاے قدم

☆

# برات

وَتہِ وَتہِ پھیران مُتی أ کی ٹُل اَ کھ کا کنز پُر زاہ
أری أ کی شۆنک تہٕ تَس باسو أمی کیٛاہ تامتھ لۆب
ہُمی دِژ کلہِ گلہٕ ناہ، مُتی اَسُناہ یا شاہ ترٛ وُون
تیمی ژأ ٲلِ وُٹھ تہٕ سۆنچُن شاید کیٛا ہتام سۆنچُن
دوٚنوٚ ے وأتِی أ َکس اَ کھ پَتہٕ پَتہٕ بازرتامتھ
مُتی دِژ أندی پکھی نظراہ پلہٕ وُن کا کنز وأنس
شِری نہٕ دوٚژھا تُجی وأنی تہٕ پُشرِن "بابَس"، ہلمس
أری کوٚرتوٚں تہٕ دوٚ پنٛسں میٛہ حض چَنٛدٕ منٛز پھو مُت
کھوچھے باپاہ چَنٛدٕ منٛزٕ پھو مُت
داہ روپیُن حض یاہَتہٕ روپیٛن
دوٚ پنٛسں چھوٚن کا کنز چھِنہٕ داہ روپیُن یاہَتہِ روپیٛن
مُتی دِژ مُتی پأٹھی تازٕ براتھاہ
ٹنگ چھِنہٕ ووٚنی اَسمانہٕ وَساں زانہہ

(کأشُر شیرازٕ، جلد ۷، شُمارٕ ۴)

☆

# حِساب فہمی

اَسہٕ وٕنہِ ہوٗنجہِ دۄپ ہَم
اَنٛد سورُے

او! اَنٛدِ سورُے
پھولہِ گاش تہٕ ژٲلہِ گٹہٕ
اَنٛد سورُے
''إژھہ إژھہ۔ إژھہ إژھہ''
''پُرَژھہ آیِی نا؟''
گُمہٕ نأوِم وُٹھ۔ پرٕژھمکھ ''کِتھٕ کُنٛ''
''یَے سیٚو دچھُ حِساب

سیٚدِ سیٚو د
زُتہٕ زٕ ییٚلہِ مِلہٕ ووکھ
تِم کُتو گٔیے؟''
گٔیہِ ژور لگَے
گٔیہِ نا؟ سیٚدِ سیٚو د۔

مےٚ تہٕ باسوٚ پوٚز

"زٕ تہٕ زٕ گیہٕ ژور"

تنہٕ ووت وُچھان

مےٚ تہٕ ووت وُچھان

زانٛہہ گونہٕ سُہ ژور

کتہٕ کأتیاہ پھِرِ تھُر گری ہَس نٔوی

مےٚ تہٕ ووت وُچھان

زانٛہہ گونہٕ سُہ ژور

گوڑٕ زٕ تہٕ زٕ

بیٚون بیٚون

پتہٕ گُن زوٚن

سُے اڑٕ ژوٹ زٕ ے

بوٚزِو "اَکھ" ہیٚو

کینٛہہ کالا "اَکھ"

پتہٕ تہِ اَپزٕ ے

أُخر ڈیوٚ ٹھُم سورُے صِفرٕ ے

اَکھ گول صِفر

گاہ شروکان تہٕ گاہے واش کڈان

شاہہٕ کھسہٕ وَس ہِش

اِنٛہہ۔اِنٛہہ۔اِنٛہہ۔اِنٛہہ

اَتھ کیاہ ساٰ گو؟

کینٛہہ گوس نہٕ کینٛہہ

میۍ سیوٚد چھُ حِساب

زٕ تہٕ زٕ اوسا؟

اَدِ سُہ تہِ گوٚشُنۍ

زٕ تہٕ زٕ تہِ گوٚشُنۍ

(کاشُر شیرازٕ، جلد۱۰، شُمارٕ ۱)



## زِتنہٕ

بالُک بالُک
وَقتا اَڈٕ کۆل بختاوار
سازَس کھاَرِتھ وُر کھُر نار
نارو نار
وپر بن ٹنگ پیٚنے
پھرٕ ستَس سۆت گو وۄدسمسأری
ہۆپ ہۆپ پَھف پَھف اَسہِ کھیٚنیہِ گاَری
أسی گُیہِ چاَری
وَل گَتہٕ شَل گَتہٕ
ژألِتھ کھاَلِتھ ہیٚتی گو شام
کوہہٕ پوٚتلو چیٚنے اۄبرٕ کی جام
ڈٕدی اہرام
آرٕ پَلَس لۆگ
ٹھۄنگرٕ وَتہٕ ستی گُمہٕ شرٕان
پَنہٕ پَنہٕ گُیہِ زَن پَن آبہٕ سان
یلِ ترٕ ہہ ران

ریٚہہ تیزٕ ے یہِ
پھٔٹِتھ دژ ایَس زیو تژ لیش ہا تژ لیش
یوٚت یِتھ یوٚ ژھ تیُتھ آو پیش
شش من ریٚش
یارِ گٕہُل اَکھ
جَنٛگل جَنٛگل رنٛگ آمیز
اَشد اَشد گٹھ کأژاہ تیز
کھور پالیز
ٹیوٚک تاپک کھوٚت
لَبہِ وٕ ژھ تھَرِ کی گٹہِ سَزٕ وأز
وٕہی پنٛجرس مَنٛز زَن لوٚگ پأز
اَسہِ گو کأز
ترَپچہِ ترَپچہِ
گُری پَڈرَس تَل گومَس وال
ڈٲل آے بٕری بٕری مالا مال
لَب تَس نیال



# ہُمہِ بٹھِ کیٖن گُن

ٹھٔہرِو توٚہی

وُتاولی مَہ کٔرِو

ہے ہُمہِ بٹھِ کیو

ہے اَنزانو۔ ہے بےزانو

ٹھٔہرِو۔ پڑأرِو

دَم دِتھ تٔری تو

پیٚژاہ چھُو کیاہ توہہِ وُتاولی

ییٚتہِ کیاہ چھُو تھامہِ گوٚمُت

گتھ پیٹھ چھُو بےصبری

وُنہِ کالہِ اوٚبرُ گُنہِ گُنہِ چھُ ٹبس زَن نال ؤلِتھ

وُنہِ کوہ چھِہ اَنٛدِ وَنٛدِ درِیٹھ یِوان

نیٚہہ دژاو چھُ وَتہِ وَتہِ ترِٛ دِنان

وُنہِ واو چھُ ژھایَن أنٛدی أنٛدی پھیران

پٔدر مینان

شیطان بنان

وُنہِ شبنم قطرن تا پٔک ڈر

وُنہِ کارِہ پتنن یِیٚتہِ بارہ تان

وُنہِ پمپوشن ژھرِ ژھرِ وِتھ

اَڈٕ اَڈٕ چھِ کڈان

وُنہِ رنگ چھُ گولابن اَنگ ہبنہٕ بڑ وٚنہہ

سنگسار گوٚھان

اکہٕ تڑ وجہِ گاٹتی اَچھ پوش چھُ وَچھِ تلہٕ تھرِ راوان

وُنہِ عشقس یِیٚتہِ گز گتی کران

حُسنَس تولان سونہٕ تارِ پٹھ

وُنہِ شوق چھُ راوان سیکہِ لبن منز

وُنہِ راٗمنز کرشنٕنی دِژے گری گری

بھگوان بُدس ہکہِ شرٕ اک گنڈان

وُنہِ مَسجِد منز ژوٚیہٕ اَبہٕ ساوان

پزٕرس ٹکھ دِتھ اَپزِس سگہٕ وان
کتھِ کتھِ پٹھ ژٕکھ چھُ لگان یِیٚتہٕ اکثر شیٚچھارس
نہٕ چھُ تاپھ زُوان
نہٕ چھُ سونٛت یِوان
نہٕ چھُ پوٗنۍ وُزان
یُتھ دِل پھولِہ ہے
ٹھہٕرِ وٹھہٕرِ و۔ تم ہتھ ترٕۍ تَو
دیٖوٕ وِز ڈٲلِہ ژٲلِہ یِیٚتہٕ بوم نَبس
دیٖوٕ شولِہ ڈٲلس مَنٛز شانٛت ہوا
وَن وِگنن دیٖوٕ ژٲلِہ دود ہٕٹس
دیٖوٕ بالہٕ تھونٛگن کھسہِ یِیٚہٕ وو شلُن
مَتہٕ کرٕۍ تَو پیٛڑاہ وُتاولی
مَتہٕ اۍ تَو فوجِکۍ فوج ترٕتھ
توہہ یُن چھُ...... پیو
یِیلہِ پیٚہٕ تافاہ

ییٚلہِ ییہِ سوٗنتاہ

ییٚلہِ پھولہِ صُجاہ

نتۂ بہ تہِ آیوٗس

کتہِ کتھن ستی ییٚتہِ بہ تہِ زایوٗس

گُس لنٛدنک لاس چھُ اَسہِ لۆبمُت

یُس توٗہۍ تہِ لٔبو

دودِ پڑاژَن پیٚیہِ توہہِ نار زٕہُن

تھَنہٕ وُٹھ نیٚ لگہِ توہہِ ویٚہہ وِہہ وُن

ٹھٔہرِو۔ مأزِتو میٛوٗنے

مَتہٕ گٔری توٗ وُتاولی

ہے ہُمہِ بَٹھ کبو

لوکٹو آمو دودِ موصوٗمَو

ٹھٔہرِو

ییٚنہٕ وُنہِ توٗہۍ یورتٔرِو



# ژورَوَق : ژور افسانہٕ

## (۱) صُبح

وُنی توٗتتھ مَژٕر ڈَبہِ تَل وٕگنیوٕ
اَکھ مێوٗٹھ ٹٕرٛو میٹھیوٗو، مٕدریوٚو
واوَن صُبحٕکی ٹھَہرِو قدم
نغمس لوٚگ آے، وُزیوٚو سرگم

ٹِٹ ٹِٹ ٹِٹ، دُب دُب دُبرارے
شی...... تارُکھ پیوٚو، چُھچھی، پِچہِ رارَے
بے وایہِ ہوا ژٕول، گِت شبنٕمی
پھنٕبہِ توٚنب پوٚک کِنہٕ پچ ژھاے پشمی
اکھ لحظٕہ اگر وَق دِیہِ ہے تھَگھ
وُنہِ وُزِ ہے ڈَبہِ تَل مێوٗٹھ ٹِرِو

## (۲) منٛدیٚن

تاہ وَتھرٲوی تاپَن زربافکی
تھرِنگھٕ اکہِ ترٛوجہِ گوزال روپٕلی
زالس منٛز باگ ٹھگ بیٛوٗٹھ دُہٕلی
چھِٹہِ پوشرٕی وَنہِ کٲڈی ٹیٚکی تاپکی

ژھینپہٕ ژھرِ بِگنڈُن کھاًرن کھاًرِن رنگہٕ چھکی
پیٛنز پیرٕ نی ہُتہٕ یوٚت، زالس جُت
اکھ ووڈھ، اکھ دَو، پھرٛ ٹہٕ تَم، اکھ گیُت
رنگ ژھیٛتہٕ گےٚ، لگی چکہٕ چاوس ہکی
اکھ لحظہٕ اگر وَق دِیہٕ ہے تھکھ
وُنہِ نوٚہَن پھولہٕ ہَن باغس رنگ

(۳) دِگر

ءگس ءگس ءگس ءگس ءگس ءگس ءگس، یوٚ مبر
وَتہِ ڈۏلمُت، پھلواہ، وَنہٕ راوُل
معصوٗمہٕ چھےٚ کھرٕ مرٕ حُسنَس تھر
وِز ڈٔ جرٕ عشقس، گومُت بُل
اَٹہٕ سارِ چھےٚ لُجمرٕ، تھُچمرٕ وُپھ
پچ پچ، آمین توٚشن کیُت وَے
ہوٚہَس گوشوٗ، یوٚ مبرس گیٔہِ زِپھ
باغس گوژس، سازس لچ کھٔے
اکھ لحظہٕ اگر وَق دِیہٕ ہے تھکھ
وُنہِ ءگس ءگس برِ ہے واوَس مُر

## (۴) شام

کڈ ہرِیَن ٹِکھ، گو ژھایَن مئُل
پھُٹ گاشس تیٚہہ، ہیٚوت پڑ وِلوٚب لوٚب
رنگ بُگہٕ آوٹوٚ ربن، ہونچہِ گوس روٗب
شُری کھیٚنج پٔچ زَن پوٚک وُترٕ بُنئُل

تھَپھ ٹوٚرِس اُلج تھرِ پٔژنگھ دِل
رنگہٕ تارٕ ژِلوٚت گوشہَہ، ژُو گوٚب
اُلج سوٗنزلہِ لتھ، دژاس بیٚیہٕ ہَن کوٚب
وَتہِ پیٚٹھ رَتہٕ گُت پیٚوٚ واڈٕ پھوٚٹ گُل

اکھ لحظہٕ اگر وَق دِیہِ ہے تھَگھ
میٚژہٕ ستیٚ ما گژھِ ہے سو پنَس مئُل



# دِیوٕ نظر آز

یَپاٲری ترٕ اَوِوژٕ وپاٲری نظر اہ
چھُنا یہِ باسان وُنل چھےٚ باقےٕ
چھُ تاپہِ ٹیوٚک کانٛہہ اگر سلامَتھ
تَمِس چھُ پَتہٕ پَتہٕ دَوان دٕہہ زَن
سبٹھاہ چھےٚ پھوٚجرٕ اکائلی پھٔلیاہ
سبٹھاہ چھِ پھیران مُشکہٕ اَدفَر
سبٹھاہ چھِ رَنٛگ پوٚز منٛڈٕ چھی منٛڈٕ چھی زَن
سبٹھاہ تراوَتھ چھےٚ سوٗنتہٕ ہَوہَس
سبٹھاہ چھِ رٔنٛگین خیال ووتلان
مگر وُنل کیٚازِ ڈِپھرِ کُری کُری؟
شرافَتس کیٚازِ ٹھاک لوٚگُھ؟
حقیقَتس کیٚازِ تاٲری برٕعمٕن؟

وُنے چھِ ہاوان بُڈتھ تہٕ بوٗلتھ
ژوپاٲری گاندھی تہٕ نہروٗنی درٕے
پَزر کھَسان تیٚلہِ چھُ دارس؟
شوٗزَر سبز رکونہٕ گُنہِ شُمارس؟

# اَز بڈِ دوہہ
## (۳ نثری نظمہٕ)

(۱)

ہے خواباوٕ چھ
تیُتھ زَن یُتھ وُنہٕ چھُم أچھ نِے تَل
زَن یوٚ ے اوُسس
یا میےٚ ہیُوٚ کانٛہہ!
أنِ کوٗٹھرِ منٛز پیُوٚمُت فِکرَن منٛز گیر گوٚمُت
کتر بوٚ ستیٚ کرتجلین آب بَران
أتھی منٛز گوٚ ٹھک ٹھک درواز س
ہکہٕ مُژٕ رُم بَر
اَسہٕ وُنہٕ ہونٛجہٕ تھَلہٕ تھَلہٕ اوس وُچھان
میےٚ کُن کُستام
پرٛژ ژھنٛم ژٕ ے چھُکھہٕ ییمہٕ شہرُک بسکین
ناأدمِ چھُکھہٕ؟
گَلہٕ ستیٚ کوٚ رمَس آنٛکار۔ گییم زَن اَقلہٕ بَقل

تمۍ پلہٕ وِم زٕ ٹھ بَرا تھا۔ بَتہٕ چُنڈرۍ ہش
سۆنۍ اَچھر ومیأنس ناوس تل سیٚود
اُس بجرِ طوبلاہ، وَنہٕ کوتاہ؟
رنگہٕ بۆنگلاہ، پلو پوشاکاہ "رُت کھسن چمن"
زَن گُر گۆنڈ ناوےٚ لیکھتھ اُسی
جَل جَل تھاوِم ےٚ چُنڈرۍ بغلَس
ووٚٹھ ہش ےٚ کڈِم بیدار گُرِتھ
زَن رووُس ہیٚو
بغلَس سوزِم تَتہٕ اوس اَکھ چھوٚت کاکد
اَتھ خوابَس وۆنۍ تَو مانےٚ کانہہ؟
وُ چھ کیٚاہ لوگُتھ دَل واتُن ٹگو
اَز بَڈِ دوہہٕ پَزِ کانہہ بَدَل گَتھا

(۲)

بۆڈ دوہ چھُ مُبارکھ پۆز
بہٕ تہٕ وَنہٕ ہاےٚ تہٕ کیٚاہ وُ چھ!!
ےٚ تہٕ وُ چھ روتلہٕ اَکھ عجب سٔپُن
دوہ لۆسن ہیٚو اوس

زنتہٕ یہٕ اوٗسس باغس منٛز
ییٚتہٕ گنہِ گنہِ اوس کانٛہہ گل پھۄلمُت
نتہٕ ساریٖ، رٕ ے گاٮ۪متیٖ ہۄ کھمتیٖ
کیٚنٛہہ گچھِ گُلی، گنٛڈی دوٚپھ، سو یہِ زنٛڈ ہیٚو
اَنٛدٕ وَنٛد زَن ہَر دُک زٔزٕر
گُلبن لبلہٕ ؤٕتر گران
اَکھ مُدتھا گووٚنی رٕوٕدپہنٛس
زانٛہہ ییٚلہِ پۄک اوٚبرُک زاٮ۪پانا
رُدٕ مہرٕتنی ہیتھ ژوٚل بالو پیٹھی
یِی سوٗنچان اوٗسس اٮ۪تھی منٛز زَن نَب گو برووٗن
گوڑٕ وُزملہٕ گیہِ، پَتہٕ گگراىاہ!!
ترٕ ترٕ ترٕ ترٕ رُدٕ راٹھ اٮ۪نن
ہامیانہِ خدایا۔ تاٮ۪جب ہا!
وۄٹھ رٕوٕدتہٕ وۄٹھ وۄٹھ ڈوٚٹھ تہٕ گوٚبٕ گوٚبٕ شیٖنکی تھۄسی
اَسمانہٕ وَسان، منٛزی غاٮ۪ب گژھان
یِم زَن رٕٹی پَشہِ ہیٚو رہیٚو رگی تام؟
پِتھرِس پیٹھ چھُنہٕ اَکھ قطرٕ پیوان
یِم گچھِ گُلی وِہی یِم ہۄ کھیٚمتیٖ دوٚپھ

مَرِ نیٚنٛدرِ یہِ گوٚس بیدار
خدایَس شُکُر کوٚرُم
اَتھ سوٚپہ نَس وُنی تَو مانے کیٛاہ؟
سوٚپہ نَس گَس سَنہِ ٹُل بَدل گَتھا
اَز بَڑِ دوہہٕ پزٕ کاثہہ زَبَر گَتھا

(۳)

اَڈِ ساَ ووٚنی بہٕ زِوٕ مےٚ تہِ کیٛاہ وُ چھ!!
اَتھ میٛانِس خوابَس
راش چھےٚ باسان بَڑِ دوہہٕ چی!!
بہِ ہَساَ اوسُس اخبار پَران
تہٕ اُتھی منٛزٕ شاید ٹاَری گو بےیم
خبرِ ے چھمنہٕ مےٚ گَرِ باَ گی گاَمرٕ اُچھ پیٚٹھ اُچھ
بُتھ باسے یَم اَکھ زٕ پٹھ سَرٕ ک
بُتھِ ووپھر پمرٕ، پھٹہٕ مرٕ، تھوسہِ آمرٕ، چھٕنمی گمرٕ
سوٚنچم زٕوا اَتھ وَتہِ پیٚٹھ ہیکہٕ کھٕ پکِتھ؟
پینہٕ دَب ژے لگی۔ پینہٕ بُتھ ژےٚ پھُٹی
پَتھ نیرُن اوس نہٕ مُمکِن ووٚنی گَرِ کیٛاہ؟

يِی سوٚنچان ڈیوٚڈھُم ہنگہٕ منگہٕ زَن ووتلیٖو گُس تام
پھیکہِ پیٹھی آ کاشَس اَکھ کھڈرٕ پٹا

پوٚت چالہِ یوٚہے باسان اوس، زَن اوس گاندھی جی
پَتہٕ پتہٕ اَسِس کینٛہہ لوٚکھ دَوان
رنگہٕ چھکُی لایان
اُڈی جاٗفری، نیٖلی، ووزٕلی رنگہٕ رنگہٕ، رنگہٕ چھکُی لایان
ڈَبہٕ ہاٗرگرکھٕ تَس چھٹہِ ژادَر
کرٛبکہٕ نادکوٚرُکھ

اٗہی وَنہٕ وا اَتھ کِنہٕ ووہہٕ وو
يِی سوٚنچان آس کاٗپتھ بہٕ وٗتھتھ
کھوَرس پیٹھ ما اوس کھورے گوٚمُت
اَتھ وٗنی تَو اَتھ سوپہٕ نَس وَنہٕ کیٛاہ؟
ہے سوپَنس کیٛاہ پہِ چھےٚ اَکھ مایا
اَزبڈِ دوہہٕ پزٕ کاٗنہہ بَدل گَتھا



# حِکایت

تیٚلہِ لوکچارَے دپٕوی آنگنٕہ سُلہِ وِلہِ سون سمٕہ کھونٕہ ییے
جاناوارَن ہٕنٛزٕ گَتھٕ بۄزِتھ شُری لازِ سون وولہِ سونٕہ ییے

چون آسُن لوتہِ مُشکنٕز اَمبر، چون وُسن رنٛگہٕ دٕلنٕہ ییے
مۍون ژٕے وُچھ وُچھ مَنٛد چھُن بڑٕنٛزِ پَتھ بڑٕنٛزِ ووشہِ لونٕہ ییے

چأنی پأٹھی ژٕے تھَلہِ تھَلہِ ڈٕپِتھ یاد کٔرِتھ مٔشرونٕہ ییے
مۍون سٕہ بادم پوٚش ژٕے پلۄن چون اَزأنٛی پٕچھٕ نۄنٕہ ییے

اَکہِ دوہہٕ اِشہٕ بٔر شٔران کٔرِتھ ژٕے پۄزلہِ مۍون پڑارونٕہ ییے
لُکہٕ اَرساتٕس مَنٛز ژون طَرفَن وٕنٛی دی دی ناو ہیٚونٕہ ییے

شُری کھیٚچہِ مَنٛز چون وَنہِ یُن اٚخر پَنٕہ پوٚشرُ وُپھ وونٕہ ییے
دوکھ مۍون باوُن چون سنٛبہٕ لاوُن یارلنٕہ ورتاوونٕہ ییے

گنگہٕ بلہٕ رنگہٕ رنگہٕ اۆ برس پڑژھی پڑژھی پےٚ چون ئنہِ راوونہٕ ییے
سَنگرن أنڈی أنڈی زُوژےٚ وٕنڈی وٕنڈی ٹھیکانہٕ چون ژھاروونہٕ ییے

تَمہِ دوہہٕ شیشے ناگس بُٲٹھی بُٲٹھی ہَنگہٕ مَنگہٕ چون سمکھونہٕ ییے
وُزملہِ گاشَس لوتہِ لوتہِ لولُک سیر پٔنُن باوونہٕ ییے

مہادِو بالَس رُدٕ شرٛانئن مَنٛز گن دأرِتھ پرٛارونہٕ ییے
گگرایَن نکھٕ دۄنیاہ زألِتھ پان پٔنُن پرٛکھٹونہٕ ییے

لوَسن وَقتَس ووٚنی گۄ رۄٹھُکھ مُشرووُتھ وبہٕ تونہٕ ییے
کھوژن دیو چھُکھ پَتہٕ مالارَےٚ اَدٕ پھُٹ دیٚہہ ہٲتھ پرونہٕ ییے



# نُنٛدٕ ریٛشِس بوگ

(۱)

گٔنڈی ہیتھ پھیٚوٗرُس ہکما ہکما
باژٕ ری پرٕژھ ہم جِنٔس باو
داغ ڈبکَس چھُم پوشِک تمنا
لُکھچِن ڈیٚشتھ کوٚرہَم ناو
تیٚلہِ تہِ وُچھان اُسی ناوار ذاتھا
اَز تہِ پرٕژھان تی کُس کتہِ زاو

(۲)

باغَس مَنٛز باگ سٔسرا گُن زوٗن
پانہٕ ژمیٚو اَسہِ ژاویٚون تاپھ
تمی گٔر پلہٕ وَن اَسمانَس گُن
اَسہِ ژوو سبزارَس پیٹھ ڈاپھ
اَسہِ پھِر پانےٚ تھَر پانَس گُن
راہ گُس؟ یہِ چھُ اَسہِ اَزلَس شاپھ

(۳)

خرٕ وإٔلس روو خرٕ سُنٛد کھرٕ کھرٕ
گرٕ وإٔلس ژاو برٕ ییٚنہٕ وول
یَس نہٕ کہینٛژ تَس کیٛنٛہہ ہ نکی ارٕ سَرٕ
یَس پرٛتھ کیٛنٛہہ تَس کیٛنٛہہ نٛک ہول
زانہٕ یہٕ کاہ کاہ پلٕ ویٚجہٕ بڑاریٛگ
کُمی ہیوٚک کُس تھوٚک کُمی کیاہ ژول

(۴)

یارٕ گُلبوٕ مٛنزی واوٕ رِنٛگا پیٛچ
مأداأنی مأداأنی وۄتھ طوٗفانٕ
ژٕرِ تُج تلِی ما پیرٛشا تمہٕ ہیٛچ
کاوَس بڑاربو مَنہٕ شیطان
تُمی ہیٛژ کتھ کُچھی تُمی ہٕنی کتھٕ کُچھی
گتھ چھنہٕ ازتام اَنٛد واتان

(۵)

ہاریٚشہٕ، سانہٕ ضٔمیرٕ کہِ آگرٕ
اَسہٕ نا کر، ساأنی ووٛنٛدٕ کھوکھٕ لاو
زُوٕ نکی ارٕ سَرٕ مرٕ ہٕنکی الہٕ زرٕ
یمہٕ سارییٚ ٹھرٕی اَسہٕ موکلاو

# مےٚ چھُ یاد......

## سجاؔد ظہیرَس نذرانہٕ

دِلہِ جِگرٕکی چھائوِتھ لأوی تیوٗ ڈنگل
شہَہ قلمکی تأوِتھ لأوی تیوٗ ڈنگل
مَنہٕ مَنقلہِ بأوِتھ لأوی تیوٗ ڈنگل
ژیےٚ گوڈٕ اَسہِ ہأوِتھ لأوی تیوٗ ڈنگل
گوشورٕقلَم ایجاددۄ ہے
مےٚ چھُ یادمےٚ روزبم یاددۄ ہے

ترِژسیکہِ وَتہِ پیٚٹھی پوٚک قافلہٕ سون
دۄ دژونگ تہٕ وَنہِ آو منٛزِل سون
جَل یولنہِ لوٚگ اکہٕ ہوٚت دِل سون
قلمچ سوعبارتھ حاصِل سون
سُے نعرٕ چھُ زِندٕ آباددۄ ہے
مےٚ چھُ یادمےٚ روزبم یاددۄ ہے

اَسہِ تمہٕر لبَے یہِ ییٚتہِ پانَس مَنٛز
اَسہِ ویٚہہ تیلیٚو وزُو جانَس مَنٛز
سانٛی آلو پکِہ اَنزانَس مَنٛز
ژِتہِ فیضؔ پکِو زنٛدانَس مَنٛز
زبہِ لولُک کبتھٕ آزاد دۄہے
نےٚ چھُ یاد مےٚ روزِہم یاد دۄہے

اَمنٛچہِ وَتہِ پژ ووُتھ لولہٕ سَفر
کھُلہٕ ڈُلہٕ اَز موٗوُتھ لولہٕ سَفر
پکِہ پکِہ اَسہِ ہووُتھ لولہٕ سَفر
آخر پژ زلووُتھ لولہٕ سَفر
اَز پۄرٕ کوٚ رُتھ سُے وادٕ دۄہے
نےٚ چھُ یاد مےٚ روزِہم یاد دۄہے



# قطعہ تأریخ

پھُلیہِ مُژ باغ گُن دڑاے عزیز
أسی دِیان روز اسہِ ژھاے عزیز
باگہِ وان ماجہ، بُترأژ ہِشز کوٗر
چھٔترِ بوٗنی زایہِ گرٛپسی باے عزیز
ناوِ بوٚڈ زأژ تھوٚد، کونسر ناگ
پھاپُھلاو تیٚمی پننہِ ترٛایہِ عزیز
ڈوٗری سگواں داش کلبن سرٛ بھواں
وأنسہِ چٔج ویشوِ ہِشدِ آیہِ عزیز
تیٚلہِ دِژون مایہِ ہوٚت تِمن پھٔہہ پوٗر
از عزیزن یژھان آے عزیز
کأملنی مأج أکِس میٛأنی مأج
سونٛہری نکھِ روٗز ہم سایہِ عزیز

(۱۹۸۹ء)

---

نوٹ: یہِ تأریخ وفات چھُ نأدِم صأبن امین کاملنہِ ماجہِ یٚمِس ''عزیز دید'' ناو اوس۔ پتی مِس شارس منٛز چھےٚ نأدِم صأبن سونہری لفظ اِستعمال کرِتھ پننہِ ماجہِ یٚمِس ''سوندر مال'' ناو اوس۔ نأدِم صأب چھِ تس سونہری ناو اوسمُت ونان۔ یہِ چھُ چھپیوٚمُت ''نیب'' رِسالس منٛز یٚمیُک مُدیر امین کأمِل اوس۔

# نظم

ۂ دۍ ءمتۍ کھاہ۔ ہۆ کھۍءمتۍ کھل آسن
بے کار گرن منز ہل آسن
بے تاب اگر وُزءمل آسن
پھل ۂ ڈۍ ۂ ڈۍ انبارَن روزۍا
چھنن منز ٹۆربن ریۍ اُلجءمژ
پوشو کنہِ باغس سوے پھوءجمژ
واو ہرونہِ تیٚلہِ آسہِ ہی گجءمژ
تیٚلہِ یادن گُلزارن روزۍا



نوٹ: سومناتھ زُتشی یَن چھُ ناَدِم نمبر شیرازِ منز لیٚو کھمُت زِ یہِ نظم چھےٚ ناَدِم صابن دسمبر 1947ءِ کین اُخری دوہَن منز نیشنل کلچرل فرنٹ کہِ طرفہِ نُمائیشی منز اَکس بڈس اجتماعس منز پرمٕژ۔ اتھ منز اوس تمہِ وقتہِ غلام احمد مہجور تہِ موجوٗد۔

# غزل

دِلُک داغاہ، اَماراہ، لالہٕ زارَس تام واتُن گوٚژھ
چھُ پَنہٕ نُے زاٗنی کاراہ، زاٗنی کارَس تام واتُن گوٚژھ

ژٕنے تھووُتھ نظرِ ہُنٛد مَس پیالہٕ پَنہٕ نُے پَنہٕ نٔین نِہ تامَتھ
مےٚ تام نٔے واتہِ ہے میأنِس اَمارَس تام واتُن گوٚژھ

یہِ یاوُن میوٗن نوٚن دزاو پینٛجہِ پھٹنَے شپنہٕ تلہٕ بامَن
ژٕنےَ پَنہٕ نی نظر گرٕہَس بہارَس تام واتُن گوٚژھ

صُبحَن ییلہِ شبنمن سیماب بأگر یاد پیو گَس تام
یہِ ماتَس داغدارَس، بے قرارِس تام واتُن گوٚژھ

جوٚنوٗنَنِ ژھاٗر پانےٚ زِیٹھ وَتھ مُستی رٕچھِس شوٗقَن
ہوٚس تنٛبلیٚو دیاں وٗلی وٗلی خُمارَس تام واتُن گوٚژھ

اَبر سونٛتُک وُچھو! باغَس دَپان گاٗرِم مےٚ ییٚمبرزَل
سوگَس تام اِنتظارَس، نوٚبہارَس تام واتُن گوٚژھ

خبَر تُمی اوس دوٗہمُت اَز پگاہ تام واتہِ وَقتَس پیٹھ
یوتھوٚ ہا تیہہ رٕچھِتھ یتھ لوکہٕ چارَس تام واتُن گوٚژھ

(۱۹۵۶ء)



# غزل

ژیےٚ ترٛ اُوِتھ گَتھ گرٕنی ، میٚتہٕ گتھ گرٕنی ترٛ اُوی
زَبَر گو ووٕنی ہُما گویا شُما گو
ہَواواہ، سوٚنت کالاہ، پوشہٕ ترٛاہ
اَما گُمہٕ ہوٚت یہٕ شبنم کوٚت سَنا گو؟
یہٕ ما از لول ہیٚہ سَن دِنہٕ چھُ درامُت؟
دِلَس اَنٛدی پکھٕر میےٚ پگہٕ ٹُک ہیٚوٗ صدا گو
سو دژایا کینٛہہ پزٛ ژھِتھ خوش بوے ژھارُس
خَبر تَس واو ڈیشتھ کیٛاہ ہوا گو
اَتُر ما گوٚے ژیےٚ کانٛہہ پزٛیارِ شوقو؟
اَنٛدٕری رٕنٛز شیشہٕ پھُٹہٕ ٹُک ہیٚوٗ صدا گو
مُدَے گُنٛڈی وُچھان ژیےٚ گُن چھُ عالَم
میےٚ گُن زَن ژیٚتہٕ وُچھتھ، ووٕنی گُس گوناہ گو
بےٚ پزٛھ ناٗدِم خَبر گَتھ عالمَس مَنٛز
گرٕھن اوُسس خَبر کوٚت وُچھتہٕ ما گو؟

(۱۹۵۶ء)



# غزل

یُمٕی وُچھ تمٕی وُچھ رَنگ گُلِ لاَلس
کٔمی وُچھ تہنٛدِس حالَس کُن
صُبحچہِ پڑٕوٕ گرٛدھِ اَتھٕ شَر شاید
اَتھ نیٛوٗن ٹوٗربن ناَلس کُن
سوٗنتہٕ سُلی گَتھ پوٗشن ژھانٛڈو؟
گاٗمتی آسَن سالَس کُن!
سانیٚ کتھٕ گرِ دٔسوٕ گلہٕ والَن
پیاَلن أچھ پھرِ پیالَس کُن
شامچہِ ژھایہِ تہٕ وُزمَلہٕ کوٗنکل
دِل پوٚک، اَڈٕ ژوٗٹ زالَس کُن
ساٗری پھیران پاٹھلی گوٗشن!
ناٗدِم تھَر دِتھ بالَس کُن!

(۱۹۵۸ء)



# نوِ طرزُک غزل

راتھ محرم اِضطِرابَس — اۆپ چھُ شبنَم کیاہ وَنے
تارگو گوڈ دیٖت شرابَس — چشمِ پُرنَم کیاہ وَنے
روے ووشلئیومُت گولابَس — نارِ جَم جَم کیاہ وَنے
حُسن ووگنیومُت شبابَس — عشق سَرخَم کیاہ وَنے
حَبہٕ خۆتَن وڑایہِ آبَس — پادشاہَم کیاہ وَنے
زۆن چشمن آفتابَس — لول گو غم کیاہ وَنے
اۆبرٕ وُزملہِ ستیٖ خابَس — زُلفِ برہَم کیاہ وَنے
دأر اَڈ وٕژھ گیہِ نِقابَس — کوُگلن خَم کیاہ وَنے
ئلج ییٚنبرٕ زَل دَر عذابَس — گس امیٚک غَم کیاہ وَنے
تار ژھیٚنی شاید ربابَس — کُکلہِ گو زَم کیاہ وَنے
پیٚر وٕتھر ژھیٚنی گولابَس — نظرِ آدَم کیاہ وَنے
نادِمَن خُم کھور آبَس — چمن یہِ گَم گَم کیاہ وَنے
ئو چھیٚیہ تیٚمہ أزی کس شرابَس — شولہِ عالَم کیاہ وَنے
چشمہٕ چھے پرٛاران جوابَس — لأوی بادَم کیاہ وَنے

(۱۹۵۹)



# غزل

مہ تھاو کھٔڈکھٔڈ ژٕ جام ساقی ژیٖۓ ٔستی چھُ واراہ حِساب باقی
میٖہ خونِ دِلِ اَز سبٹھاہ چھُ چون کیٛتھ ژٕ رَچھ پگاہ کیٛتھ شراب باقی

گوٚمُت گُلاٮ۪ن أچھن چھُ پچہٕ پھٕیُر تہٕ سوٚنبلن پأری زان ڈٕجہٕ
چھنا غنیمت چھٔنی یمٕزل تیٖمِس أچھن وُنہٕ چھُ آب باقی

یوٚتام میٖہ جِگرس الاو قائیم یوٚتام میٖہ چشمن جلاو قائیم
توٚتام میٖہ آبَس اثر شرابک توٚتاں ژیٖۓ رویَس گلاب باقی

ژٕ ییٖلہِ تیٖلی یِکھ بہٕ پوٚش لاگے بہَ آلہٕ وَے پوٚشہِ نۆلہٕ ٔسنٛز لے
یہٕ سوٚنت ووٚنی گوٚژھ نہٕ زانہہ تہِ سوٗرن میٖہ خابِ ماروزِ خاب باقی

خبر ژیٖۓ ما یاد چھےٚ سُہ دوہ ییٖلہِ میٖہ یاد پیوٚ ہم سوال کوٚرمَے
أچھو وٕنیوٚتھَم ژیٖۓ حال واراہ وُٹھو تھویوٚتھَم جواب باقی

ژیٖۓ چھے کٔنٕ کن ! نقد دِمَے زُو تہِ جان دِل یا جِگر ژٕ مَنگہٕ ہم
مَہ وُچھ ژٕ میانٮ۪ن چھنٛین اَتھن کُن مَہ تھَو پگاہ پیٹھ حِساب باقی

یہٕ لولہٕ زیٖٹھِ وَتھ قیامت نہَ تَم ہیٖنٛس دم دِنٛس نہٕ موہلت
قدم قدم اِنقلاب جِگرس نظر نظر اضطراب باقی

گُلالہٕ رنٛگ نأدمَس چھُ شارَن گولابہٕ چی بوٚے تَس خیالَن
تھٔکِتھ ژھیٖنٛتھ تَس اِرادٕنۍ وُچھ چھُ یاوٕنک آب و تاب باقی

(۱۹۶۰-۶۱ء)

# غزل

یہِ یأرِ سندی مے امأری کوٚرنَم اگر تہِ میٲون لولہٕ نار کرِ ہے
نہٕ حُسن زُوِ نہٕ تاپھ کرِ ہے نہٕ عشقہٕ یاوُن نِثار کرِ ہے
بُجر قدم تھاوِ ہے پٔتن پتھ تہٕ یاونس ییٚہٕ گولاب پھولہٕ ہَن
یہِ شوق چوٗنے بہار بَنہٕ ہے ہَنا اگر زن قرار کرِ ہے
دِلَس چھوکن آم اَنگ کاٗتیاہ جِگر ژٕٹتھ پھٔلی میٚہ رَنگ کاٗتیاہ
ژٕ گرٛھتہٕ لوٚت لوٚت قراره میٲنے! بہار انتن شُمار کرِ ہے
انأری رنگ ہتھ گُلالہٕ ووشلیو ژٕ ونتہٕ لگہِ ہے سُہ کوٚت پامن
اگر یہِ کانٛہہ دِلفگار کرِ ہے اگر یہِ کانٛہہ داغدار کرِ ہے
رگن رگن سرٛ یٚہہ رُمن رُمن تیٚہہ رٕسِل نظر ہتھ حسین یمبٔرزل
یہِ میٲون شوٚد بوٚد بچور بوٚمبُر کرے تہٕ کوتاہ نکار کرِ ہے
بہٕ ہاوِ ہا نار تازٕ خوٚنس بہٕ پیٚین دِمہٕ ہاوِس جوٚنس
یہِ چون ہاوِس اگر نہٕ تھکہِ ہے تہٕ قاٛفِلس اعتبار کرِ ہے
تیمبرِ وُہان شوٗقچی چھہٕ پیہم گہے چھہِ زوتان گہے گرٛھان کم
ژٕ وَنتہٕ لوُلس قرار کرِ ہے بہار ییہٕ انتظار کرِ ہے
گُجر کلاَمس بتھِس تہٕ ووشلُن، نظر تہٕ رُسوا، حیاتِ نادِم
یہِ لول کوٚت تام کھٹہِ ہے سبٹھاہ تہٕ زَن گاٹہٕ جار کرِ ہے
(۱۹۶۱-۶۰ء)

# غزل

چۆو سُقراطَن چۆو اَکھ جام
تَنہٕ چۆو اَسہِ بۆڈ ڈل اَزتام

پِنہٕ سأ دِل دِتھ ہارَکھ دِل
پِنہٕ سأ جِگرس تھاوَکھ پام

نَتہٕ ژٕ تہِ وُچھہَکھ تٔمی سُند شوق
وُنہِ چھُنہٕ چھانَس پانَس تام

لَوِ أس اَزلےَ پژٕ وِ ہٕنٛز ماے
اَسہِ گٔے أشی پھیرِ ئلی بَدنام

اَسہِ گیہِ اَزتام صٕبحکی بژٲنٛتی
یۆت تام نَگھٕ ووت مَنٛدٕنین شام

دُب، دُب، دُب، دُب، تلواس
کیوٚہہٕ دِلہٕ گُنہِ وِزِ پَزِ آرام

ژٕیتہِ چھےَ وُچھٕنٛژ پوشِرِ گتھ
مێہ تہِ ویۆد چھُم شمعُک اَنٛجام

أکی کھُبۆ أکی چوأکی ٹُل ءستی
آنٛزٕ مَنٛزٕ نأدِم گَو بَدنام

(۱۹۶۲ء)

# غزل

یاد تھَووٕنٛوم یِی گو مُشِتھ تی یِی مُشرایٕنوم تی پیٚوم یاد
سونہٕ سِنٛزِ ہانٛکلہِ منٛتر پٔری پٔری شرٕک مُشراوٕنٛوم تی پیٚوم یاد
سیر مُشِتھ گوم سیرُک مَشرَفہٕ گُکلہِ مےٚ باوٕنٛوم تی پیٚوم یاد
اکہِ دوہہٕ اَکھ تیوٗنٛگُل عنبگاوِتھ سُلہِ وُزناوٕنٛوم تی پیٚوم یاد
لَلہٕ تژاگس وأراگچِہ سرٕ ءِتی ووٚنہٕ وُزناوٕنٛوم تی پیٚوم یاد
شَبنَم سوٗنٛبرِتھ وَتہِ پیٚٹھ گنہٕ پھوٚل دوٚژھہِ دوٚژھہِ چاوٕنٛوم تی پیٚوم یاد
وأنٛجہِ ہُنٛد پھُٹمُت بَر مُشرِتھ مَن تنٛبہٕ لاوٕنٛوم تی پیٚوم یاد
لَز کأسِتھ نظرن لِیہٕ ترٛٛوٗپرِتھ میٚتہٕ پژٕ ناوٕنٛوم تی پیٚوم یاد
اَکھ اَکھ ہاوَس اَکھ بدلأوِتھ ژِھپہٕ ژِھپہٕ ہاوٕنٛوم تی پیٚوم یاد
گَم گَم دَم دِتھ ہَم ہُستی ہٕنٛدی دُنیا چھاوٕنٛوم تی پیٚوم یاد

أنٛدریٖم دود أنٛدرِمہٕ مَنقلہِ مَژٕ
ووٚنہٕ لَلہٕ ناوٕنٛوم تی تی پیٚوم یاد

(۱۹٦۵ء)



# وٕژُن

أنٛدی أنٛدی بال ووٕگنی تھزِ کارِ یَتھ ریٚشہِ وارِ وتھستا رأچھ
بَنہِ رٕژٕ رٕژٕ پتھ وَن وَن یارِ یَتھ ریٚشہِ وارِ وتھستا رأچھ
سونہٕ ہِنٛدی سنگر روٗپہ کوہہ مالہٕ مَرگہٕ تہٕ بال چھِ پوشی پوش
کولہٕ راوَن امربتھ نُٹ نارِ یَتھ ریٚشہِ وارِ وتھستا رأچھ
للہٕ واکھَن ہتی شرُکی دُردانہٕ ہیٚنٛدی مُسلمان ہَم آغوش
اَتھِ واس رٕژھرِتھ پتی مے پیٚارِ یَتھ ریٚشہِ وارِ وتھستا رأچھ

سورگہٕ ہَوا پژاران اَنوارِ ڈلہٕ بُٹھی بُٹھی کانٛہہ تھَوِ ہے گوش
ویٚتھِ بُٹھی بُٹھی شہرِ چھِ اَچھِ دارِ پژاران تھَونا دَے اَسہِ گوش

خانقاہ پربَتھ درشَن دارِ یَتھ ریٚشہِ وارِ وتھستا رأچھ
وتھ کھُرِ اَزتام پرِتھ أکِس ٹارِ پادشاہ رازو تھوٗس بوش

للتا دت بڈِپہٕ بڈشاہ گارِ
یَتھ ریٚشہِ وارِ وتھستا رأچھ

(۱۹۶۵ء)

# غزل

کُٹی تام وُتھ گمہٕ ناوِک منٛز گو بروٚنٛتھ زہر چوم
روٗدُم نہٕ پانٛس تام ییلہٕ تٔمی کٔر منےٚ نظر چوم
ساقی ژٕینٛے چھےٚ مولوٗم وَنےٚ کیاہ بہٕ اَمیُک راز
چیٚتھ چشمہٕ گٔیم مَس تہٕ وُٹھن گٔیہٕ نہٕ خبر چوم
تَس بال پٔرٲنٛتھ آو حاصِل تالہٕ پتو ٹوٗنگ
بےٚ جان، منےٚ کوٚر تاب پٔتٕن خونِ جگر چوم
یوٚت تام نہٕ بٔرتھ چانٛنہِ زِ مَس کھاسی منٛزٕ گٔن پھیری
منےٚ چھَ چانہٕ لٕچھ دٕریہٕ قطرٕ اَکھ توتام اَگر چوم!
نَنہٕ وانہٕ دیٚت تٔھم زِندگی ہُنٛد ٹیوٚٹھ تہٕ موٚدُر جام
بہٕ چھُ چون بجر میوٗن سہٕزر کوٚر منےٚ جگر چوم
ژٕ تہٕ شام و سحر نالہٕ رٔنٛتھ کوثر و تسنیم
منےٚ کوٚر گوناہ! اَلغاَبہٕ چھوٚنےٚ دامِ اَگر چوم
ییلہٕ نوٚو منےٚ اَشہٕ وانہٕ تہٕ ووٗشہٕ لیوٗو نٔتِس روےٚ
تیلہٕ کھوٚت فِراقس خُم منےٚ اَدِ سےٚ اَٹھ پہَر چوم
گمہٕ شوقہٕ ناٲدِم کھاسی بٔری بٔری ہیتھ چھُ وَنان سوز
منٛتہٕ توبہٕ موٚٹھم، روزِ پھٕٹم، گو منےٚ اَثر چوم

(۱۹۶۵ء)

# غزل

میےٚ تہٕ وُچھی، ژےٚ تہٕ سوٗنبہٕ رأوِتھ گُل
ژ ے چھُکھ عاقل میےٚ گوبُل
ہیکہٕ کھےٚ وأتِتھ جِگرس وات
دِل گو ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹ وُترٕ بُنُٛل
گتہٕ میٛون آلو دِگرُک تاپھ
کتہٕ چون مَنٛدٕ چھُن پونہٕ شہُل
اَز بیٚیہٕ مجلوٗنٛس لُجی پام
بیٚیہٕ گو کاوَس ستی گنہِ میُٛل
رٕتلہِ پتہٕ ییہٕ! ییہٕ نا گاش؟
وَنہِ کیٛاہ؟ یتہٕ کیٛاہ چھُنہٕ دُل مُل
نیٚترن مَنٛز یا پٔترن پیٹھ!
اوٗش گوم شَبنمہٕ کھوتہٕ أوُیل
نیرن وِزِ وأژ وُنہِ چھُنہٕ گاش
ییٚنہٕ وِزِ دوٗپ ہم وُنہِ چھا سُل
نأدمہٕ ییٚتہٕ روٗو غزلس مأل
گتھِ چانہِ نتہٕ آسہٕ پوشن ٹُل!

(۱۹۶۵ء)

# غزل

گُتُل مےٚ گَر چَو شراب بایوٚ مےٚ وارِ گَر پھوٚلی گولاب بایوٚ
أچھو دِژم وَتھ یتیم خوٗنَس اَٹَس مےٚ سُے کھوٚت ثواب بایوٚ

جِگر پڑژھان وَن بو پڑارِ کوتاہ دِلَس یِہ غَم لوٗسہِ أخرس شاہ
گِنڈان شوقَس چھےٚ سوپنہٕ مایا دِیِو سَوالَن جواب بایوٚ

تیٚمِس چھُہ زہرِ ہِلال ژھاران ہُمِس چھُہ وَتہِ پیٹھ صلیب پڑاران
بہٕ تے توٗہی ہیٚوٗ جدید بنہٕ ہا مگر یِوان چھُم نہٕ تاب بایوٚ

ٹھَبابہٕ وَرزِتھ پڑِس سَنُن گوٚژھ اِشارٕ تژ اٰوِتھ پوٚزُے وَنُن گوٚژھ
توٗہی أچھو پیٹھٕ نِقاب تُلِتَو! چھےٚ زِنٛدگی بے حجاب بایوٚ

گرا چھےٚ تھچہٕ مژ سو پڑأنی آشا ژھوٚرُے تَسلی، چھٕنی وومیدا
بَنیوو حسرتھ بڈیو تمنا مےٚ دولہٕ خابَن چھِ خاب بایوٚ

مےٚ تے رَچھوولول حُسنہٕ باپَتھ    مےٚ تے وِژوو ژُو جۆنۆنہٕ اَرزتھ
بنےٚ پَرٛتھ زَماناہ چھےٚ گَس گَسِتھ سَتھ    کَمِس اَچھن مَنٛز چھُ آب بابیو

اَثر مےٚ اَزلےٚ گٔیوٗ پانَس    وَپیوٗم بُتھ بَدلہٕ یتھ جہانَس
چھِ ناز پرٛاَنی نوٗس زمانَس    مےٚ دولہٕ خابَن چھِ خاب بابیو

یہِ ما چھُ ئلہٕ ٹھۆر اسی خیالَن    چھِ گاش اَستھ تہٕ ژونگ زالن
نتےٚ چھُ شنگرف وُزان بالَن    زبوان چھُ گاہ بے حِساب بابیو

اگر نہٕ مۆدُس وَنوٕ سورٕے    ژھنیوٗو کُمی کیازِ پان مورٕے
پھبیوٗو گُس روو گُس بچورٕے    گژھن چھِ کاَتیاہ حجاب بابیو

وَپیوٗم توہہِ سَتی دوہا بہٕ بَرٕ ہا    سہٕ پرٛاَنی پاَٹھن گتھا بہٕ گرٕہا
وُریبہٕ لَجہِ ووتھنہٕ بیٚیہٕ نَظر ہا    ژھیوٗتھ جۆنَس بہٕ شورٕ بَرٕ ہا
وُریبہٕ لَجہِ ووتھنہٕ بیٚیہٕ نظرہا
مےٚ دژاو گر زاٗنہہ حُباب بابیو

(۱۹۷۰ء)



# غزل

وُنہِ شاہ چھُ کھارُن، وُنہِ دَم گٔنڈارُن
کرِٛنجلوٚ کرِٛنجلوٚ آبا چھُ سارُن

جِگرَس تھوَوُن ڈٔکھ، موچھِ منٛز رَٹُن دِل
پارُد چھُ مارَن، پارُد چھُ مارَن

میٚتہِ بارِ تٔلی نارِ تٔتی کیاہ تھیکِے بو
یا شیٖن ماگُک، نتہِ تاپھ ہارُن

وٗلیٚ تو یہِ ریٖہہ دوزخٕچ آزماوو
اَلماس کارُن چھُ اَلماس کارُن

چَتھ ہوشہِ ڈٔول کانٛہہ، نہٕ چَتھ فِکرِ وول کانٛہہ
اَتہِ اور وَتٕھم یٖیتہِ کیاہ چھُ لارُن

بوزَو صُبحس تام کُس روزِ باقے
حالَس چھُ روٗتُل، حالَس چھُ پزارُن

ہا سوٗنتہٕ پوشو نأدِم منوشو
ژٔریٖتہِ موختہٕ ژارُن، مےٚ تہِ موختہٕ ژارُن

(۱۹۷۰ء)



# غزل

نظر وۄتہٕ لےٚ یہِ، گۄو گو آسمانَس
زٔمینگ فِتنہٕ پیٹھُرن پیوٚ زمانَس

فِرشتو ییُن گرٛزھُن ترٛوو کھ، ژٕ ٹکھ گَتھا
یہِ آدَم گتھ دِوان وٕنی پأنی پانَس

گرا اَسہِ کُن پھِرُن بُتھ، گاہ پھِرُن بُتھ
سبٕٹھاہ دۄ ربر چھُ مَنٛزِ وَہمَس گُمانَس

نزٲنی اَندر اَزانو زونہَس نا؟
ژِیےٚ گتھ اُنتھِم یہِ ناواہ درمیانَس؟

زیوِتھ کُج، مَرنہٕ وِزِ اَڈٕ کُج گٲیم گتھ
میےٚ گر اَند گوڈ لبیوٚ زانہہ داستانَس؟

یہِ ما أزی أزی چھُ بوٚڈ دوہہ سوٚنتھ کالَس
کوہو پیٹھی وُزِ ملو پیوٚمُت چھُ دانَس!

سُہ آو پوٚت کھورِ تتہِ گروِیٹھ ڈیشِتھ
دِپان ناٰدِم تہِ ژایو لامکانَس

(۱۹۷۰ء)



# غزل

کھسہٕ وُن ہرِ یہٕ تہٕ رامُن راج
وَسہٕ وُن ہرِ یہٕ تہٕ راوُن دۄد
پانٛ ژادَرِ گٔیہٕ أسۍ أسۍ نیٚل
تٔس نہٕ خبر کٔمۍ کوتاہ دۄد
أچھ نٕے تَل چھُم نَپہٕ نَپہٕ یاد
شپنہٕ کوہَو پیٚٹھۍ چون وَتہٕ پۄد
تَس پھۄر یاوُن آس نہٕ دژپٕٹھ
مے گو بُجرس پۄت میٛونڈ ہۄد
نظرن میٖل، وُزملہٕ گٔس پے
کٔمۍ لوے تیٖر تہٕ گٔس آو سیۄد
نبتھ نَنہٕ اَنہٕ گٹہٕ گٔیہٕ گُمہٕ سڑان
صُبحہٕ چہٕ دَمَدرِ نِش اوس گۄد
پَنہٕ نٕے کانٛڑھا نادِم صأب
توٚہی دیو زأنیُن میٚے چھُنہٕ ویوٚد

(۱۹۷۱ء)



# غزل

گَتہِ میٛون آلَو دِگرُک تاپھ
گَتہِ چوٗن مَنٛڈٕچھُن بوٗنہِ شِہُل
اَز بٕیِہ مجنوٗنٕس لُج پام
بٕیِہ گو کاوَس ءستیٛ کِنہٕ میٛلُ
روتلہِ پَتہٕ پیِہ، پیِہ نا گاش
وَنہٕ کیٛاہ پَتہٕ کیٛاہ چھُنہٕ دُل مُل
مےَ وُچھ ژےٚ یہِ سوٗنبہٕ رأوِتھ گُل
ژٕ ے چھُکھ عأقل مےٚ گو بُل
نیٛترن مَنٛز یا پٕترَن پیٹھ
اوٗش گو شَبنَمہٕ کھوتہٕ اُویُل
نیرَن وِز وأژ وُنہِ چھُنہٕ گاش
پینہٕ وِزِ دوٗپہَم وُنہِ چھا سُل
نأدمہٕ ییٚتہِ روو غزَلس مأل
گتھِ چانہِ نَتہٕ آسہٕ پوشے تُل

(۱۹۷۲ء)



# غزل

بێیہٕ آے ووتِلتھ پڑأنۍ ہاوَس
بێیہٕ مێون دِل وُپھٕ لأوِتھ گٔے

نأرَن نأرَن وێہہ پھِرِ نأوِتھ
دَزِوٕنۍ رێہہ زَن چأوِتھ گٔے

سوٗنتَس سَتہٕ رٔنگۍ سوٗنٛرول ہأوِتھ
ہَردَس زَرزَن پأوِتھ گٔے

اَزتام سأنۍ دِژٕے ہأوِتھ کُر
تختَن وَقتَس بأوِتھ گٔے

اَسہِ ییٚلہِ تیٚلہِ لٔج دارَس گُن وَتھ
کینٛہہ میٚژِ پھٔلۍ ووشہِ لأوِتھ گٔے

مُلہٕ تلہٕ بۄزِو پَنہٕ نُے چاربر
نیٚرۍ ہاپَتھ تَنٛبہٕ لأوِتھ گٔے

أسۍ وُنہِ پڑاران گرٛٹہٕ اَنوارے
تِم تھَپہٕ تھوسہِ گُل چھأوِتھ گٔے

تیُوٚ تاہ تیُوٚ تاہ روٗتُل زٕ ٹھیٛو
یُوٚ تاہ اَسہِ سَتھ تھاوِتھ گیہ
أندرِمی شَر گیہ أندری موکلِتھ
نیٚبرِم دَگ وُزناوِتھ گیہ
تیٚلہِ بوزَو ییٚلہِ اَنگ پیٚیہِ زَخمَن
گُل لالَن وِیٚہہ کھیاوِتھ گیہ
بَنٛدٕ پَژھ جِگرُک دود چھُہ باقے
دِلہِ کِس أنَس چاوِتھ گیہ
مَنٛد چھِتھ مَنٛد چھِتھ سوٗنتہٕ ہَواوَس
کیٚاہ تام گٔنٛز تٔلی باوِتھ گیہ
تٔہنٛزٕ دیاتِتھ روٗزنہٕ پَتھ کُن
یم أندرِم چھوکھ ہاوِتھ گیہ

(۱۹۷۴ء)



# غزل

باغ گَو نہٕ فقط کینٛہہ ٹۄرۍ تہٕ پوش
باغ گَو نہٕ محض شۆد سوٚنتہٕ ہَوا
باغ گَو نہٕ فقط پاں ژادرِ سوز
باغ گَو نہٕ پھمواَرن ہُنٛد مۆت شاہ
باغ گَو نہٕ اُلِف ہیٚو سَروِ رواں
باغ گَو نہٕ گُلن ہُنٛد رنٛگہٕ واہ وا
باغ گُیہِ نہٕ یہٕ بُنٛدِش ڈۄرِبن ہٕژر
باغ گُیہِ نہٕ خرامان آبہٕ جویاہ
باغ گَوٕ پتھرِس کھۆتمُت نچر؟
باغ گَو کوہہٕ پیٚٹھۍ یون وۆتھمُت گاہ؟
باغ گُیہِ پَژھ گُلۍ شیٚہجاَرس پیٚٹھ
پَژھ بول بوٚشُس ووٚنہٕ ژاَرس پیٚٹھ
باغ گُیہِ پَژھ جاناوارس پیٚٹھ

(شیرازٕ، جلد۱۲، شمارہ۳، ۱۹۷۵ء)



# غزل

کاشہہ کاشہہ گتھ چانٔی یاد پھوان چھُم ہنگہٕ منگہٕ چھُم کیاہتام گژھان
وأنجہِ ووٗبہٕ کنٔی تاپھ چھُ مَنٛد چھان بَرمَنٛدبن چھُم شام گژھان
تالو پچہِ پچہِ گژنٛد چھم راوان، بَنٛد بَنٛد چھُم ژلہٕ لارِ ژلان
لَر ترٛأوِتھ لَرِکانہِ چھےٚ پھوران، مُشی تھےٚ چھُم آرام گژھان
نأرن نأرن شاہ تَر تلخی، رُمن رُمَن أفینہٕ ٹیٚچھر
ہری گوگلس نگھِ شاہ چھُم ہوٚکھمُت، زیوٚ پیٹھِ تالَس ترٛام گژھان
سأری دوہ میأنی زَن مہابھارت، ساریےٚ رأژ چھَ رامایَن
نے چھُ ہمان جگرس مےٚ کرٛیشن، نہ چھُ دِل چون زانہہ رام گژھان
اَشہِ بِکس سوٚدرَس ژھانٹہِ بہٕ ترٛاہا گرٕ ہا بتھی درشُن چون
تیٚلہِ اوس اَوٕ باپتھ لوکچارَس زُو میٚون لوٚت پأٹھی گام گژھان
آس ووٗ دُم، گژھِ لوٗکھ وَدَن مےٚ، مانہِ تہٕ مطلَب لفظن روو
نہ چھُ ووٗنی کُنہِ آغازِ بے نظر، نہ چھُ ووٗنی کُنہِ أنجام گژھان
گبرن کوٚر اَکھ ہٕلی شُری بِنٛدُناہ صبرن دِژنَم زیوٚ لاگم!
دیپنہٕ کولَن ژول کیاہ ازتام، از نأدِم بدنام گژھان

(۱۹۸۰ء)

☆

# غزل

گُکلہِ جوراہ! مثدچھِ ہوٚت اِظہار روٗتُس راتھ تام
پوشہِ نۆلاہ! زم گرٚشِتھ آنکار روٗتُس راتھ تام

باغ اَژھ! سنگین دروازَس چھےٚ أندی پُکھی یوسمَن
سوٚنبری ءمتی چھِن شوقہِ مُشکنی دار روٗتُس راتھ تام

تنبہِ لأوِتھ ریٚہہ چھےٚ تیزاں ژھٹھ کڈاں گٔنڈی یِوان
أنہِ ہأوِتھ پوٚت ہوان چھا نار روٗتُس راتھ تام

لَوِ پھیٚر بوٚ تُج ژاکرِ ماثڈے أش پھیربن آلَو دِوان
موٚٹھ نہِ سنگرمالہِ وُٹھ کُمجار روٗتُس راتھ تام

گاش پھولہِ وُن باشہِ گرِوُن آش بُری بُری عأشہِ موٚت
نأدمَن تھوٚو رٔچھ گرِتھ گُلزار روٗتُس راتھ تام

(۱۹۸۳ء)



# غزل

یَنہٕ میۆن دِل دۄد تَنہٕ گیہِ وأنس
زبتہٕ چھُم جِگَرس ژھبتہٕ ما گو

ہے پَنہٕ ؤتھَرن وۄتھ تلہٕ واس
ہَے گُنہِ پوشَس گَتہٕ ما گو

تَسلا نَبضن، نَبضن گوس
اَدِ ژۄل یاوُن، نتہٕ ما گو

سونتہٕ ہَوا وُپھلیوُمُت شُر
خوش بویہِ بێنہِ پَتہٕ پتہٕ ما گو

گَتھ کتھِ پیٹھ ووسہِ آہٕژ زۆن
ژونگ مَزارَس ژھبتہٕ ما گو

تھاویوم رٕچھ رٕچھ موچھِ مَنز شہہ
یێلہِ گُل دژایَس پَتہٕ ما گَو

یتھِ گُنی نیرِ نہٕ پژژھنۓ اوش
أزی بتھی پھیُر شاہمتہٕ ما گو

☆

# غزل

لولہٕ مَتہٕ ہول مۆنگمےٚ ہَلَم دآری دآری
دۆد گریبان تہٕ گُمہٕ سٔری مےٚ دامَن سَپُد
ناو ہیۆتمےٚ نہٕ گَتھِ گَتھ خَبر ما گَرٕھم
لۆکھ گیلَن زِ وُچھ سأ وَناوَن سَپُد
وأنٕسہِ اَبرُو مےٚ کأنٕسہٕ کۆٹ اَکھ طَماہ
وَق مےٚ ووُتھم رٕنیوم اوم زَن پَن سَپُد
واے لوکہٕ چار! نُنٕدبون اَکھ مۆت سَحر
پوش اَکھ پھۆل تہٕ باسیوم وُنۍ زَن سَپُد
آمہٕ تاوَس تہٕ جَگَرس پیٔتم پأری زان
نارٕ تۆت کیاز ہَم راز قَدَمَن سَپُد
چون آنٕگنۍ پکَن وِگنہٕ وَنہٕ وُن بُتھ
زۆنہٕ گاشَس اِہ وِہ رات شامَن سَپُد



# غزل

آئگنہِ بَرِ پیٹھی بُتھ ووشلاوُن، سیر چھُ باوُن سرِ ثوٚبۄتھ
ہأنگنہِ موکھتہٕ چھُ پَشہِ پیٹھی ترٛاوُن، کوہ وبتراوُن سرِ ثوٚبۄتھ

اَپزِس پوٚز مَنہٕ سَرِ مِلہٕ ناوُن، پَلہٕ پیٹھِ چھاوُن سأد مکار
گراو گوٚنڈُن گنہِ پیٹھ اَبہٕ ساوُن، ووٚنڈٕ منٛزٕ ترٛاوُن سرِ ثوٚبۄتھ

لألہِ منٛد چھ ہی مالہِ چھِ باوِنی، منٛز ڈلہٕ ترٛاوِنی پرٕونی ناو
کالَس کوج گرِتھ ہوٚمہٕ راوُن، بوچھِ بوچھِ کھیاوُن سرِ ثوٚبۄتھ

کئدلہٕ بلَس تَل سون ووپداوُن، نارِ منَن ہیتھ زالُن پان
سینگ سرٛ یہہ منٛزلِس منٛز ساوُن، وٚیہہ کھٔبتھ ہاوُن سرِ ثوٚبۄتھ

نأدِم صأبَس سوکھ دوکھ باوُن، پان بناوُن یینگرتار
ژھیبھ دِتھ پانَس چَتھ شیٚہلاوُن، تن من ناوُن سرِ ثوٚبۄتھ



# غزل

پوشہِ کُلاہ پۆک کوچَو پأنَس ستۍ
یارِ کُلاہ نوِ واوَن کھۆت اَسمانَس ستۍ

ٹۆرِس آب، تہٕ آبَس کھُلہٕ سیماب بَنو
ژوو اَسُن کنہٕ تیٚنجو وۆ دُردانَس ستۍ

سپرس فاش سَپُد مَنٛز وَتہٕ پَرخاش ٹُلان
آبَس ناو بَدل وَنہٕ نوۆکھ سرٛانَس ستۍ

زۆنہِ أنٛدٕری کَنٛز پھلِ چھُ پھٹان، رتہٕ دأوی گوٚھان
نارِ مُہُل ژٕلہٕ لارِ چھُ پَنہٕ نِس دیٛانَس ستۍ

نُجدِ وَنٛک پمپوش چھُ لوٚلس رأچھ کرِتھ
وۆنٛنہِ کرکھ یِی لاے ژٕلان مستانَس ستۍ

نأدِم صأبَس خأدِم تورِ کی گرِ إٓتۍ
گُنٛزران چھِس چھَس أڈی جہِ کتِھن کَتھ تانَس ستۍ



# وٕژُن

گُنہِ گِنٛدِ باشو گُنہِ أشۍ دارِ اَدِ پھوٚلی وارِ سانے پوش
گیوٚو ییتہِ دٕدربو یِیہِ وَن ہارِ اَدِ پھوٚلی وارِ سانے پوش
یٔنٛبرزَلہِ وَنہِ کوٚڈ تٔلۍ ٹارِ روٗدُس پیارِ پَنہِ نُے اوش
گُمہِ ستۍ سَگہِ نآوۍ اَسہِ نٔژ نارِ تیٚلہِ پھوٚلی وارِ سانے پوش
حَبہِ خوتوٗن پژاران انوارِ تَس میٖوٗل روش شاہانےٚ
رَتھِ کھور کوٗشر تَمہِ اَچھِ دارِ، اَدِ پھوٚلی وارِ سانے پوش
گَمہِ تام سرٛ یہہ سَگہِ نوو اَسہِ پیارِ پرٛتھ کانٛہہ گَچھِ گُل مَستانےٚ
وَنہِ وُس دیٖدربو یِیہِ وَنہار، اَدِ پھوٚلی وارِ سانے پوش
ژوٗک تہِ موٚدُر تُل اَسہِ اَٹہِ بارِ سانے وارِ چھُ بَرنےٚ روش
گُنہِ اَسہِ وِنہِ ہونٛجہِ گُنہِ أشۍ دارِ، اَدِ پھوٚلی وارِ سانے پوش
یٔنٛبرزَلہِ ما لوٚب تٔلۍ ٹارِ، روٗدُس جانہِ جانانےٚ
سَر نوٚمرتھ یٖیلہِ کانٛہہ اوٗش ہارِ، اَدِ پھوٚلی وارِ سانے پوش



# سانیٹ

دوہہٕ اکہِ کوہہٕ پٔتی زۄن کھٔژ ژۄٹ ہِش
نالَس ژھێنہِ مَژ تَنہِ وژہِ ترٲوِتھ
روپہٕ تَنہِ ہَنہِ ہَنہِ داغ تٔژ رٲوِتھ
پَنہٕ پَنہٕ گاٮ۪ژ پوشرِ پۆٹ ہِش
زۄن کھٔژ ژۄٹ ہِش ٹھچہٕژ گۆٹ ہِش
زَن مۆزریٚنہِ گستام ژَھلہٕ رٲوِتھ
ٹھیکہٕ دَرَن اٴکی تھٔو پُشرٲوِتھ
پھُٹہٕ واٮ۪تس ستی روپیا کھۆٹ ہِش
زۄن کھٔژ ژۄٹ ہِش بوچھِ لٔج بالَن
اۆبرَن ہێژ ییٚنہِ گٔج ژھوٕراوِنی
وَنہٕ وِگنوٕ پیۆو زَن ووتھہٕ دانَس
بَتہٕ گلی زَن کھٔتی سنگرَ مالَن
مےٚ تہِ ہێژ فاقہٕ پھٕرِس شێچھ باوِنی
اٴچھ پھِری پھِری وُچھ میٚتہِ اَسمانَس

(کونگ پوش، جلد ا، شمارہ ۲، ۱۹۴۹، ۱۹۵۲ء)



## سانیٹ

ژٕ نے چھِی نا لولہٕ میٲنے یاد ژٕم دۄہ
گِنڈان اوس سون یاوَن ژۄ رِژۄرے
وُچھان أسی اَکھأ بِکس أسی دۄرِدۄرے
گَران أسی کالہٕ پٔکھ سُرٕ بَران ژھوٚہ
نہٕ آسُن کرٛوٗٹھ پیو ہارَس کوٗرُن پوٚہ
چھُنِتھ پَن پیو بہارَس لاوِ مۄرے
مگر وُنہٕ ژونگ لولک سانہٕ زۄرے
چھُ وُزٕ وان گاش گٹہٕ کارَس گران توٚہ
اَمی اکہِ گاشہٕ لِیہٕ تھٲو آش میٲنی
پَکان گو قافلا سانے اَمارُک
امارن لُج پھُلے نوٚو سونتھ ووتلو
گُلالَو پھولنہٕ وِزِ رُٹ ترٛاے چاٲنی
چھُ ووِش چون خوش ہوا سانے بہارُک
نُوس سمَیَس چھُ چونے نیک پَرتوٚ

(۱۹۵۴ء)



(سانیٹ)

# صُبحدم

صُبح دَم یُتھ چھُ پَرٕزھیوٚن گاشہِ تائرک
مُشِتھ گومُت چھُ شایَد کاروانَس
چھُ لوٚگمُت لأری یَنی بے چارٕ دائرک
پَنٕنی ژھاران دِوان وٕنی آسمانَس
گُلالن وُچھ تہٕ سیٛزَس گو تٔمِس داغ
پَتَھر شَبنم بٔنِتھ وولُن در آغوش
زٕمینَن دُعا کوٚرُس نٔوی نَس کُنِس باغ
تھَربن دُکہٕ ویر پییہٕ، ٹوٗربن تھَنےٚ پوش
نَبس پیٹھ اوس گٔن یون وۄتھ سبٕٹھاہ گو
کھوچَر تھَزرُک ژۄلُس مِلہٕ ژارسے مَنٛز
گُلَن مَنٛز گُل تہٕ لَوِ مَنٛز موکھتہٕ سَپدیو
حَیاتُک پیَے لوٚبُن گُلزارسے مَنٛز
عوامَس ستی یَس گو مێُل سُہ بڑۄنہہ پوٚک
بِدۄں یَس روٗد مَنٛزی لَس واتہٕ نےَ تھوٚک

(۱۹۵۹ء)

# سانیٹ

مےٚ گیہِ ووٚنۍ وأنس اَکھ یَتھ شایہِ ہۍ ہۍ
گرٚس پێنِس اَندر زَن اَکھ ووٚپرٚ ژھاے
اَبلوٗن دود حَدِ روٗس زےٹھ اوٗنہِ راے
سَمےٚ بہرٚوٗپی چھُ بُتھ پھِری پھِری گران وٕۍ
مَنَس پێنِس ژھێنیوٗ کوتاہ مےٚ ہۍ ہۍ
سَنی جِگرٚک دِلُک سرٚیہہ لولہِ ہُژ ماے
مگر اَتھ ترٚکر چھِسے وُنہِ ہیوٚر گٔنٔ تراے
یہِ اَز میچھر چھُ تَتھ پٔچھ چھےٚ ما چھِہ
اگر کانہہ شوق چھُے پرٚژھ تٔس تھوٚکُک ما
ژےٚ ما ولہِ بور گوٚے اَزپان پَنہِ ئُے
سَرَس مَنز باگ سَگہِ باپتھ ہوٚکھُک ما؟
ژےٚ گوٚے گرٚزنہٕ پھیرٚ ڈوٚلُے میزان پَنہِ ئُے
یَمَن سوٚنتن گرٚن اوس گٔیہِ گرِتھ کراو
ژےٚ وُنہِ خابو أندٕری خابَن گرٚن ناو

(۱۹۵۹ء)



# سانیٹ

پرٛتھ سمیَس منٛز ییٚتہٕ دیٛار گرِکھ یا روپھ کاٗرِتھ یا سون کاٗرِتھ
دیارٕ ستۍ دُنیا دارٕ زیوٗن اَپُز پوٚز گرِ گرِ ٹوٗٹھ مُدا
زَربائی ؤلیت طمہَس کھورُکھ کھناٗبِ سَجوٗدُکھ حِرص و ہَوا
شوٗقَس پیوٚو ییٚتہٕ صٕحراو کَڈُن کہَہ وَچھِ کھارُن پارُو ماٗرِتھ
خودار جوٗن کھوٚت تیٚلہِ وَرگس ییٚلہِ اَسمانَس کھوٚت پکھٕ واٗہرِتھ
تَنہٕ جامہٕ فقیٖری ہٕنٛدی لاگِن مَنہٕ وُزنووُن میٛوٗٹھ صَدا
پرٛتھ کاٗنسہِ ہیٛوٗے وَرتاو کوٚرُن سونہٕ روپہٕ گنہِ پرٛز دِلہٕ لولہٕ دُعا
گنہِ زُڈٕ زُڈٕ ہَنہِ ہَنہِ سنگلاخن پَتھ روٗدنہٕ گُنہِ گُنہِ دِل ہاٗرِتھ
تیٚمۍ خوٗنَن سَگہٕ نوو لولہٕ شماہ تَتھ ترٛناوِیا زانہہ ہَردِنۍ ژھَٹھ
تَتھ کیٛاہ گرِ شِشرُک زیوٗٹھ سَفر، تَتھ کیٛاہ گرِ واوِچ یاوِ گلَن
تَتھ خوٗنَس شولَن شوقہٕ مَلر، سودرن بوڈِ واٗلنٛج اَژِ نَٹھ نَٹھ
تَتھ خوٗنَس ییٚلہِ بَنہِ نارِ تیوٗنگُل، اَسمانکۍ تارَکھ تام اَلَن
اَتھ وُشکہٕ سوٚتَس وُنہِ سےٗ چھُ تَژر اتھ فُقرَس وُنہِ رِندانہٕ اَدا
وُنہِ وَتہٕ ہاوُک چھُکھ ذوقِ یقیٖن، وُنہِ عَربَن مَدتَس شیرِ خُدا

(۱۹۶۲ء)



# سانیٹ

مێہ گو یێژکال ووذٕ یَتھ بڑاڈِ کنہِ پێٹھ
وُچھان کر چانہِ پَشہِ پێٹھی کھێژ پێنِم زۄن
اَما دِی ما سَنا بارَو دِلُک خۄن
وَچھس پێٹھ زَن مێہ کێمُ ہم تھوِ نِلہِ وَٹھ
اۆبُر وۆہرُن ژوواپاسے کێڈن ژھَٹھ
چھۆگُن فرہاد ہے مێأنِس چھوگَن نۄن
ہُپأرِ کِنہِ کوچہِ اکہِ مێژرِ وُنگنہِ لۆگ ہۄن
دِنَن گێے کایناتَس ژایہِ نَٹھ نَٹھ
یہِ کێمُ وۆش تڑوو بھگوانَس گَرِن گڑاو
تلا کاژھا دِیوِ. وۆڈِ کِنہِ نظر یون
مُتِس ما کأنسہِ بێیہِ ٹُل مُت شُرہو ٹاو
دِوان ما دارِ پُتُر کِنہِ لأل کأنہہ گَن
کھێٹھ یۆسُف وَٹھ دامن زُلیخا
وَنَس مَژ ژھاے اۆش وَدراے سیتا

(۱۹۶۲ء)

☆

# سانیٹ

اَکھ واو رِنٛگا آیہِ تہٕ پھۄل زَن سون جِگَر
وٕزھ مُشکٕنۍ دار تہٕ لبہٕ گٲیہِ سوٚنہٕ سٕنٛزٕ طَرفاتَن
وُچھ میٛوٕٹھ سۄپُن وأنٛجہِ گَو دُب دُب اَڈراتَن
تَن نأوِتھ اَمرِتہٕ مَنٛز کھرٕٛوٕنۍ سأنۍ نَظَر
یکَدم دِیہِ نَفرٕژ ہُنٛد چَتھ کٕمۍ تام زَہَر
رۄٹ بیٚیہِ اکہِ وِزِ ویٚہہ پانہٕ ہٕٹس تَل شیوناتھَن
تُل لولہٕ وَتَن کُن شوخ قَدَم لُکہٕ اَرساتَن
لۄگ اَنہِ گٹہِ چاک گریبانَس ووٚسہِ آو سَحَر
ووٚنۍ گو یٕژکال میٚتہِ چکہٕ مَکہٕ اَتھ وَتہٕ وُچھنَس
مےٚ چھُ باسان زَنتہٕ پلٕثیومُت چھُس یَتھ شہرِ منٛز
تَمہِ آیہِ گٕژایہِ تہٕ ترٕایہِ چھُ اَسہِ بَس دٕژیہِ قسمَس
اَسہِ پٔرتھ وِزِ کۄر گانٛدھی وٕڈُرن کٕیٛت لٹہِ لَٹہِ سَفر
اَز ٹُلناٗو لاد تہٕ پٔرٕژھی تَو کأنٛسہِ ژٕ گُس با پٕچھکھ
پٔرتھ کأنٛسہِ چھُ موٚٹھمُت، مول وَنان "گُس چھُکھ، گُسُند چھُکھ"

☆

# سانیٹ

مےٚ وُنہِ چھِم یاد ژٕریشوٕے ساز چأنی
أدِر نظراہ، موٚدُر آلو، شٔبنٕم کتھ
رٔسٕج کأژاہ ـمےٚ گٔیہِ لوٚچ دِلٕچ وَتھ
پَتنٕچ پٔچ پأڈٕ رِکھ ہٕش زِندگأنی
أسِتھ زَن تاپھ نوٚن پیٚوٕ بڑأری کأنی
وٕسِتھ زَن کھور کوٚڈ بَردَن ہَناہ پتھ
ژٕےٚ ووٚش ترٕ ووٚتھ دِلن کٔڑ ووٚتھ گٔیس سَتھ
یِہےٚ کینٛہہ تاپہِ ٹٕچہِ کأینات میأنی
نَتےٚ ییہِ تہِ ہاوساہ اکھ آوسیومُت
ژٕ رُن سازاہ ضرب کھٔبتھ چھُس وُشنٕو لےٚ
چھتٕیمُژ شوخ تصویرٕچ جوأنی
مُژھٕیِل یاوُن سبٹھاہ پٔکِو پٔکِو بُلیومُت
تھٔکِتھ لوٚسِتھ تھوان رٔچھ رٔچھ پٔتِم شےٚ
یِہِ سوٚزٕل آسہِ ما پوٚت ژھاےٚ چأنی

☆

## نعت

سوٚنٛز تہٕ زٕچھ نظر مأرۍ موٚنٛد مُژھیٚل پژاگاش
ہوان چھُ کھونہِ کاینانٛس، گران چھہِ سپرٕن فاش
پٕزٕس دِوان چھُ کٔڈِل، باطنس تلان پُرخاش
وُزٕو چھُ عشق ہیٚچھان ییٚلہِ پکھن چھُ نیران واش
کڈان یَرادِ چھُ نُو وَتھ پکان چھےٚ بزٕو ٔتھ بزٕو ٔتھ آش
مَنٛدان چھُ عشق سَمنٛدر، عقل بَنان آکاش
سوٚنٛز تہٕ زٕچھ نظر مأرۍ موٚنٛد مُژھیٚل پژاگاش

ووتھان چھہِ ہٕنٛدرِ وَچھس منٛز قلنٛدری انٛداز
وَزان چھُ آرِ گرزان شانہٕ بوٚڈ تہٕ فقرُک ساز
بَران چھےٚ گوڈ ییٚلہِ ہمتس شرابِ فتح آواز
گوٚھان چھہِ ہَنہٕ ہَنہٕ اِفشاء موحبتکۍ سٔنٛز راز
تھَدان چھُ آدمی قد ییٚلہِ گوٚھان چھُ اِفشاء راز
ووتھان چھہِ ہٕنٛدرِ وَچھس منٛز قلنٛدری اَنٛداز

پَکان یہِ وبتھ ییٚلہِ اَسہِ کنٛہ نَوان چھےٚ سانٛی کٲشِر
پٔزِس پزِس چھُ گرٛشھان میٛل بنان چھُ میٛون ضمیٖر
سَگُو اُمی میٛتہِ دِل پھاٛنچھلوو چون ضمیٖر
سبٔھاہ وسیع چھُ اَمیُک سرٛ یہٕ تہٕ مایہِ ہوٚت تاثیٖر
تہٕ لاٲرجاہ و جلالس چھَ سانٛی نان تہٕ شیٖر
دُعا سلام اِلٰہیٰ ثواب خیر قوٚبوٗل
کٲشِرِ سانہِ ریٚشت ٹوٗٹھ فخرِ حُبِ رسولؐ

(۱۹۶۵ء)

☆

# کرٛسمس

دوسہِ تَل وأتِتھ زَن کاثپٔوس ہیٛو
اَتہِ اَنٛد پوٚکھ دَم پھُٹی شَہہ کھَسہٕ وَس
بَرٕ گومُت وَق ژھبتہٕ گومُت دوہہ
دوسہِ تأرٕم لاپٛتھ تہٕ روٗزِتھ گوس
گُلی تَنٛدلاہ عبتھٕ ٲنی، أڈی ژوی کرٛژ
سٲترِس پٲتھرِس مَنٛز نیرٕ رُوِتھ
پھَہہ کوٗٹِس وودنہِ، کأونہِ ہَتھ شَتھ
ژٛودِ لَجہِ مَرٕ گوڈٕ پیٹھٕ تِہرِس تام
گَلہٕ کنٕی چھِ کیٚنٛہہ اَویزان کیٚنٛہہ نَلہٕ کنٕی
کیٚنٛہہ پٲتھرِس چھُکرِتھ زَن پوٚہی پَن
ہَے بُنگہٕ ہیٛو اوٗسُس شاہ گُنٛزران
پیٹھی کنی آے جاناوار ژٕسِتھ
ژَرِ ہارِ بچارِ قُمری کرٛبکہٕ ناد تُلان

زَن ہَنگہٕ مَنگہٕ رؤٹ ہَس ژۄر کَران
گتہِ آم تہٕ پیٚوم ویت نآم ژتبَس
ہکہٕ ذیٚہنَس مَنٛز ووتلیٚوم ٹیۄٹھ دٕہہ
ٹکہٕ نأرَو مٔنٛزی زَن شور پۄکُم
ژَمہِ ژِھنی ژِھنی لاریم نارٕ تیٚوٚنگُل
سیٚنٛدِ گوس تیَٚ زَن وبگلِتھ گوس

(۱۹۶۵ء)

☆

# پیپہِ اَز لُجِکھ ہگھ

## عَرب مُجاہِدن ہِنٛدِ ناوِ

وڑاے تارَکھ بازَر کِنہِ ہَن ہِر
ہِرسأے تہِ ہَٹہِ ما وُژھ لوٗگن
گٹہِ گوپھِ مَنٛز کیاہ سَرٕ واَز سَپٕز
ژھوپہ گل گوشِچ بِنٛیہِ مَنٛزی کَڈٕ وَتھ
پوشِچ ژھوٚٹ واُنٛس صَچ گر
آکاشک ژیٛہہ گو گاشہِ وُری
نَتہِ کأنٛسہِ کوٚتاہ کانٛہہ سَبہِ تارُکھ
لبہِ قرَن گرٛنٛد، اَچھ ٹِٹہِ واہَرے
پیٛنٛد اَسَس دِتھ بیُٛوٗٹھ سون سٕمے
باَسِس گتہِ ویوٚپ اَہریٕز جلَن
کِنہِ واجَن پھٔرِتھ تیز دیٛتھ
اوہہِ ناَجَن بیُٛوٚن بیُٛوٚن وبگلِتھ سکھ
ماَدانَن سیکہِ رَتہِ دأوی پھُلے
نمرٛوٗدِنی دِمہ۔ فرِعَون اَہَم

اَز بێیہٕ اُج ہگھ۔ یوٗسُف چھُ ءکُنُن

کاںٛہہ ہیوٗ؟ ہێیو۔ کاںٛہہ ءکنہٕ وِءکنو

اَز بێیہٕ اُج ہگھ یوٗسُف چھُ ءکُنُن

ووزجو چشمو ہیۆت زوٗل گرُن

خَشمُک بُتھ بێیہٕ گو نارٕ تیوٗنگُل

یَتھ اَڈ کھوٗرِس سَمسارَس

گُنہٕ چھُنہٕ نارَس ژھٕبن

ہُتہٕ ژھیۆراوہَو رَتہٕ چھچھ دِی دِی

بێتہٕ نمروٗدو بێیہٕ ہُر دِژہَس

ووزجو چشمو ہیۆت زوٗل گرُن

خَشمُک بُتھ بێیہٕ گو نارٕ تیوٗنگُل

نمروٗدٕنی دَم۔ فرِعون اٲہَم

یِم گٔے کێنٛہہ ژِہی۔ کێنٛہہ آدمی ژِہی

وُنی اٲسی تہٕ وُنی زَن اٲسی نہٕ زاںٛہہ

پۆز گاشہِ وٗری چھا زاںٛہہ سورَن؟

زِندٕگی پگہٕ وِنی چھا کھور موٗرن

(۱۹۷۱ء)



# مُناجات

زیوٹھ یہِ صُحراو، یہِ صحٗراو یہِ صحٗراو
آش، ترٛہنٛد ناو، ترٛہنٛد ناو، ترٛہنٛد ناو

آب، زُوَن پاے، زُوَن پاے، زُوَن پاے
شوق، بےٚ پَرواے، بےٚ پرواے، بےٚ پرواے

عشق، بلاوپر، بلاوپر، بلا وپر
وَصل، یہِ شمشیر، یہِ شمشیر، یہِ شمشیر

میوٚن قَھا ژھوٚٹ تہٕ بےٚ پیَوٛند ژُھوٚٹے گرنٛد
چون رَضا، أسۍ چھِ رَضامنٛد، رَضامنٛد

خوٚنہٕ جُرِتھ چھوٚنہٕ، یہِ صُحراو یہِ صحٗراو
گاشہِ بُرِتھ آش ترٛہنٛد ناو، ترٛہنٛد ناو

(۱۹۷۱ء)



# اَز راتھ معراج

اَز راتھ کُیت ییلہِ مؤلہِ پٔٹھے پھشؤر گُلبن پےٚ
پٔچ شبنمٕچ شیٚچھ گاسہٕ کرٕچن زٕنتہٕ صُبحٕچ شےٚ
بُتہٕ رأژ بُر کھٔتی تہٕ مِیچھ زن پٔنٕچ آگے
یِم بے وَساہ أسی روت روٕتےٚ لُب تمو آگے
زَن آشہِ رَتنن آش مِیلتھ ژؤل دِلُک زَن ہول

لاچار سیکہِ پھٔلی اَز ہَژرلَد پان پرکھاوان
لوتہِ آیہِ ہَوا رِنگ ہوٕان پےٚ چھُ گتہِ طوٗفان
بُراتھ شوقہٕ چہِ ترٕکرِ تولان آسمانٕچ شان
زٕتنن چھُ تران فِکرِ، شفق کیاژِ چھُ شولان
ییٚمی ہیر پانس لأج تمی وَعدٕ پٔنُن پول!

یَتھ ژیر کُجہِ پوٚک لولہِ پےٚ تتھ زانہہ لگیا پیٚوند
شوقُک سٔدر چھنٕہ لٔہر موٚت نہٕ چھُ ساحلن پابند
ییٚمی لوٚب وُجوٗدُک آسمان تتہِ تارگن چھنٕہ گرٕند
اَکھ لاپنہ اَکھے ژیٛوٗہہ، نہٕ چھُس گوڈ تہٕ نہٕ چھُس اَند
ییٚمی لول بوٚر لولس تہٕ تمِس سٕتی پکان لول

یَتھ راٗژ سَحَر پزارِ چھےٚ سوے راتھ مۆدُر مَس
مُتۍ مُتۍ چھُ نیران شوق تہٕ بیدار گوٚھان حبس
ارمان ہیٚوان لۆب تہٕ نوان وُپھ چھُ زَن ہاوَس
پَتھ کُن چھُ روزان شہَہ چھُ ہیٚوان نامِ خودا بَس
اَتھ عالَمس یِم وأتۍ تِمو ژۆک تہٕ مۆدُر ژول

اۆ تام زَن چھنہٕ میأنۍ پلَن پۆز بےٚ فرمأوِو
کوٚتام کرِژِکھر ژالِہ أژِر سِپر مینٕتہٕ بأوِو
اَنزوان شوٚد پۆد آسہِ کانٛہہ تَس زان کرنأوِو
یَس ورِیٛنٛٹھ پیہِ نہٕ وَتھ تہٕ تِمَس پانہٕ وَتھ ہأوِو
نتہٕ شاعرا چھُس تارِ گۆمُت سُندٕ جہِ دِوان زول

(۱۹۷۱)



# حَمدُ

ژٕپرۍ سبٕٹھاہ ووُتُس

پڑھی ورٕاٮٕتۍ کھٔبتھ چھتھ

ہَے بنٛگہٕ مےٚز بان

وُٹھ پھِسراَرے

بیٛٹھُس لَبہٕ کُن

مَنٛز چھِتھ ، مَنٛزِ چھتھ

اَتھ پٹھِرِم

دسترٕ خان وَہروُ کھ

مَجماہ ووُتُم بڑٕ وٕنہہ کُن

بِسم اللہ تلمَس سَر پوش

اَتہٕ نہٕ کِہیں

دیگا کھٔرٕ...... مجمس پیوٚ چوٗنچا

کِہیں نہٕ چوٗنچا ،

کھوَت، قاب، پیٚپہِ تہٕ وۄکھ مےٚ، کہیں نہٕ

کھۄو مےٚ، کہیں نہٕ

وِزِ وِزِ آیہِ ضیا فُرٕ بزٕ وٕنہہ گُن

رَنگہِ رَنگہِ نیا مُرٕ

کہیں نہٕ...... کہیں نہٕ

چوٚنچوٚ چوٚنچوٚ

کہیں نہٕ...... کہیں نہٕ

میٚنٛڈِ میٚنٛڈِ میٚتہِ کھۄو

کہیں نہٕ...... کہیں نہٕ

کھتھ چتھ پوٚ رُم حَمدُ

وُچھ کوتاہ، کہیں نہٕ چھے وو پدیٚو مُت

اَز سَپُدس یٔژ کالکی بہٕ سیر

(۱۹۷۴ء)



# نعت

تصوٗر تُہنٛدِ رویٖک آو مُشخَص گو گولابَس رَنٛگ
تُہنٛدی پھولہٕ وِنی ڈیکَن دیٖت اوبروے گاشِری سنگر مالَن
لۆٚبِک پیٚ تُہنٛدِ سَروِ قامتُک قد وڑاو پانٛژالَن
تُہنٛدی والیٖل مویَن رأژ تھۆوسڑیہہ ماہتابَس رَنٛگ
تُہنٛز خوشبوے بوے عَنبرٕچ سوے آفتابَس رَنٛگ
تُہنٛز آواز عشقُک راز سٔدرا بأ گرِتھ پیٚالَن
تۆہی وُنی تو بہٕ اکہٕ ہۆت لوو دِل گمہٕ آیہٕ سَنٛبالَن
گربم نٔے لول اَتھٕ رۆٹ کیٛاہ لگہم دِلہٕ کٔمن حُبابَن رَنٛگ

پَزر ووُسی سمنٛدَر آنتہٕ رۆس نۆرٕچ علمدأری
یہِ میٛأنی ژھٹہٕ وأراَتھ مَنٛز یتھ بُٹھِس یا ہُتھ بُٹھِس اَسِن
چھُ آگر عالِم نۆرُک گُنٛۍ اَتھ مَنٛز وپَن سأری
جِگر بھرپۆر أسِتھ لول ہۆت ییٚس باسہِ تبتھ بأسِن
اگر وَچھ آسہِ بۆڈ لَچھ دأدی أسِتھ تَس چھُ گٔٹہٕ مَنٛز گاہ
تیٚمِس پۆز حُب چھُ تَس ستی رَحمتِ محمد رسول اللہؐ



# حُسینؑ

وُسوار یَراوِ، پۆختہٕ یقین، اَلماس جوٲنی، لولہٕ مۆر
راہبر ہمراہ اَکھ نامِ خودا وَتھ ہاوِنی کرٕ فولادی نظر
تیمی ییژھِ پۆژھِ وُزنوو سیکہٕ صحرا تتھ پۆژھِ دزامُت اَز تازٕ چھُ تر
پھرٕ کہٕ وُن پھرٕ کہٕ وُن گرٕ بکہٕ وُن گرٕ بکہٕ وُن تتہٕ پھوٗگرٕ وُن اَکھ سوزِ جگر
اَکھ برٕ بکہٕ قافلہٕ شوق پکان یہٕ چھُ عشق نہ اَتھ کانہہ خوف نہٕ ڈر
اَتہِ چھنہٕ گرٕ نڈ کاتیاہ ستۍ پکن، اَتہِ چھنہٕ غم کوتاہ زیٹھِ سفر
اَتھ خوٗنس وَنہٕ کیاہ خوٗن وَنا، ایمان چھُ پرٕ زلان لعل و گوہر
یم چھوکھ چھِنہٕ چھوکھ یہٕ چھُ سوٗنتھ اَسان، امرٕ بتہٕ شدرٕس کھُتۍ پوشہٕ یرٕ
ییتہٕ قول چھُ وَچھِ تلہِ لولہٕ ترٕر، ییتہٕ ترٕلیش ہمان چھتھ خوٗنِ جگر
اَکھ عزم چھُ شولان نارٕ تیوٗنگل، منٛدٕ چھان چھِ فراتکۍ آبہٕ مگر
اَتھ وَتہِ پیٹھ پوٗک شوٗد ساوِ جوٗن، پرٕ رِچ پرٕہ ہتھ بے واے حُسینؑ
اَتھ وَتہِ وُنہٕ مولا راچھ کرِتھ اَتھ شایہٕ چھُ موکلن پاے حُسینؑ



# نعت

## اِنتظار

گَل مےٚ گَنے یَم، یَژہ تَنٛبہِ لیَم
پُرژُنَم پژھِ ہوٚت پان، بۂ کیٛاہ گرٕ
وَژھِ وأنٛجہِ تام ہَولَس تَر دژام
دوٗپہَم یوٗرِ چھُ یِوان، مےٚ وُٚژھ تھَرہ
رُمہٕ رُمہٕ گاٚم گُمہٕ سرٛان، بۂ کیٛاہ گرٕ
حبسہٕ ہوش رأوِم، تھَپہِ تھوسہِ پرٛأوِم
چھَلہٕ چھانگرِ اَرمان تۂ چھورٕ چھورٕ
اَشہِ ستیٚ نأوِتھ وَتہٕ شیٛہلأوِتھ
پوٚرُم لَشہِ دود پان، تۂ زَرٕ زَرٕ
رُمہٕ رُمہٕ گاٚم گُمہٕ سرٛان، بۂ کیٛاہ گرٕ
رٕچھیٕتی سرٛیٚہہ ستیٚ، وَچھِ تلہٕ ریٚہہ ستیٚ
روٗژھ رُم موٚزریٚنہِ پان مےٚ نوٚ سَرٕ
موٚحبتھ میٚنتھ، نظرو وونٛتھ

وَتھرُم زَربفُو تھان، سُہ پیٛوم پرٕ
رُمہٕ رُمہٕ گآم گُمہٕ سرٛان، بہٕ کیٛاہ گرٕ
اَشہِ سَگہٕ پأژلُم، پَد پَدِ زاأژلُم
چشمَن ہنٛدی شمع دان مےٚ اَرٕ وَرٕ
جِگرٕکی نأوِتھ، داغ ووشلأوِتھ
آکھ چھم ژأنگی پرٛزلان مےٚ گرٕ گرٕ
رُمہٕ رُمہٕ گآم گُمہٕ سرٛان، بہٕ کیٛاہ گرٕ
وَق ووت، وِز ییِہٕ، دِیہٕ دَرشُن دِیہٕ
لَیہِ ہوٚت موٚت ذی شان، بہٕ گتہِ درٕ؟
گاشُر ساتھاہ، نوٗرٕ بَراتھاہ
نُمہٕ نُمہٕ سرٛیٚہہ شیٚہلان، مےٚ اُچھ دَرٕ
اوٗش چھنہٕ گُنہِ ٹھہٕران، بہٕ کیٛاہ گرٕ
پارٕدی زَن گآم پَران، بہٕ کیٛاہ گرٕ
لوٗلُس ما کھسہِ ہان، بہٕ کیٛاہ گرٕ؟
رُمہٕ رُمہٕ گآم گُمہٕ سرٛان، بہٕ کیٛاہ گرٕ؟



(۱)

گُلِ دوٚ ووٚدَن وَنہٕ کوٚڈ جافُر
آلَو دِیُتنَس برٕژو کھَنڈ پڑار
وُنہٕ وُچھ تاپَس رَنٛگ گَنہٕ تیٚچھن
وُنہٕ کیٛاہ ژیٛر تہٕ کوسہٕ ژٕلہٕ لار؟
دوٚپنَس ژےٚ چھُے ووتھہٕ وُن یاوُن
مےٚ ہا بَبہٕ سورٕیوو تیٚلہٕ لوکچار
ژےٚ چھُ ہَر دُک ہَر ہاٛنٛگُل چھاوُن
مےٚ چھُ مَٹہٕ سوٗتٕنٛز مُشکٕنٛز دار

(۲)

آبہٕ رِکھاہ اَکھ ہیٚرِ وٕژہ چکہٕ مَکہٕ
ہٕکھ تِلہٕ ما ہِتھ ووڈِ دِتھ تاج
وُنٛۍ کھَسہٕ وٕتھِ یپٕ، ییٚرِ گوٕ دُنٛیاہ
ییٚتہٕ یوٗگُن آسہٕ میٛونٕے راج
اَکہٕ دکہٕ ہَچہٕ کھٕنڈ نٕج سیکہٕ شاٹھَس
ژھوٚژرَس پوٚچھُر چھُنہٕ موحتاج

(۳)

راتچہٕ ژھوپہٕ دپہٕ تھَنہٕ پوٚ شبنم
وُتھرس وُتھرس گے گُمہٕ سرٛان
صُبحچہٕ زِزِ گیہٕ پوٚت وژھ پھیرِتھ
ییلہٕ تمۍ سُرِ دَگہٕ نِشہٕ دِتۍ پرٛان

(۴)

اَند گُن نبتھٕ نوٚن گُن زوٗن پھرٛستاہ
کاوَن نگھٕ ڈکھٕ کاواہ بَس
بونہٕ اٲکِس لٲج چھگ پنہٕ وُتھرن
شُرۍ کھیٚچہٕ اکہٕ کوٚر ٹاواہ بَس
لگہٕ لنجہٕ لِتھ وِتھ پانَس پانَس
کاوٕ ییٚنہٕ وول ژوٗل واواہ بَس
پھرٛستَن اٲندۍ پکھۍ وُنۍ دِتۍ واراہ
سُہ تہٕ ییٚہٕ دَیہٕ سُنٛد ناواہ بَس

(۵)

واوٕ رِنگاہ اَکھ وزٛاے یہٕ سائلس
مائلس گوٚتھ نَس پوٚ تَس مائل
نۍ طوٗفانَن پَنہٕ نِس ذائلس
تۍ گوس یَتھ تَس اُس نہٕ ہائل

(۶)

اۆبرٕ لٔنگا کھۆت وُلہِ مُنٛز بالَس
نالَس دِیُتنَس وُزمَلہِ چاکھ!
کھونہِ مَنٛز ہبنہٕ آو مَنٛز پانٛژالَس
زالَس لۆگ پیٛوس وُپھنَس ٹھاکھ!
گَتہٕ گنٛڈ ہیٛرِ گوس وۄتھ پاتالَس
موچھِ چیٛرِتھ ژھٔٹ شُری زَن باکھ
اَسہِ دۄپ گگہٕ راٰیاہ گیٛہِ حالَس
یۆت تام گرٕ پیٛیہ وأتِتھ لاکھ
یارَن یاراہ گرٕ اۆن سالَس
نو شیٛنَس کَمی پرٕژھ گَتہٕ زاکھ

(۷)

گُلی لَنٛجہِ نِشہِ گو ژھبنہٕ پَنہٕ وٕتھراہ
پیٛران تہٕ گیٛران پتھرِس پھو
وزمَنَن دۄپ یہِ چھُ میٛونے میٛتھراہ
اَڈٕہ ڈَنٛگہِ پٔٹھ ووتھ سُترِس پھو

(۸)

ووٚتھ کٔڈ سَرٕکہِ تہٕ گٔیہِ کوچَس کُن
تَتہِ آسی اَنہِ گٹہِ دِتٕۍ متی مۄل
بَر جوراہ آسی گنہِ گَن مِلوِتھ
لوتہِ لوتہِ گَتھٕ گَرنَس مشغوٗل
سٕرکہِ وُچھِتھ کوٚر دوشوٕے اَسُنا
کرٕہو باوَتھ تہٕ لَگہِ گَتھِ طوٗل
بوٗنہٕ ہی تھَرِ پیٹھ اوٗش پھیری زوتان
ہیٚرِ نَبہٕ سٕے پیٹھ تارَکھ زوٗل

(۹)

وُتھی دَگہِ تَل لُج بُزِنی لیٚجاہ اَکھ
بُتھ چھٔلی چھٔلی کھٔرٕش ڈَلہٕ دوٗنِ باے
وُمَرن وأتسَن ہٕندی مَتہِ کھٔتۍ متی
پاپ تہٕ پوٚنی تَس چھٔلنٕے آے
اورٕ آو گُس تام کھوٗشتا کوٚڈنَس
گترٕبن کیٚنژَن لوٚگ بٔیہِ آے
دوٕیہِ دوہہِ سَرٕ لوٚنگ لوٚگ مَنٛز کوچس
دوزخہٕ پیٹھٕ جَنتھ پٔدی ڈاے

(۱۰)

بۆڑہِ کھورا اَکھ وَتہِ پیٹھ پیۆمُت
اَسا وُہرِتھ ژھاران ترٛلیش
ہۆناہ اَکھ آو لَمہِ ناہ کوٚرنس
پھُچہِ مَرِ بُتھی کھَنٛجہِ دِیُٹھنس پھیش
ڈالا دِتھ نیۆن نالہِ اَکِس مَنٛز
ترٛیشہِ ہُتس دِوِ اَز پھٹہِ ترٛلیش
سیٛراہ اَکھ وُژھ بَڈِ ہَٹہِ گَنہِ گُن
ژِ تہِ اَڈ کھۆراہ، بہِ تہِ مہارأنی

(۱۱)

مُرژِ گرن اَکی تصوپرا گوٚر
تَتہِ گتھ گری گری بوٚرنس رَنٛگ
گتھِ گرِوِنہِ رَنٛگہِ ٹیٛچہ چھکرأوِتھ
نوٚن کوٚڈنس پژون اَکھ اَکھ اَنٛگ
بُتھِ سیوٚد تھَلہِ تھَلہِ وُچھنس پانس
رأوِتھ پژوۆن، پژأوِتھ ٹھَنٛگ

(۱۲)

گُہِ ریٚوٗنزا اَکھ ہاریو وَنہٕ کوٗڈ
دوٗرے بَڈٕ ہٕٹہٕ دِیُتنَس ناد
کیٛاہ با سُلہٕ وِلہٕ کوٚت سکھروٗتھ
کُس دَر دِل چھُے پیٚوٗمُت یاد
توٗہہٕ چھےٚ ہَرِچ سَن وٗڈراوِنی
مےٚ چھُ سوٚنتس سوٚنبرُن جاداد

(۱۳)

کورٕ لٹھَس پٮ۪ٹھہٕ مِیلہٕ چھکھاہ اَکھ
دوہلہٕ شوٚنگتھ لُج وورنہٕ راتھ
پیٚوٗم ژٕبتَس پھِرتَس ژٕج لاٗ رگتھ
وُچھنہٕ لجٕیو میٛتہٕ لُکہٕ ارساتھ
چھوٚت تہٕ کرٕہُن گیہٕ رَنگہٕ رَنگہٕ ٹھولہٕ ٹھول
پوٚز اَتھی پیٚٹھ چھےٚ ژٕرِتھ وُنہٕ ذات

(۱۴)

پَنہٕ پوشِرُ کوہہٕ داءمنی داءمنی
تھَرِ تھَرِ پھیران گرٕ نکھٕ آو
وَتہٕ وَتہٕ کوٚرہَس گُل بار پوشو
دوٚپہَس وَلہٕ بیٚہہ یاوُن چھاو

توہہٕ چھوٕ برٛم دِتھ یِم مٲژراوَن
مےٚ چھُ مولہٕ ناوُن ئلو چکہٕ چاو

(۱۵)

اَڈٕ رہتہٕ کالی موصُم پھرٛ بستَن
بَرگَن بَرگَن ئج زَن چھاۓنٕ
ژھاگِکو گٔرٛتام مَس وال رۄدِکھ
باقےٚ نیٚوکھ چھۓلی چھۓلی رۄدٕ وأنی
اَصلی بۆزِو أرِم پأرِم
راہ مُسأفِر ییٚتہٕ اَنزأنی!

(۱۹۶۳ء)

(۱۶)

کٔچھِ کُلی أکی پرٛژھ ژکھِ سان لبرس
تھأوِتھ ئلی میٚہ تہِ ڈنگ دِتھ کھور
بہٕ تہِ کرٕ ہا ووتھِ ٹِکھ ہش أندی پٔکھی
اَزمَوہا بہٕ تہِ زیوِٚ ہندی زور
رۄدٕ چھوٚلاہ پھوٕ، لبرس ژس گوٚو
لاینہٕ آو کٔچھِ کُل کتہِ کور
لبرس پننہٕ نِس صَبرس فی پھوٕو
کُل دِوٕ عأقل، بےٕ دِوٕ چور

(۱۷)

ژأنٛلکی تیپلن لوٚتہٕ ووٹ دامَن
بڑوٗڈ کوٚڈسوے تہٕ تہٕ گوٚٹ گوٚوگاش
پَنٕہ پوٚشرِی أکی مٔژرِی کوٚر گردِش
تارَس پیٹھ پیٛیہٕ اَڈٕ بُز آش
ژأنٛلِس شہہٕ گوٚو پتٔی یِی وُچھ وُچھ
اَنہِ گٹہِ أسی أسی تُل آکاش
نہٕ چھُ حَد وَدٔنس، نہٕ چھَ پَتہ اسٔنس
کٔمی ہور باز تہٕ کٔمی لوٚب راش!

(۱۸)

روٗدٕ پھوٚلا اَکھ وَتہِ پیٹھ اَند گُن
تاپنہِ ژٔنجہِ اوس گُٔزراں دوہ
ٹھیکہ دَژن أندی أندی چٹہٕ کھورُس
باجرٕ ستی میٚؤل سپدیوٗس کوہ
تیلہٕ سڑک أسس ڈیکہِ لیکھتھ
بڑکہٕ وِتھ ترٛووُکھ سپدُس توہ

(۱۹)

میٚژِ ستی مَشوَرٕ ییٚلہِ کوٚر پوشو
تتہِ کاُتیاہ رۄدی للہِ وان داغ
مَس کاُستھ کچھ رٕکھِ پٹھ لوگُھ
لُکھ چھ ونان ووٚنی شولیٖو باغ
چمنَن پیٹھی پیٹھی تاپھ چھُ لاران
شُہُل پتےَ چھُس لاُگتھ زاگ

(۲۰)

بالَو پیٹھ ووُتھ پری محل کُن
وبتھ بٹھی وژاو ساُلس واو
ہَچہ پھٔلی پنگتھا ستی ستی وژایَس
آبَس پیٹھی پیٹھی پرٕوٚنی ناو
یوٚن پہَن واُتتھ سیکہِ شاُٹھس لگی
حق پرٕزٕنووُکھ ہگھ پیٖوکھ ناو

(۲۱)

گُلو تہرِس ژایہِ صُبحاُے تھَرٕ تھَرٕ
تُمی وُچھ پتھرِس پیٹھ پنٕز ژھاے
اَسمانَس کُن نظراہ ترٛاُوِتھ
بُتراُژ ہیٚژ زَن تَس گنیہِ ماے

واوَن دمنہٕ نوو ہیٚرِ پیٹھ بون تام
دَگ ژاأجن پاأجس اۂبراے

(۲۲)

ناوِ نَمس چاۂنٹس گَنڈ پھِرِ وِتھ
ہاأنزن ٹِکلِس مَٹہِ تھُو خارِ
ۂگتھ آیہِ لوتہِ پاأٹھی ہتھٕ کھاأرِتھ پچ
وزٕسہِ اکہِ ٹِکلِس گو وَتھہِ وار
یُپ چھُنہٕ مانان شُپ بُتھِ تھاوُن
بَختس بود چھُے خدمت گار

(۲۳)

داربو یِکنی لجہِ دَرِ أچھ جوراہ
پہربو یِکنی پوٚک سوتٕہِ ہوا
مہریٚنہِ وَردَن وۂل وِرِ وارَو
نَژٕنَس روٕنہِ ووڑِ رنگہ واہ واہ
وُنی اوس موٚت چُری گُیش اَٹھارس
وُنی لگی پھاکو ہر نۂ صدا

(۲۴)

وَتہٕ پۆد اکھ اوس کھہہٕ منزٕ لاران
آرٕ بٹھِس نِشہِ گو روٗزِتھ
گامہٕ سڑک ہُمہِ بَٹھِ اَنہٕ نأوِن
کولہٕ تارس اَتھِ شێچھ سوٗزِتھ
آرٕ صدا پۆک وۄران گوران
شہرٕچ تہٕ گامٕچ شێچھ بوٗزِتھ

(۲۵)

پھرٛستَس پیٹھ کٔری ارٕسَرٕ کاوَو
بِلہِ بٔچرو أرِلس پأراو
گاسہٕ کرٛیچو دیُت اَٹھ گرٕ گرٛنس
پھاہ دیُت بٔچرِ تہٕ شہہ وۄتلیاو
سَتہٕ زاوَن ہٕنز کتھ نِیہِ اکہِ وُپھِ
پَتہٕ کتہِ وۄتھِ ہے سُرٕ بَنہٕ کاو

(۲۶)

واوس وَتہٕ پھیُر گو کتہِ تامتھ
منز وَتہِ پیٹھ لۆگ آوٕلِنس
پَنہٕ بٔرگو ٹُل چُرِی گیُش چُرِی گیُش

أنٛدرٕ أنٛدرٕ پھیران واوِ لِنس
گردِ غُبارس منٛزٕ ژاو شیطان
برمنٛدِ نبن لۆگ تاوٕ نِنس

(۲۷)

سوٗنٛتہٕ ہَوا پۄک سانی بَرٕ تَلہٕ
گُلہٕ مۄران اوس ماران پان
اَسہِ پُرٛژھ پوٗشَن کیٛا سأ سَپدیوٗ
تَم أسی لۆب گُن وُٹھ ژاپان
وَنہِ آیہ ہرٕدِچہ ہوچھِ مَژہٕ تژشہِ کینٛہہ
سوٗنٛتہٕ دوٗچھَن تَل کلہٕ ٹھاسان

(۲۸)

کژالہٕ سنگُر دژایوٗ ڈل سأٔلس
لۄگو وِزِ وِزِ ژُلہٕ ہَس بُتھ
کَنہِ شژان کۄرہَس کھُلہٕ رُدِ شژانوٗ
کھشبر بن تہٕ کھراشِبن وولُکھ وُتھ
میٛژ تھوٗو پان پنُن اَسہِ اَرزتھ
کتژِ بُنتھ گوس وَتہِ پیٹھ لیٛتھ

(۲۹)

تصویرس پیٹھ وَقتَن تھَکھ دیُت
اَکھ اَکھ گُل کھوٚت مُتۍ مُتۍ وڑاو
کاکد ورقس جنگُل سائٕنُن
تیٚمۍ روٗٹ وَتہٕ پوٚد سُے توٚت ژاو
پَنہٕ نی شَہہٕ کھَسہٕ وَس کھٕژ ورگس
نَتہٕ کتہٕ جنگُل نَتہٕ گُس واو

(۳۰)

ہَنگہٕ منگہٕ ڈیوٚٹھُم، رنگہٕ پژٕ زنوُم
ہکہٕ آم آلو شہہ گوم بنٛد
ناو ہبرٕ وِمَس پننی زیوٚ مےٚ
وُٹھ سُوِنَم بُتھِ دِژٕنَم پیٚنٛد
برمنٛدِنٕن روٗٹ اوٗنٛد پوٚکھ روٕتلی
وُزٕملہِ زَن ہیٚتۍ ہاوٕنی دَنٛد



# آرُت

مےٚ ووت واریاہ کال لفظن تُلہٕ ترٛاو گرِتھ نۆوۍ نۆوۍ نقشہِ گران مےٚ چھُ باسان لفظ چھُ مۆرَت تہٕ صَداتہِ، تہٕ خیالَن ہُنٛد سۆن ووگُن تہِ۔ امہِ علاوٕ چھُ لفظ اِنسأنی کلچرٕچ اَژھینٛز تۄ اَرتِخ تہِ۔ پَننہِ کأشرِ شأیری ہُنٛد پَتھ کال بَدِ کَڈِتھ چھُ تَنان زِ شارٕچ عظمتھ چھےٚ تَمیُک راوِ ژھوچر، زیوٚ پیٹھ کھۄتمُت گتھ باتھِ ہُنٛد لہجہِ۔ ووکھنیہِ ہُنٛد مۆدربر تہٕ ٹریجڈی ہُنٛد ضرب کھبتھ اِنسأنی تجربک سَنبر تہِ۔ یہِ عظمتھ چھےٚ اَز اوأیِل سانہِ شأیری مَنٛز۔ لل دیدٕ تہٕ نُنٛدٕ ریشی نبو واکھو تہٕ شرٛکبو پیٹھِ صۆفیانہٕ مۆسیقی تام یحاظ گرِتھ۔ یی داأیرتھ لیکھی مےٚ حأری ثاتھ تہٕ زِتنہِ تہِ پَتہٕ سۆترٕ تہٕ ووٚنی جاپأنی ہیکو طرزٕ کی ژھوٹہٕ آیہِ واکھ۔

(دینا ناتھ نأدِم)



# نادِم صابنہِ اتھہ لیچھمۍ طرحی غزل

خواجہِ محمد چھُ نواب — موٚمہِ رٕوٗ دتوٚتہِ موٚمے

اتھ پریزِ وَن تہٕ جواب — چاوموے جامِ جمے

ہُتہِ نٹہِ وارِ چھُ موے — ییٚتہِ نٹہِ وارِ چھُ آب

کمۍ کُس ہیوٚت حِساب — جاوموے جامِ جمے

نوٹ: 1959ہَس منز اوس کلچرل اکیڈیمی اکھ طرحی مُشاعرِ تہٕ طرح اوس روسُل میرنہِ اَکس مشہوٗر غزلہِ ہُنٛد شعار ''چاوموے جامِ جمے''۔ یہِ مُشاعرِ اوس ٹورسٹ رِسپشن ہال سرینگرس منز۔ نادِم صابَن لیچھ اتھ طرحس پیٹھ غزل ''ساقیا روزِ حساب، چاوموے جامِ جمے۔ چانۍ کنز دیُت مے جواب، چاوموے جامِ جمے''۔ اتھ منز لیٚوٗکھ کمۍ اکھ شعار ''سنسار چند چھُ نواب، سمہِ رٕوٗ دتوٚتہِ سمے۔ اتھ پزیٚشِ ون تہٕ جواب، چاو موے جامِ جمے''۔ یہِ شعر دیتٛھ نہٕ نادِم صابَس اتھ مُشاعرس منز پرنہِ تِکیاز میرزا کمال دین شیدا سیکرٹری کلچرل اکیڈیمی لیوٗکھ اَکہ سنزِ غزلہِ ''اِسکا جواب نادِم صاحب خود دیں سکتے ہیں۔'' امہِ کینٛہہ کال گژھتھ کوٚر کلچرل اکیڈیمی ایس۔ پی کالجس منز اکھ مُشاعرِ تیچ صدارت میر نصراللہ (یُس تمہِ وقتہِ سرینگرُک ڈی۔ سی اوس تہٕ بییہِ اوس سُہ بخشی صابن زامتُر تہِ) اتھ منز پٕر نادِم صابن یِم دوٚنوٕے مِصرٕ۔ میرزا غلام حسن بیگ عارفہٕ سُنٛد وُنن چھُنہٕ صحی زِ بخشی صاب اوس اتھ مُشاعرس صدارت کران۔ امہِ علاوٕ پٔر نادِم صابن یہِ شعار تہِ مُشاعرس منز:

وارِ کوٚر رہم اوٗش قطرٕ بن چالانہٕ دِلبرو
بٹہٕ
متبن زُلفہِ کی زولانہٕ دِلبرو
متہٕ کرتہٕ

طرحی مِصرٕ اوس غلام احمد مہجور سنزِ شاعری منز ژارنہٕ آمُت۔ (حسرت گڈہ)

# کِتاب نامہ


۱۔ واد، مدیر مسرت اقبال، جلد۳، شُمارٕ ۱۳، جون جولائی 1988ءٕ۔

۲۔ نیب، جنوری 1969ءٕ، نمبر 2، مدیر امین کاٰمِل، تژٕ نے رہتہٕ وار۔

۳۔ Gems of Kashmiri Literature by T.N.Koul, 1996

۴۔ ناگراد، نمبر 7، دسمبر 2007، ناگراد ادبی سنگم جموں۔

۵۔ ہمارا ادب، شخصیات نمبر 5، 1989ءٕ، جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۶۔ سون ادب، (کٲشُر) 1977ءٕ، کلچرل اکیڈیمی۔ سرینگر۔

۷۔ رِسالہٕ انہار، 2004ءٕ، کشمیری ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی سرینگر۔

۸۔ سون ادب، 1970ءٕ، مدیر عبدالخالق ٹاک زاینہ گیری، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۹۔ سون ادب، 1996ءٕ، مدیران بشیر اختر تہٕ عبدالغنی ندیم، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۰۔ سون ادب، 1976ءٕ (کٲشر زبان تہٕ ادب نمبر)، مدیر امین کاٰمِل، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۱۔ سون ادب، 1959ءٕ، مدیر امین کاٰمِل، اختر محی الدین تہٕ جیالال کول، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۲۔ سون ادب، 1964ءٕ، مدیر علی محمد لون، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۳۔ أزٕچ کٲشر نظم، شیرازٕ فروری 1967ءٕ، مدیر امین کاٰمِل، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۴۔ کونگہٕ پوش، 1949ءٕ تا 1956ءٕ، مدیر دینا ناتھ ناٰدِم، مہجور، مرزا عارف، سوماناتھ زُتشی، رحمان راہی، عزیز ہارون، نور محمد روشن وغاٰرٕ

۱۵۔ اُستاد، ترجمان آل کشمیر ٹیچرس ایسوسیشن، مدیر دینا ناتھ ناٰدِم۔

۱۶۔ کشمیری زبان اور شاعری، حصہٕ اوّل تا سوم، عبدالاحد آزاد، ترتیب کار امین کاٰمِل، محمد یوسف ٹینگ، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۱۷۔ پرتو، میگزین نمبر، نِشاط انصاری، دایرے ادب دِلنہ بارا ہمولہ کشمیر

۱۸۔ کاٲشرِ زبان تہٕ ادبک توٲریخ، ناجی منور تہٕ شفیع شوق، پبلیشر علی محمد اینڈ بک سیلر، سرینگر۔

۱۹۔ A History of Kashmiri Literature by Triloki Nath Koul, Sahitya Akademi, New Delhi. 2002

۲۰۔ عہد ساز ناؔدم، سی سر نمبر 4، ترتیب کار رتن جوہر، سمپرتی، جموں 2002۔

۲۱۔ انہار، جلد 1، شُمارٕ 2، ایڈٹر رحمان راہی، کاشُر ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی سرینگر۔

۲۲۔ جی آر سنتوش از جی آر حسرؔت گڈہ، فنکار پبلیکیشن ہاؤس سرینگر۔

۲۳۔ An Anthology of Modern Kashmiri Verse by Triloki Nath Koul, 1972.

۲۴۔ ترقی پسند کشمیری ادب، مشعل سلطانپورؔی، 2015ء، میزان پبلیشرس سرینگر۔

۲۵۔ سون ادب، 1980ء، مدیر بشیر اختر، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۲۶۔ کأشُر شیرازٕ، 1964ء پٹھ 1996ء ہَس تام، مدیر اختر محی الدین، علی محمد لون، چمن لال چمن، بشیر اختر، عبدالغنی ندیم، وغارٕ، کلچرل اکیڈیمی سرینگر۔

۲۷۔ کأشرِ ادبک فِکری پۆت منظر، خاص شُمارٕ انہار رِسالہٕ، کشمیری ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، سرینگر۔

۲۸۔ رِسالہ فنکار، ستمبر 1995ء، ترتیب جی آر حسرت گڈہ، محمد یوسف مسکین، فنکار کلچرل آرگنزیشن، سرینگر۔

۲۹۔ Kashmiri Poetry in Indian Poetry Today : III, ICCR, 1977, New Delhi.

۳۰۔ A History of Indian Literature Vol.VIII, Fase-4, Wiesbandan Harrassowitz, 1980 by Brij B. Kachroo, Printed in Germany, Sigel - HIL.

۳۱۔ Dina Nath Nadim by Triloki Nath Raina (1922-1916), Sahitya Akademi, 1998, New Delhi

۳۲۔ عالم کرِ یاد، جی آر حسرت گڈہ، پبلیشر ساہتیہ اکیڈیمی نئی دہلی۔

۳۳۔ شیرازٕ اُردو، 1962ء تا 2016ء، مدیر محمد یوسف ٹینگ، رشید نازکی، محمد احمد اندرابی، محمد اشرف ٹاک وغارٕ، کلچرل اکیڈیمی، سرینگر۔